# میر عبداللہ بیہقی

سُند

# کأشُر کُلیات

( ترٛۄشِ ہتھ وٚری برٛونہِم کأشُر منظوٗم اِسلامیات )

تحقیق تہٕ ترتیب

|

ناجی مُنوّر

# سَرنامہٕ

کٲشرِ منٛز دینِ اسلام کیو عالموتہٕ فاضلو چھُنہٕ تِتھٕ پأٹھۍ کٲشرِ زبأنۍ زاہ موزمُت یِتھٕ پأٹھۍ بیٚین زبانَن ہندی عالِم پننین زبانَن کُن توٗجہٕ چھِ دِوان تہٕ تِمن منٛز اسلأمی اَدب پأدٕ کران۔ سأنۍ مُبلغ تہٕ عالِم تہٕ چھِ مشیدَن تہٕ خانقاہَن منٛز کٲشرِ زبانہِ منٛزٕ وَعظ تہٕ تبلیغ کران مگر اَتھ منٛز لیکھن تہٕ پرُن چھکھ کسرِ شانے زونمُت۔ اہلِ سادا تو منٛز چھِ چھُرا اَکۍ زٕ نی یِزٕ محسوٗس کوٗرمُت زِ ماجہ زیٚوِ ورأے ہیکہِ نہٕ عوامس تام دینٕ وأتِتھ تہٕ تِم چھِ میر عبدُاللہ بیہقی۔ ( وفات ۱۲۲۶ھ )

حضرتِ شیخ العالمؒ پتہٕ چھُ میر عبدُاللہ دوٛیم فرد یُمی دینِ عام لوکن تام واتناونہٕ باپتھ کٲشر زبان وَرتاوٕس اَنۍ۔ سُہ اوس نہٕ پننِس باپہ صاحب میر عبدُالرشید بیہقی ہندی پأٹھۍ اکھ عارفِ باللہ تہٕ اکھ عالِم دینٕہٕ یوت بلکہِ اکھ پوٗز دینی شاعِر تہٕ یُمی نعت، منقبت تہٕ ذِکر اَذکار علاوٕ علمِ فقہٕ تہٕ واقعاتِ دین منظوم کرِتھ کٲشرِ زبان مالامال کر۔ یِتھ جایہِ چھےٚ یہِ گژھ تہٕ اَہم زِ یوٗہے میر عبداللہ چھُ سُہ عالِم یُمی گوڈنچہِ لٹہِ حضرتِ شیخ العالمؒ سُند کلام سوٗمبرِتھ رٕژھ ووٗمُت چھُ۔

یوٚدوَے یِمَن بٔر وٕنِہ تہٕ رێشِیٛ نامَن تہٕ نوٗرنامَن منٛز تِہنٛد کلام تہِ تِہنٛزِ زندگی ہِندِن واقعاتَن سٟتی جوٗرِتھ لیکھنہٕ اوس یِوان مگر میر عبدُ اللہٕ سٕنٛزِ ژھُلِٕنٛ ماجہ تہٕ حضرتِ شیخ سُنٛد بیشتر کلام سوٗمبراوِتھ اکھ علمی کارنامہٕ سرانجام دِیُتمُت۔

میر عبد اللہ سٕندِ کأشر کلامُک قلمی نُسخہٕ یوٚدوَے اورِ یورِ ژھینکرِتھ چھُہ مێ کٔر تِمَن سارِنٕے تام واتنٕچ کوٗشِش۔ یِمو قلمی نُسخو پێٹھ پیہ کُلیات ترتیب دِنہٕ آو تِمَن منٛز چھِہ سأنٛس بَڈٕ بُڈٕ بَب قدوٗس لون نِہ اَتھکی، ژوٗلگام کِس غلام محمدّ شیخ نِہ اَتھکی، کلچرل اکیڈمی منٛز میر خلیل تہٕ ریسرچ لایبریری منٛز ترال بٹہٕ پورکِس غلام الدّین نِہ اَتھکی قلمی نسخہ شامِل۔ یِمَن ادارَن منٛز کٲم کرَن والێن حضراتَن خاص پأٹھۍ غُلام رسُول بٹ، مولوی عبدُ العزیز تہٕ غلام نبی میر صأبن چھُس شُکر گُزار یِمو یِم قلمی نُسخہ مێ وُچھنہٕ خاطرٕ آیتَن تھاوی۔

کاپرَن      ناجی منوّر

اَوٕل جُلاے ١٩٩٩ء

# میر عبدُالله

کٲشیرِ ہِندیو اکثر تذکرٕ نویسو تہٕ تواریخ دانو چھُ میر عبدُالله بیہقی سُند ذِکر یَسلہِ پٲٹھۍ کوٚرمُت۔ مگر تمۍ کُم کارنامہٕ چھُ کٲشرِس اَدبی توارٖخس منز سرانجام دِتۍ متۍ تِمہٕ نِش چھُ وُنیستام سارۍ اَدبی حلقہٕ بے خبر، میر عبدُالله بیہقی سُند کٲشُر کُلیات بڑہ نِہٕ کُن یِتھ گژھہٕ تِہنٛد تعارُف یِتھ کنۍ زِ سُہ اوس کٲشرس منز گوڈنیک شاعِر یمۍ مثنوی یِہ لیچھ، مثنوی یَن منز داستان گوئی شروٗع کٔر، یِمۍ نظم گوئی ہُند وَس تُل، یِمۍ گوڈنچہِ لَٹہِ صوٗفیانہٕ وژن لیکھۍ تہٕ یِمۍ کٲشرِ زبٲنۍ منز ترجمہ کرنُک سِلسلہ شروٗع کوٚر۔ یِمو کتھو علاوٕ چھُ میر عبدُالله کٲشرِ زبٲنۍ ہُند سُہ زٕ کدَر اوسُمت یِمۍ حضرت نُندٕ ریشۍ سُند کلام گوڈنچہِ لَٹہِ کُلیاتِ کِس صوٗرتَس منز جمع کرنچ کوشِش چھےٚ کٔرمٕژ (یِتھ پیٹھ اَسۍ بڑٕ نِہٕ کُن کتھ کرو) کٲشرِس منز چھُ اَمۍ گوڈنچہِ لَٹہِ عِلمِ فقہ تہٕ باقے دینیاتُک چیز اَنۍ متۍ تہٕ یِمہ سارے کتھ زیرِ نظر تھٲوِتھ چھُ یقین زِ میر عبدُالله رَٹہِ کٲشرِس اَدبی توارٖخَس منز پنُن جایِز تہٕ تھوٚد مُقام۔ یِتھ کالہِ ما آسہٕ ہا تِہنٛز شاعری دینی تہٕ عِلمی مقصدو باپتھ یِرہٕ نہٕ تہٕ نقل کرنہٕ یِوان مگر اَزیُک تام چھُنہٕ کٲشرِس اَدبی سرمایَس سیٹھا لوٗبے خوٚتے تھاوَن واجبُٹ زانہٕ نیچ زانِہ کوشِش کٔرمٕژ۔ ساہنو تذکرٕ نِگارو چھُ لیوکھمُت زِ میر عبدُالله اُسی

عربی فارسی تہ کاشُر زبانن منز قریبن شیٹھن کتابن ہندی مصنّف مگر یتے وَنیہ چھُنہ تہندِن دینی کیو اَدبی خدمژن ہُنتی انصاف ہیکان سپدِتھ۔ یمہ ساریے کتھ مدِ نظر تھاوِتھ چھُس یہ تہندِ کاشُر کُلیات ترتیب دِنہ وِزِ اکھ فرحت محسوٗس کران۔

میر عبدُ اللہ سندِس آستانِ عالیہ مَنس پیٹھ یُس حاجی راتھرُن خانوارِ مجلس منز چھُ، حاضری دِتھ کوٗر اَسہِ تہندِ تبرکاتن ہُند زیارت تہ تہندِ روضہ شریفُک کتبہ کوٗر نقل۔

سیّدُ السادات نعمان زمان
میر عبدُ اللہ بے مثل جہاں
عقل در تاریخ شاں گردید تفت
آمد از غیبم ندا "مُرشد برفت" = ۱۲۲۶ھ

تہندِن تبرکاتن منز چھُ اکھ گول تراہ تعویز تہ، یُس تہندِن اخلافن منز کُھند تام چھُ مگر تہندِن خاندانی عقیدن ہُند چھُ پے دِوان، یتھ پیٹھ نوم زِ شعر کھنیتھ چھِ۔

قادری ہستم و غوثُ الثقلین پیرِ من است
سگِ آں شاہم و ایں سلسلہ زنجیرِ من است
قُرۃ العینِ علی سبط حسن رضؓ و آلِ حسین رضؓ!
دستگیرِ دو جہاں حضرت غوث الثقلین
(۱۲۹۰ء)

''مُرشد برفت'' حرفن ہُند ابجدی جمع چھُ ۱۲۲۶ بنان مگر تو یہ چھُ محی الدّین مسکینٛن یہ عبدُ الاحد آزادن تہندِ رحلت گژھہ نٕک سنہ ۱۲۲۲ھ (۱۸۰۷ء) درج کورمُت۔ یتھ جایہ کرو اَسی تمٕن کینژن تذکرن ہندی اقتباس درج یم میر عبدُ اللہٰ ہس متعلق لیکھنہٕ چھ آمتی۔

''میر عبداللہ بیہقی فرزندِ ارجمند میر عبدُ الرشید بود۔ بعد اکتساب علوم عقلیہ ونقلیہ تعلیم باطنی از والدِ ماجد خود حاصِل فرمُود۔ دَر ریاضات ومجاملات جانبازی ہا نمُود۔ وپس از انتقال مرشدِ نامدار مسندِ خلافت را رونق بخشید در افادہ خلق بسیار کوشید۔ طبعی موزوں داشت۔ کتاب قاعدہ الاعمٰی در علم فقہ منظوم ومقامات عشرہ درجواب اسولہ بابا عثمان رادھو منظوم ورسالہ معراج السالکین منظوم ونخلتہ العرفان در تصوف وقصیدہ بدر الدّجیٰ عربی وقصیدہ استغفار عربی ورسالہ ہائے متفرقہ از تصنیفات اوست۔ نہم محرم یوم دوشنبہ سنہ ۱۲۲۶ھ رحلت نمود وہمدوش والد ماجد آسود۔ ''مرشد برفت'' تاریخ است

(تاریخ حسن۔ جلد سوم نقل از قلمی نسخہ اصل)

ریسرچ لائبریری کشمیر یُونیورسٹی سرینگر

۲۔ تاریخ کبیرس منز چھُ محی الدّین مسکین یمٕن متعلق لیکھان:

میر عبداللہ بیہقی فرزندِ سعادت مند میر عبد الرشید بیہقی است۔ در علوم ظاہری وباطنی کاملی وفاضلی ومردِ عاملی بود۔ پس از کمالاتِ ظاہری وباطنی کردہ در افادہ واضافہ کوشید وبر مسند ارشاد وجادہ

طریقت نشستہ طالبان را بدرجہ مطلوبیت واصل میساخت و بمرسل رسانید۔ رسالہ ہائے بسیار از تصنیفات آں ذوالاقتدار در روزگار یادگار است۔ از انجملہ معراج السالکین منظوم و مقامات عشرہ درجواب و سوالات بابا عثمان رادھو نظم و نثر، کتاب قاید الاعمیٰ منظوم در علم فقہ و قصیدہ بدر الدجیٰ عربی و قصیدہ استغفار ایضاً عربی و نخلۃ عرفان در علم تصوف و عقاید کشمیری و ترجمہ مختصر وقایہ منظوم بزبان کشمیری وغیرہ است۔ خلاصہ آنکہ لاثانی بود۔ بتاریخ نہم ماہ محرم الحرام یوم الاثنین سنہ یک ہزار دوصد و بست دو از دُنیائے فانی بسرائے باقی انتقال نمودہ در مقبرہ والد ماجدِ خود آسود۔"

۳۔ غلام محی الدّین صوفی چھ پننہِ تصنیف "کشیر" منز لیکھان :

"Mir Abdullah Baihaqi who was the author of 'Kashir-Aqa'id (a masnavi) and Mukhtasar Waqayah' (a religious poem died in 1807 A.C. (Vol II- pp 404-5)

۴۔ عبدُ الاحد آزاد مرحوم چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" منز لیکھان :

"کشمیر کی تاریخ میں بیہقی خاندان کی حیثیت نُمایاں ہے اور اس خاندان کو علم و فضل سے خاص نسبت ہے۔ تاج الدّین بیہقی، مبارک خان بیہقی، سیّد محمدؐ بیہقی جیسے نامور اسی خاندان کے چشم و چراغ گزرے ہیں۔ چک خاندان کے عہد میں مبارک خان بیہقی حکومت کا خاص رکن تھا۔ سیّد محمد بیہقی کی صاحب زادی زین العابدین بڈشاہ کے نکاح میں تھی۔ میر عبدُ اللہ بیہقی کے والد کا نام میر عبد الرشید بیہقی تھا۔ صاحب علم و فضل اور اہل قلم صوفی تھے

ان کے تصانیف کی تعداد ساٹھ تک بتائی جاتی ہے۔ کشمیری زبان میں عقاید منظوم اور ترجمہ مختصر وقایہ منظوم لکھے ہیں۔ ۹، محرم الحرام ۱۲۲۲ھ کو اِس دُنیا سے کوچ کر گئے ہیں۔"

یتھ شایہ چھُ یہِ سوال وَوتھُن اکھ لازمی کتھاہ زِ یتھ میر عبدُ اللہ بیہقی ییتِ اہم صاحب علم و فضل اُسی۔ تِم چھِ ییتہِ وَقتہٕ شہر و گام سہتھاہ نامی تہٕ اُسی متو۔ تہندِ ین تصنیفَن ہندی نقل چھِ جایہ جایہ سپدان اُسی متی مگر ییتہٕ چھِ تہنز شاعری کیو باقی کارنامہٕ نشر اوہٕ آمتی تہٕ ازکل چھِنہٕ ادبی حلقَن منز تہند بھرپور ذکر تہٕ کرنہٕ یوان۔ سارِوے تذکرہٕ نویسو چھُ کم و بیش ہوی جُملہٕ تمَن متعلق لیکھی متی تہٕ تہندِ ین محض دون کاشرِ ین رسالَن ہُند ناو ہیو تمُت۔ 'عقاید' تہٕ 'وقایہ'۔ آزادَن چھُ صرف 'عقاید' رسالہٕ منز تہند نمونہ کلام دِتمُت تہٕ وقایہِ نظمہٕ ہُند ذکر چھُ پرتھ کانٔسہ رَسمہٕ موجُب کورمُت۔ شاید چھِنہٕ آزادَن تہٕ عقاید کشمیری وُرائے تہنز باقی کاشر شاعری وُچھمژ۔ محی الدین حاجنی مرحومَن چھِنہٕ 'کاشر شاعری' شعر سومبرنہٕ منز تہند ناو تہٕ ہیو تمُت۔ کتھ چھےٚ صاف زِ کاشرِ ین کتِہ ہَن نامعلوم شاعرَن ہندی پاٹھی چھُ میر عبداللہ بیہقی سُند کلام قلمی نسخن منز بے ژھیپہ دِتھ روُدمُت۔ اَتھ چھِنہٕ ونیتام تہٕ چھاپ خانک گاش پیومُت تہٕ نہٕ چھُ اھلِ سادات حضرا تو اَتھ کلامَس ہوالگنہٕ دِیتمُت تہٕ اوس یہِ کلام نٹین نارِ ین کھسنَس لایق تیکیازِ امہِ کلامُک بوڈ حصہٕ چھُ دینی شاعری ہُند۔ صوفیانہ وژَن چھِ کم تعداد منز۔ ییر کِنہٕ تِمَن تذکرہٕ نگارَن ہندی حوالہٕ دِنہٕ آیہٕ تِمو تہٕ چھُ بیہقی ہندِ ین باقی کمالاتَن ہُند ذکر کورمُت تہٕ وونمُت زِ تِم اُسی شیٹھ پیٹھی کتابن ہندی مصنف

مگر صرف ژھکھ تہندِ بِن کاشُری پاٹھی لیکھنہٕ آمتین دۄن رسالن ہُند ناو درج کۄرمُت۔ کتھ چھے شاید شرِے زِ کاشُر زبانی ہُنز اہمیت اُس نہٕ یمن تذکرٕ نویسن نِش جاد۔ پانہٕ سیّد حضرات تہٕ اُسی نہٕ کاشُر زبانی جادٕ مازان۔ یوٚد وٕے تم شبن ستن ہتن وٕری ین کٲشیرِ ہندِس علم وادبس تہٕ سیاستس پیٹھ ژھیدُن گرِتھ رٕفود خاص کریم بیہقی خاندانکی سادات اُسی گوڑ پیٹھے کٲشیرِ ہندِس سیاستس منز اہم رول ادا کران۔ یم بیہقی سادات کم اُسی، یتھ جایہٕ کرو اُسی تو ارٕخی کتابو منٛز یہُند موختصر خاکہ پیش کرنٕچ کوشش۔

ایران کِہ نیشاپور شہر کِس مغربس منٛز چھُ اکھ لوکُٹ ضلع بیہق۔ امی ضلعُک اکھ سیّد زاد سیّد محمّد بیہقی آیاو تمن ساسہ بدٕن ساداتن ستی کٲشیر یلہِ ایرانس منٛز امیر تیمور (یا تیمور شاہ لنگ) ینٛن طاقت ہُرراوان اوس۔ تیمور شاہ اوس اکھ موغل سپہ سالار یُس ۱۳۳۵ء منٛز سمرقندٕ زاو۔ ماجہ ہند طرفہٕ اُس تس چنگیزٕ خانس ستی رلان۔ سمرقندس منٛز کٲفی فوجی طاقت حاصل کرِتھ کوٚر امیر تیمورن ایران، خراسان تہٕ ترکستانُک بوٚڈ بار علاقہ فتح تہٕ پتہٕ ینٛن افغانستان تہٕ ہندوستان کُن تہٕ پنٛنی پنجہ وَہراوِنی۔ اتھ زمانس منٛز اوس سارٕ سے وسطِ ایشیاہس منٛز زبردس تلاطُم وو تھمُت تہٕ افراتفری بر پا سپٕز مٕژ۔ تختن تہٕ تاجن اوس تاراج گژھان۔ اتھ علاقس منٛز بسن وٲلی سیّد حضرات اُسی دینی تبلیغس منٛز آورٕ۔ ینٛن عزّت بچاونہٕ خاطرٕ تہٕ اسلامی مشن برٕ ونہٕ پکناونہٕ خاطرٕ آیہِ تم کھیجو وأرٕ ہندوستان کُن۔ خاص پاٹھی وُچھکھ کٲشیر منٛز پننہٕ خاطرٕ سازگار ماحول تکیازِ یمنے دُہن لینہٕ ۱۳۲۹ء منٛز

بیوٚ سٕتھ کٔشیرِ ہندس تختس پیٹھ تبت پیٹھ آمُت اکھ شہزادہ ریٚنچن شاہ یُس شرفُ الدّین بُلبُل شاہ صاب نہِ دٔسی مُسلمان بنیوٚ تہٕ صدرالدّین ناو پرٛاوِ تھ بنیوٚ تیتِھ گوٚ ڈنیک مُسلمان بادشاہ۔ اَمہِ پتہٕ یعنے ۲ ،۱۳۷۲ ہس منٛز وٲتی یوٚت حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رحؒ تہٕ کٔشیرِ یِمہٕ کنہِ بینہِ تہٕ اِسلامی تہذیب پھٲنچِھلن ہیوٚ تن ، خاص کر یِنِلہِ حضرتِ امیرِ کبیرن رحؒ ہندی فرزند میر محمد ہمدانی رحؒ ہتہٕ بدین ساداتن ستیٚ یوٚر آے۔ یِنیتیک وۄتھن بہُن تہذیب تمدّن بدلیوٚ یکسر۔ اکھ نوٚو تہذیب آو بارسس یتہ منٛز نہٕ کانٛہہ زور زبردستی اُس بلکہ فقط ماتے تہٕ محبت۔

کٔشیرِ منٛز اوس بیہقی ساداتن ہُند جد سیّد محمد بیہقی یُس حضرتِ امیرِ کبیرن رحؒ بزوٚ نِہے کٔشیرِ وۄتمت اوس تہٕ یِتہِ کِس سیاستس منٛز اوسُن سیٚتی عمل دخل ہیوٚ تمُت دِیُن تہٕ شاہمیری دورس منٛز اُسی نظام حکومتس منٛز بیہقی سیّد خاص حِصہٕ اداکران۔ مثلن اٰمی ہے سیّد محمد بیہقی ہٕنٛز کوٗر اُس سُلطان زینُ العابدین بڈشاہ ہٕنٛز دٔیِم خانہٕ دار ینٛیمہ سُند مزار آزتہٕ مزارِ کلان یا حضرتِ بہاالدّین گنج بخش ہندِس آستانس نِکھہ بیہقی ساداتن ہٕنٛزن قبرن منٛز باگ مخدوٗمہ خاتوٗن بیگم سُلطان بڈشاہ کہ ناوٚ موجود چھُ۔

اَمہِ پتہٕ روٗدُک خاندانِ کِس حکومتس منٛز تہٕ بیہقی سیدن ہُند خاص حِصہٕ۔ علی شٲہن اوس پنُن وزیرِ اعظم سیّد مبارک بیہقی مقرر کوٗرمُت تہٕ یتھ کٕنی چھِ کٔشیرِ ہندِس توارٛیخس منٛز وارہ سیاسی منتظم، عالم تہٕ فٲضِل اٰمی خاندانکی وۄتھی متی۔ اٰتھی بیہقی قبیلس منٛز اوس اکھ عالم فٲضِل تہٕ خُدا دوس میر عبدالرّشید بیہقی تہٕ یُس سانِس گوڈنکس کاشُر زبٲنی ہندِس مثنوی نِگار تہٕ صوٗفی شاعر

میر عبدُ اللہ بیہقی سُند والدِ بزرگوار اوس۔ کشیر ہندیو تواریخ دانو تہ تذکرہ نگارو چھُ میر عبد الرشید بیہقی سُند ذکر تہ بڈ ادبہ تہ احترامہ سان کورمُت۔ محی الدین مسکین چھُ تواریخِ کبیرس منز لیکھان :

"میر عبد الرشید بیہقی فرزندِ ارجمند سید احمد بیہقی بن سیّد محمد ابراہیم بن سیّد مُبارک خان کہ اصفاد سیّد تاج الدین بیہقی بود ۔۔۔۔" ماجہ ہندِ طرفہ اوس یمہ ہند سلسلہ دوارکی سادا تن ستی رلان۔ ظاہری علم حاصل کرنہ پتہ کُرِکھ سُہروردی سلوکچ آداب پننس بڈ ی بُبس نش حاصل۔ واریاہس کالس رُوُدی ژارِ شریف کس علاقس منز گوپھن تہ غارن منز یادِ خُدا کران۔ تم اُسی مسکنت پسند ...... غرض میر روشن ضمیر اُسی پننہِ وقتکی قوطب۔ لوکن فائض واتناونچہ وارا ہ کرامژ چھہ تہندز مشہور۔ تم چھہ ۱۱۸۰ھ (۱۷۶۶ء) منز یمہ عالمہ گُزرے متی تہ خانوارکی مجلس منز چھہ کولہ ہندس بٹھس پیٹھ حاجی راتھر کدلس نزدیک پننس گرس نزدیکے آسوُد۔ تہندس آستانِ عالیہ ہس پیٹھ حاضری دِتھ کوُر اسہ تہندِ سالِ وِصالک یہ کتبہ نقل :

سید برحق رشیدِ پاک زاد
بوُد اندر اولیاوے غوث و فرد
گفت تاریخ وصالش ہاتفی
قطب عالم جاں بہ حق تسلیم کرد

(۱۱۸۰ھ)

میر عبدُ اللہ بیہقی تہ چھُ پننن تحریر کری متین شجرِ جاتن منز پننس

والدِ بزرگوار میر عبدُ الرشید بیہقی سُند ذِکر سیٹھاہ ادبہ تہ احترامہ ستی کران تہ تمین پنٕنہٕ وقتُک قوطب تہ غوث وَنان۔ مثلن سِلسلہٕ نقشبندیہ کِس شجرَس منز ؎

ہم بہ آں خواجہ مرادِ بامُراد
ہم باں سیّد کہ دارم رَہنما
قطب دوراں غوث وقت خویشتن

سیّد عبدُ الرشید پارسا
ہم باں ہادی با علم و عمل
میر عبدُ اللہ با صدق صَفا

سُہروردیہ سلسلہ کِس شجرس منز چھِ لیکھان:
قطب دیں غوث زماں میر کرم
سیّدِ عبد الرشیدِ باعَطا

کبرویہ سِلسلہ کِس شجرس منز:
واقفِ اسرار حق شیخ زَمن
سیّد عبدُ الرشید باتقاء[۱]

یمنے میر عبد الرشید بیہقی ین ہندی فرزندِ ارجُمند اُسی میر عبد اللہ بیہقی یمن ہنزِ شاعری ہیٹھ اُسی بڑ وٕنہ کُن کتھہ کرو۔ تذکرۃ الاولیا ہَس منز چھُ درج زیہُند اکھ فرزند میر نظام الدّین بیہقی تہ اوس اکھ تھدِ پایک شاعر ـــ

---

۱۔ قلمی نسخہ شجرہ جات سُہروردیہ، کُبرویہ، نقشبندیہ وغیرہ ـــ ناجی نوادرات گنجینہ کاپرن

سُہ اوس تھدِ پایُک پرہیزگار تہٕ۔ سُے اوس میر عبدُاللہ بیہقی سُند خلیفہ تہٕ۔ تہُند تصنیف چھُ اکھ رسالہٕ عقل وعِشق۔ تِم چھ پنٛنِس بڈٕ بٲبس پتہٕ برابر اکھ ہتھ ؤری یعنے ۱۲۸۱ھ منز گزرے متی۔ لفظِ "فارع" منز چھُ تہُند تاریخِ وفات نیران۔ میر عبدُاللہ سٕندی بنٛتھر میر مُبارک بیہقی تہٕ آسی تھدِ پایکی صوٗفی تہٕ عالِم۔ تہندی دوٛیم فرزند میر خلیل اللہ بیہقی تہٕ آسی کاشرکی شاعر۔ تِموٗ چھ پنٛنِس باپہ صابٕنی اکثر کلام نقل کٔرِتھ رٔژھرِتھ تھوٗمُت۔

میر عبداللہ بیہقی سٕندِس علمی بٔجرس ہٕتہ تہندِس سکونتس متعلق چھے اَسہ بیاکھ شہادت تہٕ محفوظ کٔرِتھ تھاوٕنٛ۔ سو چھے یتھ کنٛہ زِ اَسہ نِش چھے اکھ کاشر کاغذ تلِمہٕ ہٕنٛ یتھ پیٹھ عربی زبٲنی منز اکھ خطبہ چھُ لیٖکھتھ، بڈٕ خوش خطہٕ اندس پیٹھ چھس یہ عبارت درج:

"از پیشِ سیادت پناہ میر عبداللہ صاحب کہ فرزندِ ارجمند حبیبِ مجید حضرت میر عبدالرشید بیہقی ساکنانِ محلہ تاشون صحیح کرد ۱۲۱۲ھ"

اَمہٕ خطبہ کہ تحریر پتہٕ ہٕ صرف ژٕہ داہ ؤری چھ میر عبداللہ یِمہٕ دُنیاہس پیٹھٕ نقل کٔرِتھ گامتی۔ اَمہٕ وِزِ آسہٕ ہٕنٛ تِم کشیرِ منز شہر وگام شہرت کٔس کٔھرٕ زٕس دٲتی متی۔ ہر کانٛہہ کاشر آسہ ہے تہُند ناو عِزتہٕ سان ہیوان تہٕ تہنٛز شاعری آسہ ہے تبرک زٕنہٕ اَنٛتھ جایہ جایہ نقل کرہٕ یِوان۔ یوس صرف کینٛژن قدرشناس گرن منز ے رٔژھرِتھ چھ روزمٕژ۔ میر عبداللہ چھ سیٹھاہ زٕود نویس آسی متی تہٕ تِمے چھ بقولِ آزاد تقریبن شیٹھ کتابہ فارسی، عربی تہٕ کاشر زبٲنی منز لیٖکھِتھ ہٕنٛکی متی۔ تہندِ پتہٕ اَنٛتھ لیچھمٕژ اکھ کتاب قایدۃُ الاعمٰی چھ یتہٕ سانِس

اَکِس دستس نِش محفوظ۔ علم فقس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ یہ کتاب چھےٚ بیہقی صابن ۱۱۹۹ھ (۱۷۸۴ء) منز تحریر کرمٕژ۔

فارسی زبانٕ منز میر عبداللہؒ بیہقی سُند لیو کھمُت یہ کینژھا اَسہ وُنِتسام اَتھہ چھُ آمُت تتھ منز چھُ قایدۃ الاعمیٰ علاوٕ کینٛہہ غزل، کینٛہہ نعت تہٕ منقبت شجرہ جات سُہروردیہ، نقشبندیہ، کُبرویہ تہٕ شمایل شریف بیتر۔ لازمی مَن آسہ تِہندٕن باقی تخلیقاتن ہُند موضوع تہٕ دین تہٕ دینکی مسائیل۔ تِہنٛدِ قلم تُلنک مقصد چھُنہٕ ہرگزٕ تہٕ یہ اوسمُت زِ شعر وشاعری کرِتھ ہاوَن تِم پننٛز فنکاری، تِہنٛد اول وآخر مقصد چھُ خدمتِ اسلام اوسمُت تہٕ امی خاطرٕ چھکھ پننٛز ساری دانِس صرف کرمٕژ۔ ووں گو کُنہِ کُنہِ چھِ تِم سنت تہٕ شریعت نِبرٕ نیرِتھ صوفیانہ تہٕ درویشانہٕ نوقطن ہنٛز تہٕ وِشرِھنےٚ کران، تِہندین فارسی غزلَن منز تہٕ چھُ ہمہ اوست فلسفےٚ وَننہٕ آمُت مِثلَن ؎

گُل منم بلبل منم ساز منم مُل منم
باغ منم سُنبل منم من نہ منم نہ من منم

درگُل کہ ہمہ بویم ہم واللہ مَہہ رویم
درظلمت وانوارم گویا تو نمی دانی

میر عبدُاللہ سٕنٛز کأشُر شاعری تہٕ چھِ یمےٚ دون خانن منز باگرِتھ۔ تِہنٛد جادٕ تر توجہ چھُ یتھ کتھِ کُن اوسمُت زِ لُکن ہیٚچھناوَن اِسلامکی آداب۔ دین

زانُن تہٕ سمجھُن بنہٕ عام انسانہٕ ہندِ خاطرِ تہٕ سہل تہٕ آسان۔ کأشرِس منز چھہ تہنز سارِ وے کھوتہٕ زیٹھ نظم 'مسایلِ دین' ییمیُک اکھ خوش خط قلمی نسخہ سنٹرل ایشن سٹیڈیز چہ ریسرچ لائبریری منز زیر نمبر ۱۵۶۲ محفوظ چھُ ییتہ تہٕ 'شکرِ ذات' ناو چھُ آمُت تھونہٕ۔ اتھی نسخس سیتی چھُ گوڈ "عقاید" نظم تہٕ۔ دوشوے نسخہ چھ ۱۳۱۹ھ منز بٹہ پورترال کِس غلام الدّین نہٕ اتھہ تحریر سپدِمتی۔ شکرِ ذات یا مسایلِ دین چھُ دراصل اکھ فارسی زبانہٕ منز لیکھنہٕ آمتہ رسالُک کأشُر ترجمہ یُس بدایع منظوم ناو واریاہس کالس ابتدائی تألیمہ باپتھ پرناونہٕ اوس یوان۔ یہ چھ علم فقس پیٹھ اکھ زیٹھ نظم یوس اکھ فارسی شاعر علی رضا ہن نظم چھے کٔرمٕژ۔ علی رضا چھُ کتابہٕ ہندِس وجہ تالیف عنوانس تحت لیکھان :

تا چو مجمل زِ نظم شد محفوظ

نیز تفصیلِ آں شود ملحوظ

نام تاریخ ایں خجستہ رقوم

گفت ہاتف 'بدایع منظوم'

(۱۱۲۳ھ)

نام ناظم علی رضا کُن یاد

مولدش ہند و مرقدش بغداد

فضل حق بروے و بر اسلافش

برکات خدا بر اخلافش

○

میر عبدُاللہ سندس کأشرس ترجمس منز چھِنہٕ یہ کتھ کُنہ شایہ ہاوِتھ زِ یہ چھ بدایع منظومُک ترجمہٕ مگر مضمونہٕ تہٕ مضمونَن ہنز ترتیب چھے یہ کتھ پانے ہاوان۔ فرق چھے یِژہے زِ علی رضا چھ بدایع منظومُک مضمون وضو کرنہٕ کِہو فرضو سِتی شروع کرِتھ اعتکاف کِبن احکامَن پیٹھ اند واتناوان مگر میر عبدُاللہ سُند کأشر ترجمہٕ چھ اَمہٕ بروٚنہہ تہٕ ییکان یعنے اَمہٕ پتہٕ چھ حج کرنُکی فرائیض، نکاح تہٕ طلاقُکی مسلہٕ کفارت تہٕ باقی احکامِ دین تہٕ وٕشِھناونہٕ آمتی۔

وقایہ رسالہ ہیُمیک ذکر تذکرہ نویسو کوٚرمُت چھُ زِ یہ چھ میر عبدُاللہ بیہقی ہنز کأشر تصنیف، چھِنہٕ وُنہٕ تہٕ بدس آمٕژ۔ وٕنی گو اَسہٕ نِش چھُ اکھ اَڈلیک کأشر قلمی نسخہ یتھ منز اَمی موضوعُک شأعری لیکھنہٕ چھ آمٕژ۔ 'وقایہ' چھ تمَن واقعاتَن ہنز منظوم شکل ییم حضورِ اکرم صلعم ہنزِ مقدس زندگی منز پیش چھ آمتی۔ اَمی عنوانُک اکھ رسالہ چھ سعداللہ شاہ آبادی سعادتن تہٕ فارسی پأٹھی نظم کوٚرمُت۔ اِمکان چھُ میر عبدُاللہ ہَن ما آسہن سعدُاللہ (وفات ۱۱۳۴ھ) سُند نسخہ وُچھتھی تم واقعات کأشرِس منز نظم کٔری متی۔ دوشونی قلمی نُسخن ہند کینہہ شعر چھ پیش:

وقایہ از سعداللہ سعادت:

| | |
|---|---|
| دَر دوم سال ہجرت آن شاہ | کعبہ زد جامہ چاک کرد سیاہ |
| پایہ امانِ دَرد ہجراں ماند | ناوداں ناوداں سرشک فشاند |
| ہم دَریں سال از نکاح بتول | شُد مشرف علی بہ نزدِ رسولؐ |
| ہم دریں سال حکم حق بجہاد | شُد نبی را بدفع اہلِ فساد |

کأشُر وقایع نامعلوم :

زِ ہجرت دوم سال یامَت سپُن | زِ اقصٕ تِمَن سوے کعبہ دوپُن
اَمی وَرِ یہ از حکمِ رَبّ جواد | رسوُلِ خُدا ین کرِن ہیوت جہاد
اَمی وَرِ یہ در عقدِ حضرت علیؓ | سپِنز حضرت فاطمہ منجلی

مگر یہ اَڈ لیکھ رسالہ آو نہٕ کلیاتس منٛز شأمِل کرنہٕ۔ یوٚتام نہٕ اَمیُک سألِم نُسخہ بدٕس ییہِ۔

میر عبدُ اللہ بیہقی سٕنز شاعری ہیٚکو اَسی وٕنِتھ پوٚتھی پأٹھۍ صرف دوٚن حصن منٛز بأگرِتھ۔ شرعیتی شاعری تہٕ طریقتی شاعری۔ پابندِ شرع یوٚس تِمو شاعری کٔرمٕژ چھےٚ، سو چھےٚ نعت، شکل و شمایِلِ نبویؐ، احکامِ دین، مسایِلِ دین، معراج نامہ، وفات نامہ، کار خیر فاطمۃ الزہرا بیتر۔ طریقتی شاعری مَنٛز چھہٕ تِہنٛدِ کیٚنٛہہ قصہ مثلَن قصۂ حضرت موسیٰ، قصۂ سنگ تراش، قصۂ شیخ صنعاں تہٕ کیٚنٛہہ وٕژُن۔ اتھ ساری سے شاعری مَنٛز چھہٕ طبع زاد شاعری تہٕ تہٕ ترجمہ تہٕ۔ ترجمہ چھہٕ مولانا فرید الدّین عطارٕ سٕنٛزو پند نامہ تہٕ منطق الطّیر بیٚتھ تہٕ کرنہٕ آمتی تہٕ کأشرِن فارسی شأعرن ہنٛدِ کلامُک ترجمہ تہٕ چھہٕ کرنہٕ آمتی۔ یہ سورُے کلام وُچھتھ چھہٕ اَسی اندازٕ ہیکان کٔرِتھ زِ تِہنٛد مطالعہ کوتاہ وَسیع چھُہ اوسمُت تہٕ گوڈنچہ لٹہٕ چھُہ تِمو محسوس کوٚرمُت زِ کأشرِن ہنٛدِ خأطرٕ کوس اہمیت چھےٚ تِہنٛزِ ماجہ زیوٚ۔ شیخ نور الدّین ریشی علمدارِ کشمیرؒ پتہٕ چھہٕ میر عبدُ اللہ بیہقی گوڈنیُک شخص یمو اسلأمی دین کأشرِن ہنٛدِ خأطرٕ تِہنٛزِ پننہٕ زبأنی منٛز سمجھاونٕچ کوشش چھےٚ کٔرمٕژ۔ وُنی کِن یِم قلمی نُسخہ میر عبداللہ بیہقی سٕنٛزن کأشرِن تخلیقن ہنٛدی اَسہٕ برونٛہہ کنہِ چھہٕ، تِمَن ہٕنٛد

تفصیل چھ پیش :

و ۱ — دینکۍ مسلہٕ ۲ — اِسلامی عقیدٕ (کأشرۍ عقاید)

۳ — ترجمہ پند نامہ عطار ۴ — کرامت فاطمہ الزہریٰؓ

۵ — وفات نامہ آنحضورؐ ۶ — کارِ خیر فاطمۃ الزہریٰؓ

۷ — معراج نامہ ۸ — شمایل شریف مصطفےٰؐ

۹ — نعت بیتہٕ

ب : صوفیانہ مسلکچ شاعری :

۱ — قصہٕ شیخ صنعاں ۲ — قصہٕ حضرت موسیٰؑ

۳ — قصہٕ سنگ تراش ۴ — کینٛہہ صوفیانہ وژن

گوڈنکہ قسمچ شاعری چھ سارے پابندِ شریعت شاعری مثلن دینکہ

مسلہٕ رسالن منز چھ تمیٚ پأٹھۍ مسایلِ دین نظماونہٕ آمتۍ یِتھ پأٹھۍ حضرت

شیخ العالمؒ (۱۴۳۰) صدوسی مسلہٕ نظم چھ کرِمتۍ۔ یہ چھ شیٚہ ہمتہٕ پیٹھۍ شعرن پیٹھ

مثنوی چالہِ اکھ نظم یتھ منز نہٕ کانہہ فنی نزاوکت بار اسی لبتہٕ ہکو۔ مقصد چھُ تیٚ

زعام کأشرِس مُسلمانس گژھہِ تیم مسلہٕ زانتس روزنی یم اکھ مُسلمان آسنہٕ باپتھ

ضروری چھ۔ میر عبداللہ بیہقیؒ ین چھ یِم مسلہ شاید اوسہٕ نظماوہمتۍ زِ تمن

آسن شیخ العالمن ہندِ ین صدوسی مسلن ہنز زبان تژھ پرأنی باسے ہٕز یوس

نہ پتہ عوامس فکرِ آسہ ہے تران۔ امی چھ دوٚیم رسالہ کأشرۍ عقید لیٚوکھمت

یتھ منز اکِس کأشرِس مُسلمانس تمن عقیدن ہنز زان چھ کرناونہٕ آمژ یم اکِس پزِس

مُسلمانس آسنۍ گژھن۔ اتھ منز چھ صرف ستہٕ ہأٹھ دُمصری شِعر موجود۔

یِم دوٚ شوٚے رسالہٕ چھہ ۱۹۶۳ منٛز ہاندٕ ژولگاریکۍ غلام محمدٕ شیخن نقل کٔرۍ متۍ۔ کأشرۍ عقیدٕ ہٕ رسالکۍ اَخری کینٛہہ شِعر وُچھو۔

پاپ تہٕ پُن تارژِ تولنۍ ییٚن ! ... یِمہٕ یُتھ کوٚر تِے تَس تِتھ دِن

لیٚکھمِتۍ سأری سأنۍ اعمال ... نوٚن چھکھ ذرٕ ذرٕ سونے حال

ڈیچھنہِ یِیہ مومنس نامہٕ عرفان ... کھووُرِ یِیہ کأفرس گژھ حأران

کأفرِ پیٚیہِ تتہٕ درجہنم ... غمہٕ روٚس چھُنہٕ تَس خألی اکھ دَم

جنتس جاے چھے پیٹھ اسمان ... بُتھ اَتھ تل ژھ دوزخ زان

طألب بندٕ چھُ میر عبدُاللہ ... فضلہٕ سٟتۍ دِہیٚنۍ ہا و تَس راہ

کریما، نام حق تہٕ پندنامہٕ عطار، یِم آسہٕ تِم ترٛیٚے فارسی شِعر کتابہٕ یِمو سٟتۍ اکھ کأشُر بچہٕ ہیوٚندکیو مُسلمان بَنِنۍ تعلیم اوس تِمہٕ وَقتہٕ پیٹھ شروٗع کران یلہِ یٚیتہٕ فارسی سرکأرۍ زبان بَنیٚمٕژ آسٕ۔ مولوی صأبَس اوس لفظہٕ لفظ شِعرن ہُند معنہِ مَطلب شُرِن سمجھاوُن پیوان۔ یِم ترٛیٚے کتابہٕ مکمل گٔژھِ ہتھ اُسس شیخ سَعدی شیرازی ہٕنز گلستان بوستان نصابَس منٛز شأمِل سپدان۔ تہٕ میر عبدُاللہ بیہقی صأبَن آسہٕ ہے پَننہٕ وقتہٕ یِہ سٹھاہ ژ کوشِش کٔرمٕژ زِ مولانا عطار سٕندِ پندنامُک کأشُر شِعر ترجمہٕ آسہٕ ہن تیار کوٚرمُت مگر افسوٗس اَسہِ نِش چھُنہٕ یِہ ترجمہٕ سألم حالتس منٛز موٚجود۔ کینٛژن شِعرَن ہُند ترجمہٕ چھُ یِتھ کٔنۍ۔

اُٹھو چیز وُچھ انسان خار گژھان

اُسٹھ چیزے یِیہ خأرۍ بے شمار ... کأنسہِ ہُندے سالہٕ رُفستے بہِن قرار

نوٚکہٕ گرس منٛز سَیہ ژن کتخدا ... کَرنۍ بڈ بن ہیرِ کَنۍ بیٚیہِ جا

حاجت کرُن نِشہ ظاہر دشمنَن    باز کرن ستی زِٹھن بوکٹِن
تنگ دِلس نِشہ مَہ کر آرزوٗ    آسہِ نہٕ تیس مُروچ کانٛہہ تہِ بو

فارسی شاعرن نِش یِم نظمہ میر عبداللہٕ ہَن پیٚہہ چھ اَنہٕ مژ تِمَن منٛز چھ ساروٕے کھوتہٕ اہم نظم کرامت فاطمۃ الزہریٰ، حضرت فاطمہ رضؓ ہنٛز پاکیٖزٕ زندگی تہٕ تہنٛزن کرامژن پیٹھ چھ بیہقی ہنٛز بیٚیہ تہِ کیٚنٛہہ نظمہ موجوٗد، یِم بیٚون، بیٚون بحرن تہٕ الگ شعرِ فاژن منٛز لیکھنہٕ چھ آمژ۔ حضرت علی کرم اللہ وجہٗ ہَن ستی تہنٛد کارِ خار، تہنٛدِ خاطر خوانِ جنّت واتُن، بیٚتر نظمہ چھےٚ قلمی نُسخن مَنٛز موجوٗد، مگر مُلّا ذہنی کشمیری ہنٛز فارسی نظمہ کرامت فاطمۃُ الزہریٰ ہُک تہنٛد کاشُر روٗپ چھُ جادشوٗبہٕ وُن۔ مُلّا ذہنی کشمیری چھ کٲشِرہِندِ فارسی گوشاعرن منٛز اکھ اہم روتبہ تھاوان۔ تہنٛدی غزل کیو نعت چھ عام فہم تہٕ ساد فارسی زبانٕ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ واقعاتِ کشمیر کہِ مصنّف خواجہ اعظم دیدمری چھ تِمَن متعلق رقم طراز:

"مُلّا ذہنی شاعر از شعرائے برجستہ کشمیر است۔ باوصف کمال این فن از علوم دینی بہرور بود و راہے بہ تقویٰ ہم داشت۔ و در عہدِ خود در فن سخندانی در کشمیر بے نظیر بوٗد و ہر وقت بزم آرائی و محفل پیرائی ارباب سُخن می نمود ...... در محلہ قاضی بابا متصل محلہ کنیز کود وطن داشت ..."

مُلّا ذہنی ہنٛز نظم کرامت فاطمہ رضؓ چھ کٲشِرہِندِ فارسی خانٕ نِشہ ساروٕے کھوتہٕ مقبوٗل نظمو منٛز اکھ اُسمٕژ۔ یِنٛنہٕ موضوٗع کِنہِ تہٕ رَوانی وال بحرِ کِنہِ چھ یہٕ نظم جایہ جایہ نقل اُسمٕژ سپدان۔ نظم چھےٚ سونٛتہ کہِ چیٚچاوکہِ

نظارہ ستی شروع سپدان ؎

بازبطرفِ چمن از ابر نو بہار | آنچہ دِل غنچہ داشت کرد ہمہ آشکار
لالۂ پژمُردہ باز زندگی از سر گرفت | بادِ مسیحا نفس کرد بہ بُستاں گذار
بَرطرف جویبار خیمہ زدہ ناروَن | خیمہ زدہ ناروَن برطرف جویبار

پنداہو بہار یہ شعر ویتہٕ چھُ اصل موضوٗع شروع گژھان ؎

دختر خیرُ النساءٔ زوجۂ شیر خُدا | بنت نبی الورا مادر دو شہسوار
گوہر دُرج امین اختر برج یقیں | عصمت دنیا و دیں سیدۂ روزگار
از صفت ذات او شمہ گویم بتو | چشم خرد برکشا حرف مرا گوش دار
کین سخن معتبر ہست بقول صحیح | نیست دریں عیب و عار نیست دریں افتخار
ہست روایت کہ چوں حضرتِ شاہِ رُسل | کرد بہ حکم خدا دینِ ھُدا آشکار

امہ پتہٕ چھُ واقعہ یتھ کنۍ سپدان زِ عرب کِس قریش قبیلس منز چھِ خاندرِچ محفل آسان۔ تِم قریش یِم نہٕ وُنے مسلمان بنیمتی چھِ آسان چھِ حضرتِ فاطمہؑ ہس دعوت دِنچ سازِش کران یتھ زَن سوژھینی متین جامن منز تشریف اَنِتھ شرمندہ گژھِ مگر اللہ تعالیٰ ہس چھُ اَتھ بر عکس کرُن آسان۔ میر عبداللہ بیہقی چھِ تفصیلہٕ ورٲے یوہے واقعہ یتھ کنۍ نظماوان ؎

حضرتِ خیرُ النساءٔ | دُخت رسوٗلِ خدا
مادرِ دو شہسوار | زوجِ علی مُرتضیٰ
برجِ یقینچ سو ماہ | بی بیٔ عصمت پناہ
اُسِ تھٕہنٛز گردِ راہ | چشمِ دِلس توتیاہ

قبیلہٕ چہ زنانہٕ چھ آنحضورٕن نش وٲتھ عرض کران

فاطمہ چھےٚ سانٛی زِٹھ — شوٗب ییٚیہِ أہندِ ستی
ٲری کرو س محبت — جان کرو تس فِدا

فاطمن ییٚلہِ بوٗز کتھ — آہ کوٚڈُن دادِ سان
چاک سینٕہ فلکس — لگہٕ نٕہ نے ستھ سما

ہاے بابو پہِمہ چھےٚ — سارِ سانے دُشمن
یِمن ستی چھ دِلس — سوٗن حسد تہٕ دغا

یہ کتھ چھےٚ یتھ کنہٕ لازمی ثابت سپدان زِ میر عبداللہ بیہقی چھ کاشر زبانی ہُند گوڈنیک شاعر یُس بیٚیہ زبانو پیٹھہٕ قصہ ترجمہ چھ کران، یتھ نہ اُسی ترجمہ ہکو ونتھ بلکہِ بیٚیہ زبانو پیٹھہٕ دلیلہٕ پہہ اَنہِ تہٕ کاشرس منز باوَتھ کرٕنی۔ بیہقی ین چھ بیٚیہ تہٕ خبر کتی قصہ کاشرس منز سیچھ کٔرمتی یِمن منز اسہِ نش قصہٕ شیخ صنعاں، قصہ موسیٰ علیہ السلام تہٕ قصہ سنگ تراش موجوٗد چھ۔ قصہ شیخ صنعانس منز چھ کاشرٕن شاعرٕن زبردس جاۓ بیت باسے ہٕز یہ چھ واریاہو شاعرو نظم کورمُت یِمن منز گوڈنیک نمبر بیہقی یُس چھ۔ وہاب کھار نٕی بابہ صاب۔ حاظی کھارن تہٕ چھ یہ قصہ نظم کورمُت یتھ مشہوٗر گلوگار حبیب اللہ بمبوریڈیو کشمیر پیٹھہٕ گیوان چھ۔ اُمکی کینہہ شعر لیکھی مے یتھ کنہٕ

ہا منزی تہٕ ماری منزی یے ہاوٕرِ وٕ — عمر سورِتھ گس چھ عشقن آرزوے

ہا ہنزِ یے عشقہ نارن کور مے سوٗر — زانہٕ پوشُر نتہٕ زانے عشقہ ژور
ہا ہنزِ یے وَنتہٕ صوٗرت گمی دِژہے — تَس چھا بیٚیہِ کینہٕ اٲسس بَس پِژہے
ہا شینخو چھِس بٔری بٔری خزانہٕ ستےَ — تِمہٕ منزٕ ے چھَس بہ اکُے دانہٕ تےَ
بابہٕ میوٗن چھُے شہرِ روٗمُک بادشاہ — بوزِ بیٚلہٕ سُے پیتہٕ مِ کھوبے گوناہ

حاٰطی کھاٰرن چھُ یہ قصہ تژہَن شعرَن منزٕ وَنمُت بیٚلہٕ زِن سارِہی کھوتہٕ لوٗبہِ وُن چھُ یہِ قصہ محموٗد گاٗمی نِہِن شعرَن منزٕ اَسہِ بژوٗنہہ کُن دیوان مگر یہِ قصہ نظماوُنُک وسلابہ تہٕ چھُ میر عبداللہٕ سِن کوٗرمُت۔ مگر اَسہِ نِش یُس قلمی نسخہ موجوٗد چھُ تمیُک قریبَن نصف حِصہ چھُ گوڈ نِہتھے غاٰب گوٚمُت۔ ظاہِر چھُ زِ نیمہِ تہٕ کاشُر شاعِرن یہِ قصہ لیوٚکھ تَس بژوٗنہہ کُنِہ چھُ مولانا عطارٕ سنز مثنوی منطق الطیر اٲسمٕژ۔ لاٰزمَن آسہِ میر عبداللہٕ سَن تہٕ یہِ قصہ مولانا عطارَنہِ مثنوی پیٚٹھے کاشرس منز تور مُت۔ کاشر اَڈ لیوٚک قلمی نسخہ چھُ تمہِ جایہِ پیٹھہٕ شروٗع گژھان بیٚلہِ شیخ صنعان سُند یار کعبہ شریفس منز شیخہ سندِن مریدن وَنان چھُ زِ مریدَن پَزِ پزٕ کتھ حالَس منز پیرٕ سنز وفاداری قاٗیم تھاوِنی۔ مولانا سندِن شعرن منز ؎

با مریداں گفت ای تر دامناں — در وفاداری نہ مرداں نہ زناں
یار کار افتادہ باید صد ہزار — یار ناید جز چنیں روزی بکار
گر شما بودید یار شیخ خویش — راہ یاری از چہ نگرفتید پیش
شرمناں باد آخر ایں یاری بود؟ — حق شناسی و وفاداری بود؟
چوں نہاد آں شیخ بر زنار دست — جملہ را زنار میبایست بست

کأشُر قلمی نُسخہ چھُ نو مو شعر و ستتی شروع گژھان ؎

یہ کینژھا بے وفائی گژھِ و تو ہے    اکِہ دمہ کیتھ جدأیی ذٕر و تو ہے
کھیأو ییلہ شیخ بابن عقد زنا    پنِز ہو تو ہہ دِنے تتھ اقرار
مریدس پنِز رضا پرتھ کارس    ..............

کأشرِ قلمی نسخک گوڈ یوٚد وۄے روو مُت چھُ مگر اندُک حصہ
تہِ چھُنہ سأیلم موجود۔ کأتبن چھ اُڈ کُ شعر اُڈ لیکھی لیکھی متیِ تہ اخرکِ کینٛہہ شعر
چھِنہ لیکھنہ آمتی، کأتب چھُنہ اصل نُسخہ یا تہ پرِ کتھے ہیوٚکمُت نتہ چھُ پرٕ فنھے
ضایہ گومُت۔ اگر زانٛہہ کأنٛسی میر عبد اللہ ہنٛزِ امہِ مثنوی ہُند بدل کانٛہہ سأیلم
نُسخہ اَتھہ ییہِ کأشرِ خأطر آسہ سُہ نیک فال۔

میر عبد اللہ ہنٛز بیا کھ مثنوی چھےٚ قصہ سنگ تراش۔ یہ چھےٚ صرف
پنٛژٕہن شعرن ہنٛز حکایت۔ امیُک موضوع چھُ سُے یُس محمود گامی تہ مقبول
امرتسر کہ سندِ پہلی نامکُ موضوع چھُ۔ پہلی ہندی پأٹھی چھُ سنگ تراش
تہ اللہ تعالا ہس مجسم زانِتھ کم کم نعمژ تہ ضیافژ کھیاوان تہ ییلہ یہ کتھ حضرت
موسیٰ ہندِ بن کنن تام واتان چھےٚ سُہ چھُ ژٕکِھ ییتھ سنگ تراش ہندی بانہ بٕٹھ
پھٹراوان مگر خدا تعالی چھُس ناراض گژھان۔ قصہ حضرت موسیٰ ہس منٛز
چھُ میر عبد اللہ ہن تمِس شخصہ سُند قصہ بیان کوٚرمُت یُس اکِس گوٚپھہ منٛز
بہِتھ صرف یا ہوٗ یا ہوٗ کران اوس، ننگے تہ بنیتھ نوٚنے تس لول بران اوس

خدا صأبنہ حکمہ ییلہ موسیٰ تسند دیدار چھُ کران تہ حأران گژھان ؎

ڈیٹھونس اکی فقیری مست و غافل    امہ ہو دِ بنہ نشے کیاہ چھُ حأصل

پہ چھُس موٗسیٰ پیمبر از دل و جاں　　کراں چھُس رات دوہ ذِکرِ یزداں

اگر چھُے قصدِ دیدارٕچ ژدَپ تَم　　وگر چھُے با خدا کارے ژدَپ تَم

بوٗزُن ییلہِ نام حق تَمیٚ آہ کوٗڈُن　　تمی ساتہٕ تَسٕنٛز نِشے جان دِتُن

تہٕ یتھ کنٕۍ چھُ میر عبداللہ بیہقی یَن کاشرِس منٛز لوکچین لوکچین حِکایژن ہنٛز مثنوی یہِ لیکھنٕک وسلابہ کوٗرمُت۔ یمن مثنوی یَن ہنٛز زبان چھےٚ اوٚگرہ تھوٚگرہ باسان۔ منٛزِ منٛزِ چھُ شعرن ہُند وَزن تہٕ پھُٹان مگر تمہِ ساتہٕ ییلہِ نہٕ کاشرِس منٛز فارسی بحرن ہُند رِواج موجوٗدے اوس۔ ییتہِ اَسی صِرف واکھ تہٕ وژنن ہنٛز شعر ذاتٕژ مروج۔ نوٚین شعر ذاتژَن ہندِس وَرتاوس منٛز خامیہ آسنہٕ اَمس لاٗزمی کتھا۔ میر عبداللہ سندِس شعرس تہٕ کاشرِس نثرس منٛز باگ تہٕ چھےٚ کمے فرق باسان۔ زَنتہٕ چھُ قافیہ دار نثر لیکھنہٕ آمُت مثلن اکھ حدیث شریف نظمہٕ تہٕ عام نثرس کوٚس فرق چھےٚ باقے روزان ۔

ییلہِ بوٗزُن، ہوونس تمیٚ سنگ بَرشکم گنڈِتھ

دوٚپ نَس زِ ژور دوہ گے میہٕ تہٕ لوٗبُم نہٕ غذا

دژاو نبیہ لوٚگ وپنہٕ ہائے حسَن تہٕ حُسین

بوچھِ ہتی چھ کیاہ بہٕ کرٕ اتھ اندر ربّنا

قصہٕ سنگ تراشکی زِ شعر ۔

تژ لیشہٕ کنےٚ آبہٕ ہنا اَنہٕ تس　　کُتھ مارِتھ ناٹہٕ ہنا رَنہٕ تس

بوچھِ سیتَن کرِ یوٗدن اضطراب

دل و جگر اَنہٕ کرٕ کتھ تال کباب

یا بیٚلہٕ قریش قبیلہ چہ خوتونہٕ حضرت فاطمسؓ وُچھنہٕ چھ یوان ؎

آیہٕ سارے وُچھنے گیہ ہمہ بیقرار
پٔرٕھ رٔبٕ ھے سارٕ تم لچہٕ دِپنہٕ مرحبا
عُذر خاٚہی کٔرہس لٔگ کرنہٕ زار پار
سٔر وندوے قدمن چون اٚسی کرو پا

میر عبداللہ تہٕ محمود گاٚمی یس منز باگ چھ قریبن پٔنژہن ؤری ین ہُند زمانہٕ۔ اگر محمود ۱۸۵۵ء منز یہٕ دُنیا چھُ ترووِمُت تہٕ میر عبدُاللہ چھُ ۱۸۰۷ء منز جنت نصیب سپدُمُت۔ اَتھ زمانس منز چھ زباٚنی ہندِس ؤرتاوس منز تہٕ ٹاکار فرق دٔرینٹھ گژھان۔ میر عبدُاللہ ہس بڑو ؤبہہ چھِنہٕ مثنوی ین منز کاٚنہہ واقعہ یا قصہ وَنہٕ نگ کاٚنہہ شوٗبہتھ ؤنیسام میلان۔ مگر کاٚشر زبان آسہ ہے لاٚزمن اَمیس بڑو ؤبہہ تہٕ لیکھنہٕ یوان مگر سو آسہ ہے شٔنز کیٛن تہٕ واکھن تہٕ ؤژنن تامے محدود یم رٔیشی نامن منز درج اٚسی یوان کرنہٕ۔ حبہ خوتونہٕ ہندی ؤژن آسہ ہن عام لکہٕ باٚتن ہندی پاٚٹھی زباٚنی زباٚنی وَنہٕ یوان تہٕ ژ ہتس سِتھاونہٕ یوان۔ مگر بیٚلہٕ میر عبدُاللہ بیہقی ین پٔنژہ شاعری ہندِ خاطرٕ نوٕ نوٕ شارٕ ذاٚتہٕ ؤرتاوس اَنہٕ تہٕ گوڈنچہ لٹہٕ بنےیہٕ کاٚشر شاعری رِکھ پٔرہ ہنز شاعری تہٕ محمود گاٚمی یس تام واتان واتان بنےیہٕ صاف تہٕ شوٗز نزاکتہٕ واجیٚنز شاعری۔ میر عبداللہ ہنز شاعری منز چھ اٚسی سوے سادگی محسوس کران یوس شٔرین ہنز اَڈ کچہ زباٚنی منز اٚسی وُچھان چھ تہٕ سُہ اَڈ کچر لوٚٹھ گژھ ہِتھ چھ بڈی تہٕ اَڈ کوٚل کران مگر کھرٕ وُن ؎

باپہ صاؔبو پہ نہٕ زانَن کُس چھُ سانے بَرتَل
دوٚپ نس زٕ سٕے چھُس کَرِو فی باٚژَن منٛز جُدا
سٕے چھُس کَرِ موٚنڈ زنانہٕ سٕے چھُس کرِ شُرۍ یتیم
سٕے چھُس کرِ لُر پارٕ سٕے چھُس کرِ سور فنا

یِتھ سادٕ تہٕ شوٗز شاعری، یوٚس عام اَن پڑھ کاشرس مُسلمانس فکرِ تَر تہٕ یاد روزِہس، یوٚس مُسلمانَن وۄتھن بِہن تہٕ زِندٕ روزُنٛگۍ آداب چھِ ہیٚچھنا وان سو شاعری یوٚس پیغمبرِ آخر الزماںؐ تہٕ تِہندین اصحابَن تہٕ آلِ و اولادن ہٕنٛز پاک زِندگی منٛتعلق اَسہٕ کیٚنٛہہ باوان چھِ، اَسہِ کاشرس منٛز فقط میر عبدُاللہ سٕنٛز نَش وُچھان۔ حضرتِ عائشہ رضؓ چھےٚ آنحضورؐن ہندِس شانَس پیٚٹھ تِہنٛز بیقراری وُچھتھ وَنان ؎

| | |
|---|---|
| پیوٚ قطراہ بَر روٗئے رسولؐ | گِریہ کران اَسی ملول |
| صلّ علےٰ نبینا | دِل دوٗدُم ووٗدُم سیٹھاہ |

لفظَن ہٕنٛز صنعت گری یوٚدوَے کَمے جایَن اَسہِ وُچھتھ ہیٚکو مگر یِمہٕ نِس تہٕ وَرتاوس چھےٚ آہَر، دِلَس پیٚٹھ ییٚوٚ فی چھےٚ بَنے ہَرٕ۔

کاشرِ زبٲنۍ ہٕندۍ قلمی نُسخہٕ یِم نسق یا نستعلیق خطَن منٛز لیکھنہٕ چھ آمتی، چھ اَسہٕ زِڈا ئے یا جاہ کھوتہٕ جاد تَرِیے ہتھ وری پَرٲنۍ نظرن منٛز یِوان۔ کلام شیخ العالم یا للہٕ واکھ تہٕ چھُ یِمے رسمِ خطَن منٛز اَتھ زمانَس منٛز تحریر سپُد مُت۔ یِم دوشوَے رسمِ خط اَسہِ آنکہٕ وَن لِکھےٚ یا اندازِ حسابے

لیکھنہٕ یوان ۔ پرٛنھ کانٛہہ کاتٕب اوس اچھرن تہٕ لفظن پنٕنۍ آیہ تحریر کران، توٚے چھےٚ سانہٕ خاطرٕ پرانٛی کانٛشرٕ شاعری پرٛنۍ کنہٕ ساتہٕ بڑ کٕرٕ ییٚتھ بنان، یہ ہے چھُ وجہ زِ وُنیکیس تام تہٕ چھہٕ شیخہ شرکین ہُند دُرس متن اَسہٕ برونٛہہ کُن ییتھ ہیٚوکمُت ۔ میر عبدُاللہ بیہقی ہنٛز کانٛشرٕ شاعری تہٕ چھےٚ بیٚن بیٚن لیکھن والیو پنٕنہٕ پنٕنہٕ آیہ لیچھمٕژ ۔ تہنٛزٕ شاعری ہُند اکثر حصہٕ چھُ تہندی فرزند میر خلیل اللہ بیہقی ین ۱۲۷۱ھ (۱۸۵۵ء) منٛز تحریر کوٚرمُت ۔ میر خلیلُ اللہ سُند تحریر یہ دوے خوش خطہٕ تہٕ صاف چھُ مگر لفظہٕ تہٕ شعر دُرس طریقہٕ پرٛنۍ تہٕ سمجھنۍ چھہٕ کانٛہہ سَہل کام ۔ یمو قلمی نسخو پیٹھ یہ کینٛژھا اَسی پرٛتھ تہٕ سمجھ ہیٚکی، تہٕ چھُ پرن والین برونٛہہ کنہٕ ۔ ییتھ جایہ دِمو اَسی اصل تحریر ہٕکی کینٛہہ نموٗنہٕ ۔ ممکن چھُ تِمہٕ کھوتہٕ بہتر صوٗرت ییہٕ برٛونٛہہ کُن یوس اَسہٕ پیش چھےٚ کٕرمٕژ

۱۔ کافر نمکہ سیت سرچتیک
ہت انتہ چال وتی پت رتک

۲۔ چلنا کتہ فولنا عالم

۳۔ ماشوم موتو کنہہ بر و می غم

۴۔ اوشکہ چوچہ سیت نزاہ بر تہم نہ ید

۵۔ سوی چھوسیو کرمند زنتہ سوی چھوسیو کر شورِ یتیم

۶۔ نارہ بو سرہن ہنی کار شہس

۷۔ چتجیہ دہہ نہ آسکھ خواب نہ خور

۸۔ کرد کری کن ہند دے محکم

۹۔ یانہ بتہ سار فو تسہرت دراستہ ۔ بیتر

میر عبداللہ سندِ زمانہ پیٹھ اَز تام چھِ کاشُر زبانی ہند لفظ یاش تہ واریاہس حدس تام بد لیومُت ۔ تمی چھِ واریاہ لفظ تِم تہٕ وَرتاوِی متی یِم ہنہ وۄنی کُنہ جایہ بولنہ چھِ یِوان مثلن ژونز لفظک نزجنس چھُ شاید صرف میر عبدُاللہ ہنہٕ ورتوومُت ۔

پھیور معراجہ پیٹھہٕ سَروَرٕ ، بیٚنہِ ڈُہے ڈرایایہ نیبر
ڈیونٹھن ژونزاہ برراہ گزُر ، صلے اللہ علے النبی

یا

سنبہٕ لدِتھ تس پکناوَن ، دپہ خولیشن بیٚنہِ اشناوَن
بیٚنہِ فرصت دی توم دَما ، صلّٰ علے انبیبنا

سنبہ لفظ تہٕ چھُنہ وۄنی کُنہ جایہِ وَرتاونہ یِوان ۔ زمانس سٟتی سٟتی چھُ زبانی ہُند وَرتاو تہٕ بدلان تہٕ لفظن ہُند معنے تہٕ ۔ یِتھ پاٹھی پرائنس زمانس منز نماز تہٕ سجدہ دِنہ خاطر کاشُر لفظ ' ژینتہ دِنہ ' وَننہ اوس یِوان مگر اَز کل چھُ یہ ترکیب ریاکارانہ نماز پرِنہ خاطرے یوت وَننہ یِوان ۔ حضرت شیخ العالمؒ ینٛلہِ بمہ سادس نمازِ ہندی فائیدہ باوان چھِ تہ وَنان چھُ ۔

ژینتو ژینتہ دِنس پھَل کیتی

میر عبداللہ بیہقی ین ییمہ شاعری ہنز بنیاد کٔشیر منز تراو ، باسان چھُ زِ اَمیُک اثر چھُ واریاہس کالس کاشرِن ہندِس ذہنس پیٹھ پیوان

رۄدمُت تہٕ لازمی مَن آسہِ یہ شاعری اَمہِ پتہٕ ییٚنہٕ والین شاعرن ہندِ خاطر تہِ وَتہٕ ہاوُک بنان رۄزمُت۔ محمودؔ گامی ہٕنز شاعری منز تہٕ چھُ یہ اثر ٹاکارپاٹھۍ لَبنہٕ یِوان۔ میر عبداللہ ہٕنز شاعری وُچھنہٕ وَرا آے آسہ ہے ہٕ دوشونی شاعرن منز یوٚت ہشر۔

محمودؔ گامی چھُ ولی اللہ مَتّو سُند بس برادر سُندِ سامرنس پیٹھ مَرثی لیکھان۔

یاد گیم نادِ دِمے ہائے متیو لو
وَتہٕ وُچھاں پتہٕ یِمے ہائے متیو لو
رایہ چانے مایہِ گجُس ہائے متیو لو
خام کیا بو پامہِ لجس ہائے متیو لو

تہٕ میر عبداللہ چھُ پیغمبر آخرالزمانس سلام سوزان ؎

وَتہٕ وُچھان بہٕ پتہٕ یِمے پیٹھ یادن پَرن پیمے
یاد گیم نادا دِمے یا رسول سلام علیک

یا میر عبداللہ چھُ قصہٕ سنگ تراش منز لیکھان ؎

ییٚلہِ موٗسہس آو یُتھے ہیوٗ عتاب
گوٚو تہٕ دوٗپُن تَس مَردس یہ جواب
ہائے مَردو چھکھ یہ دَیاں تی ہہ دَپ
اَمہِ دَپنہٕ نِشہٕ مبا اُسس ترپ
یا موٗسئی ببیہٕ دَپُن بنہٕ تو
دل میوٗنے یی زِطاقت انہٕ تو

محمود گامی چھُ پننہٕ مثنوی پہلی نامس منز لیکھان ؎

دوٗلیُس موٗسہن ہاے پہلیوٗ یی ہہ دَپ
اَمہٕ وَنہٕ نَے کھوتہٕ رُت چھُے اُسٕ تزٕپ
ہاے پہَلیوٗ یی وَنُن نو پَزِ وو
اَمہٕ وَنہٕ نے سور عالَم دزِ وو

میر عبداللہٕ ہَن یِم آنحضورؐن تہٕ تہندین آل و اصحابَن ہندی واقعات نظم چھِ کرِی متی تِم چھِ روایژ بنتھ برونہہ کُن پکِ رتی۔ اَمی سنز شاعری سٕتی متاثر گژھتھ تھیے چھُ تزارِ شریف کی باباکمالن وفات نامہ آنحضورؐ لیوٗ کھمُت تہٕ واریاہو شاعرو شکل و شمایلِ آنسرورؐ کاشرِس منز نظم کوٗرمُت۔ خاص کر کاشرِس وَنہٕ وُنس منز نعتِ شریف لیکھنُک ابتداہ تہٕ چھُ میر عبداللہٕ سِنے کوٗرمُت یتھ پیٹھ عبد الاحد نادم، ناظم تہٕ واریاہو شاعرو پنُن کمال چھُ ہاوٗمُت۔ یتھ گنزٕ وَننہٕ آوزِ میر عبداللہٕ سُند اکثر کلام چھُ تسندی فرزند میر خلیل اللہٕ ہَن نقل کوٗرمُت یُس پانہٕ تہِ کاشُر شاعر اوس یمی شہدائے کربلاہن تہٕ بلکہ امام عالی مقامَن پنُن خراجِ عقیدت کاشرِ شاعری منز کوٗرمُت چھُ یمن پیٹھ چھُ الگ پاٹھی تحقیق کرنُک اَشد ضرورت۔



# یا کریم کرم کر تو

دَیہ حمدا بو پڑ ستھ ساتَے — یا کریم کرم کر تو
چھم کلن چاۓ دوہ تے راتَے — یا کریم کرَم کر تو

گوٗل کوتاہ اسمان زمین! — آیہ کرَان چونے یقین
کَتہِ ژھارستھ چھکھ نا مکیں — یا کریم کرَم کرَ تو

ژھٹ دِژِتھ بیٚلِہ کوٗ کلَن — بُتھِ روٗزِتھ روٗد سوٚمبلَن
گاٚرترٲوِتھ روٗد منشر گلن — یا کریم کرَم کرَ تو

گوٗل کنڈی یمبر زہ لے — دَس کرن چانی کلے!
چانِہ دوٗر بہٕ کُس نو گلے — یا کریم کرَم کرَ تو

قیامژ یئِلہِ جواب منگن — نتھ اَژِہم نزبن تہٕ زَنگن
گُمہٕ وَسان آسہم ہنگن — یا کریم کرَم کرَ تو



بسم اللہ الرحمن الرحیم

الحمد للہ و نستعینہ والصلوٰۃ والسلام علی سید الانام و آلہ

و اصحابہ الکرام فی کل لیالی والایام بعد فقیر حقیر میر

عبداللہ متوطن کشمیر جنت نظیر چنین میگوید کہ چون کلام

حقیقت انجام حضرت پیر روشن ضمیر شیخ نورالدین نورانی

و حضرت [illegible] الاصحابہ قدس اللہ روحہم از مدت منتشر افتادہ

بود بلکہ بعض ابیات آن صاحبان از صفحہ خاطر و کتب

الکل محو شدہ بود فقیر کمر سعی بستہ از بیاض و منقولات

صحیح [illegible] درین رسالہ درج کردیم تا پراگندہ نشوند و شاید

[illegible] آنها از این کم [illegible] عاید گردد و [illegible]

میر عبداللہ بہند ترتیب دِتی مِتہ کلامِ شیخ العالمُک گوڈنیک صفحہ

(بشکریہ ریسرچ لائبریری کشمیر یونیورسٹی)

# شمایلِ شریف

سارِن نبٔین ہُند سَرور — محمدؐ مُصطفیٰؐ پیغمبرؐ
تمِ چھِس تَن ہوی سُے چھُکھ سَر — محمدؐ مُصطفیٰؐ پیغمبر

سُے چھُے عارِفن ہُند سَردار — سارِن ہندِ کھوتہٕ بوَ بہٕتر
سُے چھُے اُمتہٕ ہُند غمخار — مُحمدؐ مُصطفیٰؐ پیغمبرؐ

تہندے نوٗرٕ نِش سارٕی عالم — تہندُے تابع چھُہ لوح وٕ قلم
تہندے سٕتی ژھِوِ نارِ سقر — محمدؐ مُصطفیٰؐ پیغمبرؐ

محبّت تہندُے واجب زٕ ان — یَس نہٕ آسہِ محبّت سُہ چھُہ شیطان
محبتہٕ رٕستِس کرِتہٕ نظر — محمدؐ مُصطفیٰؐ پیغمبرؐ

روے اوس آئینہ زن تاباں — یار اَسی تمہ کِنی پاں وُچھاں
غوطہ اَسی ماراں شمس و قمر — محمّد مُصطفےٰ پیغمبرؐ

بُمہ تس بأریک مارنجہ زن — مجہ تس کان ہِشہ عاشقن
بینی تِہنزِ اوس تھزر — محمّد مُصطفےٰ پیغمبرؐ

زُلف تس واتاں اَسی بہ کَن — کُنہِ کُنہِ واتاں کِنہ تِہجن
شانہٕ بُڈی سے اَسی دند گوہَر — محمّد مُصطفےٰ پیغمبرؐ

روٗ پیٹھ کھوتہٕ پیٹھ نی اُس تس گردن — شفاعت تِہندُے زن و مردن
موٗ کلاوِ آسہِ پیٹھ نِنٹھ تے تھر — محمّد مُصطفےٰ پیغمبرؐ

دأر اُس ...... بررو — کُنہِ اوٚو سفید اوٚسکھ موٗ
مُعجزٕ تِہُند اوس شقُ القمر — محمّد مُصطفےٰ پیغمبرؐ

یُس پیٹھ درۄد مُحبتہ سان — سُے مَرِ نیزٕ کی پأٹھی با ایماں
............... — محمّد مصطفےٰ پیغمبرؐ[1]

---

[1] اکھ بند تہٕ مِصرٕ ہیوٚ کُم نہٕ پٔرِتھ ۔

اچھ کھوٚر تس اَسہِ ٹیر گچھ سان — فراخ دِہنس لگہ قوربان
سرس اوس دائنشہِ ہُند موچرَ — محمّد مُصطفےٰ ا پیغمبرؐ

اَچھ تس واتاں کوٚٹھِ نے تلَ — ژراوِ ہے نہ مُچھ پُشِش زاہ تس ملَ
سینہٕ تہٕ شِکم اوس برابر — محمّد مصطفےٰ ا پیغمبرؐ

شانَن منز اَس مُہرِ نبوّت — خاتم النبین تتھ صفت
میانہٕ قد اوس سوٚر انور — محمّد مصطفےٰ ا پیغمبرؐ

وتہٕ اوس پکاں جلدی یہ ساں — موٗ تس توٗ نہِ بیٹھ سینس یاں
اوس زن نے ہیوٗنے شکر — محمّد مُصطفےٰ ا پیغمبرؐ

ژراو آب دریا تسَ اَتھن — وَتہٕ بیٹھ روٗسی کچھ روٗٹ دامن
کینکہٕ لچہ دوٚپ نس یا سَرور — محمّد مُصطفےٰ ا پیغمبرؐ

کژیکہٕ دِژ وَژھرے یا مُصطفےٰؐ — ژےٚ چھکھ رسُول کرمیوٚن پا
پَرن بِنَیَس اوٗنٹ تہٕ بیٚیہ خچرَ — محمّد مُصطفےٰ ا پیغمبرؐ

تارکھ ہوِیِ تسَ یار و اَصحاب — تہندس مُحبتَس چھُنہٕ عذاب
اَولیم یارِ تس ابُو بکرؓ — محمّد مُصطفےٰ ا پیغمبرؐ

اُچھن ہُند گاشہ تہ کوٹھن ہُندا ترن
باغی ین زور ہسیتی کڈن تیم جال
امیرُ المومنین شاہ عُمر
محمدؐ مُصطفٰےؐ اپیغمبرؐ

حضرت عثمانؓ بن عفاں
دیدار تہندے چھُے درماں
اوس تس کھڑیہ ہند سور برزر
محمدؐ مُصطفٰےؐ اپیغمبرؐ

داماد احمد شیر خُداؓ
تہندے ہسیتی چھُ دین بر پا
صاحبِ دُلدل شاہ حیدر
محمدؐ مُصطفٰےؐ اپیغمبرؐ

میر عبدُ اللہ بیہوشن
صُورت تہنزے گرروشن
دیوِہ تہِ گارلیس دَر محشر
محمدؐ مُصطفٰےؐ اپیغمبرؐ

یُس پرِ تہندے شمائِل
دفتر س کاسہِ تس گوہِ چ ملِ
تبسّم کران تس کرِ نظر
محمدؐ مُصطفٰےؐ اپیغمبرؐ



## لا اِلٰہ اِلا اللہ

وۄنہٕ پَرمۄ منوراتھ تہٕ پگاہ ذکرِ حق لا الٰہ الا اللہ
پٕژزلی نوٗرٕ سیتی دل چون ماہ وارٕ پَرٕ لا الٰہ الا اللہ

سَپنکھ حقہٕ ہنٛزِ وَتہِ بینا ظاہِر سَپنی نوٗرِ خُدا
جَنتس منٛز آسہِ چانٛی جا وارٕ پَرٕ لا الٰہ الا اللہ

بَرکھے مَعرفت حق تمنّا تہٕنٛزے وَتہِ کرجاں فِدا
سَپنی شفاعت مُصطفےٰ وارٕ پَرٕ لا الٰہ الا اللہ

کَراں آتے انبیاؑ بیئیہ اولیاؑ سوئے چھے مومنن راہِ ہُدا
دَپہ کھے دوُر گزرہ سائےبے بَلا واہ پَر لا الہ الا اللہ

غفلت تز اُوِتھ روز بَرپا منز باگ رَٹہِ نے اَولیاؑ
قیامژ آسکھ بے پَروا واہ پَر لا الہ الا اللہ

تکبّر نار چھےُ ینہ کری داہ عاجزی پیشہ کر نالہ نہ آہ
یادِ حق بڑ دنھٹے ہیو خامخ؟ واہ پَر لا الہ الا اللہ

حَسد تے کینہ چھےُ زہرا جہلس وہ ندِ منزدِز نوجا
وَناون سوئے چھے تھارمہ نہ واہ پَر لا الہ الا اللہ

غائبت پادشاہ وتہِ پیٹھ چاہ دوُر روز فائیدہ دیی پگاہ
ییلہِ آسہ وو تھمُت واویلا واہ پَر لا الہ الا اللہ

حِرص تہ شہوت بیئیہ دَغا ہِرف چھےُ تز اپُن سرگیو پا
بخیلی دوز خسَ منز کرِ چائنی جا واہ پَر لا الہ الا اللہ

ژٕ نوٚے یار چانٕۍ ڈینکِ تھَم     ژٕ نونی مٔٹہٕ دٕ نوٚے عالَم
ژٕ نونٕۍ وَنہٕ تٲریف کَم کَم     وَندکھ سور پاں یارِ رسُولؐ اللہ

دِہہٕ اَتھ روٗٹ کر سَردارو     کوٗٹ سوں پوٚختہٕ کر سَردارو
دوٗر اسہٕ نِش گَر سَردارو     ظٔلِم دورٲں یارِ رسُولؐ اللہ

موٚشُم موٗت کنہٕ بوٗر مےٚ غم     کرِ کیاہ ڈیُٔت سَمسارَن بٔرم
چھُم مہاں شیطان، کوٚہہٕ چھُہَم     موکلاوان یارِ رسُولؐ اللہ

غفلتَن پٮ۪ کھُہ نس بۆزم داد     دِیہ کیاہ مال، دِیہ کیاہ اولاد
موٗتُن پیالہٕ چھُم نہٕ بیوان یاد     ہیٚنیہ ما جان یارِ رسُولؐ اللہ

شور کیا وۆتھِ ییلہٕ گوٚرِ بل نِن     یِم گیہ تِم ما پھیرِ تھَین
ہَشرٕ روز تِم تیٚلہِ ییٚلہِ مے دِن     بچہٕ بیٹھ سڑان یارِ رسُولؐ اللہ

والہِ نَم بوٚن گٹہٕ مندورے     زالہِ نَم نارٕ والہِ نَم گورے
پٹرٕ ڑھ نَم ییٚلہِ کیاہ مینہٕ کھورے     سورِ ما ترٲن یارِ رسُولؐ اللہ

ہنگہ منگہ پیٹھ موتنۍ لارن
پیٹھ ژن ستھاوِ نم پیٹھ دیارن
اَد کیاہ منگہ باین یارن
باغ گراوان یا رسول اللہ

حال کیاہ میون لعل چھم راوان
کرِ کیا کیا چھُم کرناوان
گوم کیاہ پیوم یاونس تاون
نفس شیطان یا رسول اللہ

گوم کوٚت لو کپار اوم آدن
کَن اَسکھو تم داد وفریادن
کینٛہہ کورُم نہٕ حاصِل میون زان دن
گرِتھ بوزان یا رسول اللہ

ژھینہٕ گوس ہمہ پوس آوم سٔی
سپہ نیوس مٹہِ گوم بارِ گوناہ
کارِ ہول دارِ چھوٚت روسیاہ
کینٛہہ نہٕ ساماں یا رسول اللہ

گنےٚ یم راے بنہٕ نا دیدار
وارِ پائٹھی وُچھ ماچون دیدار
گرِتھ ہم نارِ منٛز وارِ گلزار
ماہِ تاباں یا رسول اللہ

نظرے چانہِ بلہ ہوساٚری
مو کلاوکھ مو کلو ساٚری
نظرے چانہِ پھولہ ہو ساٚری
مشکل آسان یا رسول اللہ

ژلہِ ناگبڑ پھولہِ نا عالم
بلہِ نا چھو کھ چھ پئوٹت ماتم
سرواہر ساہنہ بازوہ دردم
تاہز ایمان یا رسُولؐ اللہ

شُر مُز کُس گوأشناو یار
دِلہٖ زار وَہنہ وُن ییہ نہ درکار
پاس کرکاس غم چھ اُمیدوار
آس ہزران یا رسُولؐ اللہ

وَہنہ ہے تأریف کتہ تگہِ نم
نوٗر چانہ پأدٕ گے سأری عالم
میر عبدُ اللہ ہَس تھاوتہ قدم
بَر دِل و جان یا رسُولؐ اللہ



# نعت شریف

نوٗرٕ چانہِ چھ پیوٗمُت عالمس گاہ
صلی اللہ علیک یا رسُول اللہؐ
والخلق من النوّر تتھ چھُ گواہ
صلی اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

موئے چون واللیل روتے والضحیٰ
چشمن خاکِ پاچوں توتیا
ہُمہ چانہِ کماں مِجہ تیمراہ
صلی اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

اتھ چون ہُرٕ وُن بوٗڈ دریا
محتاج انبیاَ بیٚیہِ اوٚلیا
وَتھ ہاو پزِ تیٚچ چھ اَسی گُمراہ
صلی اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

درد چوں سارین ہُند ملجا
ملکو فرشتو ژٹ تتہٕ جا
سارٕی غولام ژہٕ پادشا
صلیؔ اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

ناو چون دِلہٕ سے چھُم مےٚ دوا
اَسہٕ پیٹھ جنتکۍ دَر کرہٕ وا
بخشِش ناو بے حد چھِ کُھتھمتی راہ
صلیؔ اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

اَپژُ ہٕ غائبت بیتہٕ دَغا
راتھ دوہ اسہٕ نِش گوو یادا
موے گو سفید روے سیاہ
صلیؔ اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

گوٚ ہٕ ہو ستھر ساٗنی گٔیہ دوتا
کرکھ نے مینہٕر کیاہ چھُ سونے پا
چانہٕ نوٗر عالم گےٚ بَر پا
صلیؔ اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

کرٕ کیاہ قبریٚلہٕ کرٕ نم جا!
ترٛاوِتھ ژلہٕ نم خولیش و آشنا
اوٚیم راتھ گٔرٕتھ وأنِسہ ساسا
صلیؔ اللہ علیک یا رسُول اللہؐ

نکیر تہٖ مُنکر گژھن پأدٕا
بۄڈ گیاہ بیٚیلہِ تِم کرنم صدا
وۄمید چھہ تِمہٕ وزِ کھسِہ ناشہہ
صلّی اللہ علیک یارسُول اللہؐ

حوضِ کوثر بیٚیلہِ دِیہِ خُدا
گۄنہ گارس تہٕ چھےٚ تتہِ رجا
اَسِہ تِمہ وِزِ ژٕ ہیٚنزِ ناو ا
صلّی اللہ علیک یارسُول اللہؐ

دوٗر کرتہٕ اسہ نِش سأرے بلا
اُمید چھہ چأنی اسہ ہَرجا
شفاعت کرِ وُن ژھکھ بادشاہ
صلّی اللہ علیک یارسُول اللہؐ

غریب تہٕ شرمند کھوٗتمُت راہ
غأفل بندٕ، میر عبدُ اللہ
بخشتس سارِ نے ساں گوناہ
صلّی اللہ علیک یارسُول اللہؐ





روحنا ارجو لدیک     یا رسولؐ سلام علیک
قلبنا یمشی الیک     یا رسولؐ سلام علیک

گشتہ دِلم دُو صد پارہ     از ہجر شُد آوارہ
جُز بوصلت چھُنہٕ چارہ     یا رسولؐ سلام علیک

گشت دِلم چو بنجر     چھُس بو وَداں شام و سحر
گوم یِمن زیر و زَبر     یا رسولؐ سلام علیک

روی نما تہٕ بو بلہٕ     چانہٕ وُچھنے پٮ۪یم زولہٕ
ہنیور کھار تم یِمبر زولہٕ     یا رسولؐ سلام علیک

دَردِ دِل را دوا توئی     عاصیاں را شفا توئی
مہر و مہ را ضیا توئی     یا رسولؐ سلام علیک

چھٹے یاسین ناہوے چونے — وَندے پاوَن قبیلہ کرونے
کرتہ قبوٗل دروٗدہ سونے — یا رسُولؐ سلام علیک

سینہ دوٗدُم مےٗ شوقہ چانے — بٹیہہ تہ دَماژ گرِ سانے
گوٗ وَداں مےٗ رتھ تہ بانے — یا رسُولؐ سلام علیک

چھُکھہ ژ پیغمبرَن ژر رِتھ — چون دوٗر ہر ہبکہ نہ زرِتھ
چانہِ دورہر گرژھ بو مُرتھ — یا رسُولؐ سلام علیک

وَتہ وُچھاں پَتہ ہ یمے — پیٹھ پاین پَرن پیمے
یاد گیم نادا دِمے — یا رسُولؐ سلام علیک

سوتے عاصی بکنُ نظر — ..............
چھُکھہ ژ سارہن سَرداَرن سَر — یا رسُولؐ سلام علیک

پُرگو نہہ میر عبدُ اللہ
سوتے تو می آرد پناہ
ژنے ورأے لبم مےٗ راہ
یا رسُولؐ سلام علیک

# معراج شریف

معراج رسوٗل اللّٰہ بوز تہٕ وَنی میر عبدُاللّٰہ
ژھےٚ سارِن تِہٕنٛد پناہ صلّی اللّٰہ علی النبی

شتتوٗہم ماہِ رَجب بود خفتن در اوّل شَب
آو جبریل باصَد اَدب صلّی اللّٰہ علی النبی

باہ۱۲ ؤری نبوّو تَس گیہ یِیلےٚ آنحضرتَس
نوٗر گاہ پیوٚ شش جہتَس صلّی اللّٰہ علی النبی

کوٗر معراج پیغمبرَن ہاو قُدرت پننہِ رہ بَن
یُتھ نہ وُچھ کانٛسہ مُرسَلَس صلّی اللّٰہ علی النبی

ڈپے روبَن ٹڑے پیٹھ سلام — ہیور کھیِن خیرُ الانامؐ
اڈّن منےّ بُراق کیاؤ خوش خرام — صلّی اللہ علی النبی

یا نبی سَپِین سوار — بڑونٹھ چُھسے بو چو بدار
کرَ پایَن ٹڑے سَر نثار — صلّی اللہ علی النبی

ییِلہٖ نبیؐ سَپِنی سوار — گوّو تہٖ اَقصےٰ ہیوّتُن قرار
انبیاؑ اُسی دَر انتظار — صلّی اللہ علی النبی

تَتِہٖ ڈینٹھِن مُرسل تمام — گوّو نمازِ سَپُن اِمام
محمدؐ دیکچھ لبعد از سلام — صلّی اللہ علی النبی

زمرّد چ تہٖ سونہ ہیرا — بڑونٹھ آیکھ تہٖ گھتی سوارا
گیہٖ گھسِتہٖ تاباں چو ماہ — صلّی اللہ علی النبی

ییلہٖ ووتُے شہ زیرِ فلک — اوس درباں تَتِہٖ اکھ ملک
اوس اسماعیلس ہیوّ شہ اکھ — صلّی اللہ علی النبی

دوٚپ تمیٚ کُس چھُہٕ نبٲر — دوٚپُس نبۍ ین بوٚ پیغمبرؑ
سَرہٕ وندے زوٚد آژ اَندر — صلّی اللہ علی النبی

ژاو اَندر تہٕ سپُن غوغا — ملکوَ دوٚپ تَس مرحبا
چھُکھ ژٕ ساعٕنس دادِس دَوا — صلّی اللہ علی النبی

اوس آدمؑ بہشتہٕ تتے — یا نبی ژٕ اوسُکھ کتے
جال وَندے چانی وَتے — صلّی اللہ علی النبی

دوٚیمِس پیٹھ ڈیوٗنٹھُن عیسیٰؑ — بیٚیہِ یحییٰ یا صد رَضا
لوٗکھ دیٚن سَردارِ ما — صلّی اللہ علی النبی

ترٛیمِس اوس یوٗسفؑ نبی — چھُکھ ژٕ کلاں بوٚ چھُس صبی
سیٚنود ژٕ وُچھُم اے عَربی — صلّی اللہ علی النبی

ژوٗرِمِس ییٚلہِ روٚٹُن مکاں — اوس اِدریسؑ تتہٕ جایہِ یکَاں
چھُس بہٕ خادم ژٕ چھکھ سُلطاں — صلّی اللہ علی النبی

اوس ہارونؑ بالاے پنجم یا نبیؐ ژ چھکھ انجم!
ذوق چونے اموب مِتے چھُم صلّی اللہ علی النبی

آو شیٖم موسٰیؑ کلیم چھُس بہ محُب چوُنے قدیم
چھکُھ ژ سارِن زِ ٹھے کریم صلّی اللہ علی النبی

یِلہ ستہِ مِس تھووُن قدم آو خلیلُؑ اللہ بہم
نوٗر چانے چھُ سور عالم صلّی اللہ علی النبی

سدرہ پیٹھ کُن گوٚ ییٚلہ گھستھ سوٚہ پرداہ اوس تتہ بستھ
ژاو جبریلؑ پیو تتہ وٚستھ صلّی اللہ علی النبی

جبریلو ژ کور گژھک چھُنہ بیٚہتر پھیرتھ وسکھ
میانی جُدائی ژ کتہ زرکھ صلّی اللہ عَلی النبی

یا نبیؐ لوٚ بُم نہ مِتے دَم یتھ ذرا کھاو بہ قدَم
اکھ ساتا سَپہ نہ عَدم صلّی اللہ علی النبی

رۄٹ بُراق أتی جبریلَن اۄن رَف رَف میکایلَن
تاک عرشَس وأتی قندیلَن صلّی اللہ علی النبی

آو تا مَتھ بوزٕ وُن نِدا یا نبی توپیٹھ بیا
قاب قوسین سپنز تس جا صلّی اللہ علی النبی

تمہِ نِشتے کۄرُن گُذر او اَدنیٰ سپنُس مقر
حق ڈیوٗ نتھُن اَز چشم سبرّ صلّی اللہ علی النبی

تورٕ سپُن کلَام بیَان تی بوز کھنے اَز دَہاں
آو حکم اے جاں جاناں صلّی اللہ علی النبی

ڈُچِ زِ اُمتِ پنٛژاہ نماز آو حکم اَز بی نیاز
تی بوٗزِ ستھ یور پیٹھِ آو باز صلّی اللہ علی النبی

دۄتھ میلس موٗسیٰ کلیمؑ چھُنہٕ طاقت اُمتِ چھُ بیم
گژھتھ عرض کر یا کریم صلّی اللہ علی النبی

گوڙ سپن دا هے تهه کم ۔۔۔ بيٺيه ڍپ نس اے شاهِ عالمؐ
بيٺيه گڙهه يه داو برهم ۔۔۔ صلّى الله على النبى

پيڙ پهرے گڙهه تہ آو ۔۔۔ اُمر سپن پانڙے وول تهاو
بيٺيه دوپ نس گڙهيته کرگراو ۔۔۔ صلّى الله على النبى

يا موسئ بيو ٹهُم حيا ۔۔۔ بيبيه هبکه نه کرتهه صدا
يم پانڙے په آنه بجا ۔۔۔ صلّى الله على النبى

يمن پانڙن سپنی عمل ۔۔۔ پنڑ هن هندے ثواب بدل
گو نه هن هند کاسے سُه مل ۔۔۔ صلّى الله على النبى

يوت بنيو يوان ته گڙهن ۔۔۔ وقت لوگے ساتها سپن
فضل حقس کينهه آو نه دين ۔۔۔ صلّى الله على النبى

يا نبی اُسی کياه کرو ۔۔۔ چون دوربر اُسی کيته زرو
هاو ديدار نته اُسی مرو ۔۔۔ صلّى الله على النبى

---

رڑ عمل اسه کياه پيے ۔۔۔ پيته اُخر چهه مند پچهيے
چون کرم نادا دیے ۔۔۔ صلّى الله على النبى

زُو یئیلے لگیم دَرے　　تھَ سختی ہ کیاہ کرے
ساتہ ساتہ چھُم مَرمَرے　　صلیّ اللہ علی النبی

قبرِ اندر تَرٕ اُوِتھ بنیم　　زَنتہٕ تی سوہ مہ دنیم
زِ فرشتہٕ حِساب ہینم　　صلیّ اللہ علی النبی

تمہ ساتے کھارتم زباں　　وار جواب گر ہا بیاں
چاۓ سَتھ چھَم اے جانِ جاناں　　صلیّ اللہ علی النبی

یئیلہِ وُچھن نامہٕ عَمل　　سور آسِم حد تہٕ دغل
فضلہٕ سیتی ٹرے کاستم مَل　　صلیّ اللہ علی النبی

پاپ پُنٕ یئیلہِ تَرٕ کرِ توَن　　بدعمل سارٕی ڈوَن
بند باندو سارٕی بوَن　　صلیّ اللہ علی النبی

آسہِ غم یئیلہِ قیامتس　　گوٗل آسی گمُس تہٕ رنس
کار فرماچھی ہمتس!　　صلیّ اللہ علی النبی

---

۱؎ لفظ چھُم نہٕ پَرِنٕی تگان (ناجیؔ)

پُلِ صراط پېلې پېږه کُړړ رَحمتې گرځ زه نظر
بېنه واتم هنا خطر صلّی اللّٰه علی النبی

اوُنُم شفیع ابوُ بکرؓ بیۍ عادل حضرتِ عُمرؓ
بېۍ عثمانؓ ته شهه حیدرؓ صلّی اللّٰه علی النبی

پُر گو ناه میر عبدُ اللّٰه
آوته ژیے گُن انن پناه
ژے وَرائے توُبُم نه کاشهه راه
صلّی اللّٰه علی النبی



# معراجہ پیٹھٕ پھیرتھ

پھیوٗر معراجہ پیٹھے سرور  بیٚیہ دوہے درایاے نبر
ڈیوٗنٹھُن ژوٗنزا بر راہ گذرٕ  صلّی اللہ عَلے النبی

اُڈٕ بورا ہیتھ اوس پکان  ضعفہ سیٚتن وٗسی اوس پوٚان
نالہ فریاد یژ اوس دِوان  صلّی اللہ عَلے النبی

دوٗپُس نبی ین کیاہ ژےٚ سپُن  عجز وزأری بیٚیہ چھُے وَدُن
یی کلام ہیٚوتنس وَنُن  صلّی اللہ عَلے النبی

چھُم مأٔلِک اکھ مَردِ ترسا  تُمی سوٗزنس پھِرِ آسا
ژیرِ گوم نہٕ لایم مےٚ ما  صلّی اللہ عَلے النبی

دوٗپُس نبی ین بہٕ ستی یمے  چون بورے بو پیٹھ ہیمے
چانہٕ خأطر بو غم کھیمے  صلّی اللہ عَلے النبی

نٚوٗس ستی تےَ ووتُے بَردر  دژاو ترسا ٹکان نبر
کیٚتہ اوشکھ ژ اے سرورؐ  صلّی اللہ عَلے النبی

دوُپ نَس زِ اے شاہ عالم — اَز کِتھ مےٌ کوُرُتھ کرَم
یتمہ بژدہُہ زاہ ڈیوُنٹھک ہٍ اکھ دَم — صلّی اللہ علے النبی
اوس معراج چوُنے اَزراتھ — ڈُتھی کِتیا ژتے ہیٹھ برکات
چھُے راضی ژتے ہیٹھ پاک ذاتھ — صلّی اللہ علے النبی
ہاے وَنتو اَرِچ خبَر — گُمی ڈُپے سِر دڑا و نبَر
ڈُپن ڈیوُنٹھُم توراتہِ اَندر — صلّی اللہ علے النبی
ژونزی سُندُے ہیوتھُ ژتے بار — کاٹہِ ہُندے کوُرُتھ ما عار
چھکھہ ژ سارن نبیَن سَردار — صلّی اللہ علے النبی
دَپ ژ کلمہَ آپہٕ بو ایماں — وارِ پاٹھن رٹہ چون دامان
آسہ بے غم در ہر دو جہاں — صلّی اللہ علے النبی
ہیوت کلمہَ تمی بَر زباں — باژ ساری ہیتھ انُن ایماں
گوو راضی تَس مستعان — صلّی اللہ علے النبی

عبدُ اللہ موکھو ژ غم
چھُے شفیع سردار عالم
واتہِ سارن تہُند کرم
صلّی اللہ علے النبی

# کأشِری عقیدٕ

گوڈٕ کر رُبہٕ سندٕ ستۍ بیان! ییٚمۍ کوٚر پیدا زمیں اَسمان[ع۱]
دَمہٕ دَمہٕ حمد دَپ تس رُبس ییٚمۍ زون افتاب دُیت نبَس
سأری تہندی کار تہٕ بار سُے چھُے مُومنَن[۲] بخشَن ہار
اَسمانہٕ تارک پٔرز لاوان بُترأژ آدم شۆب تھاوان
گٔری تمۍ پیدا جن و انسان دۆہ تس آسَن پٔرزناوان
سۆز تمۍ محمّدؐ[۴] وَتہٕ ہاوُک دۆہ پٔنَس یا نبی[۴] سیر باوُک
پٔنزِ تِکۍ تارکھ تہندی یار خُدایہ پٔننٕ رحمت تِمن نِثار
تِمو اندر ہٕڈی چھہ تِم ژور یار تِمن اوس دَمہٕ دَمہٕ تہندی کار
صدیق صأب رضؓ راستی ہُندٕ نِگہہ بان عُمر صأب رضؓ عَدلُک زُوتے جان
حیاہُک گُل پھوٚل شاہ عثمان رضؓ خدا صأبُن شیرِ علی رضؓ پہلوان[ع۳]
پٔنزی پأٹھۍ دینکۍ تِم تھَم زان منکری تہندٕ بن کاٹھٕ بن پان

---

ع۱ : گوڈٕنیُک شار چھُ قدُوسٕ لون نِس نُسخَس مَنٛزٕ یوت۔ ع۲ سارِنٕے
ع۳ : خدایہ سُند شیر چھُ علی پہلوان (ن ر)

مرتبہ تہند زان خلافتہ پأٹھو — خلافت سی سالہ زان پٔزی پأٹھو

اہلِ بیت اہلِ بَدر اہلِ اُحد — بینہ الرضوان زان امجد

فاطمۃ الزہریٰ زاں بانوٗر — اِمامین شُری نوٗر علےٰ النّوٗر

صَحابَس کأنسہِ پیٚٹھ بدمو دَپ — اَہلِ قبلہٕ یِم چھِی اُسےٚ ترپ

حمد پتہٕ نعتہٕ پتہٕ عرض میوٗن بوز — خُدا صابٕ بہٕ وَتہٕ ژٕ محکم روز

میر عبدُ اللہ کرِ بَیان — گأشر پأٹھِن عقأید زان

عقأید وظفَن ہُند سَردار — اَمہِ کھوتہٕ عبادت چھِنہٕ درکار

یاد ہِن سأری بُڈ کیو جوان — دُنیہِ ہِس عقبہس تی چھُکھ جان

گوڈٕ چھُے فرض حق بَر عأقل — عأقل آسہِ بالغی نشہِ کأمل

یاد تھو گُرسی آنحضرتؐ — ژور چھِی زان باتمِہ چھِی وَتھ

تہندِ مول اوس عبدُاللہ — بُڈی بب عبدُ المطلب شاہ

مول تس ہاشم تی زان صاف — تسُندے مول اوس عبدُالمناف

ایمانَس زٕ ے تھَم تور گُن گٔژھ — زیٚوِہ ستی اقرار دِلَس تھَوٕ پٔژھ

بے اون آسہِ گُن پیغمبرَن — دُمہِ دَمہِ تتھ کُن ایمان آنَ

قرآن آتھِ ووت جبریلَس — حدیثِ قدسی پانہٕ دِپنس

کُن چھِی پانژھ چیز دَر اِسلام — پٔژرزن تہٕ لگہِ نے جنتَس تام

اکھ چھُے کلمہ شہادت پَر — دوٗیِم آو پانژھ وَق نماز کر

رمضان پٔرتھ کُنہِ روزٕ دَرن — مال دار مالس زکات بَرن

وَتہٕ خرچ یَس آسہِ حج چھُ فرض — کرِنے منگہٕ مَنگہٕ روزٕہس قرض

شَرط چھِ شےٚ چیٖز در اِسلام　　زانُن فرض چھِ خاص تہٕ عام
اکھ چھےٚ ڈیشُن روٗس ایمان　　اَن خالقس چھُ حق سُبحان
دوٚیِم روز انِن غیب تَس خاص[1]　　بیٚیہِ یُس زانناوِ اَز اخلاص
ترٛیٚیُم چھِ حلال زان پاک　　ژوٗرِم آو حرام زاں ناپاک
پانژِم روز رحمتَس اُمیدوار　　شیٚیُم چھےٚ تہندِس نارس بہار[2]
ژرے چھِ ایمان تھاو باکل　　اکھ چھےٚ مجمل بیٚیہ مُفصل
مجمل ئی گو وار آتھ کن !　　روشن سپنی زُو ہَن ہَن
ایمان اَن تَس یُتھ چھےٚ تیُتھ　　سون ہیوٚ چھُنہٕ تَس نَر زنگہٕ بُتھ
نادن تہندِن بیٚیہ اِقرار　　کرباہ یم چھ بے شُمار !
صِفتن تہندِن بیٚیہ پَڑھ کر　　یم نے اَسہ یِن گرٛزنہٕ اندر
حکم تہندی ساری کرٛکھ قبوٗل　　یم ہیتھ آسہ کُن آو رسوٗل[2]
مفصل یی گو وار آتھ کَن　　روشن سپنی زو ہَن ہَن[3]
ایمان اوٚن اَسہ تَس ذاتَس　　کانسہِ ہیوٚ چھُنہٕ کانہہ ہیوٚ چھُنہٕ تَس
واجب الوجود تہندُے ذات　　قدیم باقے چھ تہندی صِفات
چھُ بوزن ڈیشن کتھ کران[4]　　جسم نہٕ جوہر چھُنہٕ تَس پاں !
نہ چھ تَس جاے تہٕ نہ چھ صوٗرتھ　　نہ چھُ تَس وقت نہٕ چھُ دروفت[5]

---

[1] دوٚیِم چھےٚ غائبہٕ پیٚش زانُن خاص (ن ق) [2] شیٚیُم چھ عذابَس تہندِس تھار
[3] مفصل یی گو تھوسئ یاد [4] ن ق مٔنزے یوت [5] نہٕ چھُ تَس حد تہٕ نہٕ چھُ دروقت
تتہِ ہو دِنہٕ یوجنتَس ناد (ن ق)

نہ چھُ تَس پانَس ہیوٗ دشمن نہ چھ تَس اَولاد نہ چھ تَس زَن

حاکِم تَس سِوا چھنہٕ بوز کتھ یارَن ہُند چھُنہٕ تَس حاجتھ

ساری صِفتہٕ چھس پُرکمال نہ چھُ تَس نقصان تہٕ نے زوال

پیدا یِش ساری تہنٛد کٲشیا سوٗرے چھُ دانا بینیہ بینا

دیدار ڈیشن تَس آخر! موٗمن ساری نیٚز کافر

فرشتَن تہنٛد بن بنیٚیہ ایمان ان با نور نشہ تہنٛدے پان

تِم چھنہٕ ربس پاپ کران صوٗرتھ یِژھ پیٚز سو چھ لاگان

سارَن پیٚر چھکھ چھ وُچھان نہ چھ تِم مَرد تہٕ نہ چھ زنان

بڈی چھی جبریل و میکائیل اِسرافیل بنیٚیہ عِزرائیل

وَحی تنزیل زان جبرئیل کافل رزق زاں میکائیل

صاحب صور زان اسرافیل قابض روٗح چھُے عزرائیل

اعتقاد تھوَ با بنیٚیہ دَر دل کتاب بہ بشیر تَس نشہ نازِل

تِموَ اندر ژور چھے آز ینزدال[1] توٗرات زبوٗر انجیل فُرقان

نازِل موٗسہس گے توریت زبوٗر داوٗدس حق گوَ دِتھ

انجیلہِ چھ حضرت عیسیٰ گواہ قُرآنک شامِل رسول اللہؐ

اَسہِ کُن سوٗزی تِمو پیغمبر یُس نہ انہِ ایماں سُہ چھُ کافر

یِتھ تِمو پیٚزیٚح وَستھ ہاوِن خُدایہ صاحبنہٕ وتہٕ کُن پکہٕ ناوِن

کینژَو دوٚپ اکھ لچھ ژوٚوہ ساس کینژَو دوٚپ جاد تر زاناں آس

تِمَن دِتی روہِ بن معجزات موٗمنَن یُتھ سپنہ کاینات

---

[1] تمو اندر یہ چھے ژورے زان (ن ق)

شفاعت کرن تم پاپہ والین — گردنن تھٔنزن پاپ والین

سارین بوڈ اوس آنرور — محمدؐ مُصطفےٰ پیغمبر!

معراج تھٔندے پٔزی پأٹھی زاں — کھوٚت یمہ یِسمے پیٹھ اسماں

دَیہ شُر کرامتھ زاں سَرحق — وَلی گو یمو اکی پٔر زنن حق!

قیامژ دوہس معتقد آس — سُے دوہ وأنسے پنشراہ ساس

زِتجہ گز تھوٚد آسہ آفتاب — تتھ جایہ سأری سپنن آب

گمہ ستی بوڈن تم گوٹھن تام — گُنہ ہیر بون تتہ چھپہ اندام

رُت کیاہ پأدا تھٔندے سور — گو نہ ہے کرکھ تہ روزی بور

ہُدی یہ بیزار نیکی — نیک و بد پرزہنن تتہ آسہ فائض

زندگی مرنہ پتہ پٔزی پأٹھی نمان — مُرتھ کرِ پأدا حق سُبحان

اَدِ چھُنہ تمہ پتہ مرنُے زاہ — ایمان اَن اَدِ آسکھ شاہ

قبرِ ہُند عذاب کافِرن آو — کینژن فاسقن بنیہ کن تھاو

نکیر و مُنکر قبرِ اندر — پرزنُن دینِ حق پیغمبر

رب چون کُس چھُ دین چون کیا — نبی چون کُس چھُ ہأوی راہ

موٚمنن دوٚپ رب چھُم سے رحمان — دین میوٚن ہرجا اسلام زان

کینہہ نو تمہ وِز روزِ و جسس — نارکی تازنی لاین تس!

فرشتن آدمن ہُند غفار — تتہ پرژھ سورے کار تہ بار

کار بار بند سُند تتہ تولن — کمہ کمہ عملے تتہ ڈولن

پاپ تہ پُن تارژِ تولنہ ین — یمہ یُتھ کوٚرتے تس تیتھ دِن

لیکھتھ ساری سائنی اعمال
ڈیچھن یِیہِ مؤمنس نامہٕ عرفاں
کافرَس تَتہٕ پیٚیِہ دَر جہنم
پیٚزِ یا ٔنھی یِیہِ آو پُلِ صراط
مؤیہِ کھوتہٕ زاوِج تیغہٕ کھوتہٕ تیز
کانہہ تَرِ وُپھ کینژَن یِن پَرَ
رَبہٕ سند پیدا جنت تہٕ نار
جنتَس جاے چھے پیٹھ آسمان
یارب کرتَتہٕ سونٕے پاے
علم مَعرفت بخشُم جان !
کاٗلی پَتہٕ آخر دِتہٕ ایماں
واصِل کرتَن سونٕے جان

چھُکھ تَتہٕ ذرٕ ذرٕ سونٕے حال
کھووری یِیہِ کافرس گرٛٹھہ حارا
غمہٕ رۆس چھُپہٕ تَس خالی اکھ دم
تَرِ کھے تمہِ پَتہٕ چھُے نِشاط

.............

دوزخَس پیٹھ چھے تمہِ نِش تھر
تمہِ کِس آسنَس کر اِقرار
بُتراتھ تَل ژٕ دوزخ زان
یِیتہٕ مے آسم سَنرِس جاے
منوّر کرتَم با مؤمنان !
مأرِس ماجہ تہٕ یارَن سان
جنتَس جاے دِتہٕ با مؤمناں

چھُ طالب بندٕ میر عبدُ اللہ
فضلہٕ ستی دینچ ہاو تَس راہ



# حضرتِ خیرُ النساءؓ

حضرتِ خیرُ النساء　　دُختِ رسُولِ خُدا
مادر دو شہسوار　　زوج علی مُرتضےٰؓ
برجِ یقینچ سو ماہ　　بی بی ئے عِصمت پناہ
اُس تہٕنز گرد راہ　　چشمِ دِلَس توتیاہ
خدمتس جبرئیل　　اوس پوان از جلیل
روئے تہٕند آفتاب　　اتھ بروٗئے و ریا
در عبادت پہلوان　　دَر ریاضت ذوقہٕ سان
جائے تہٕنز لامکان　　اُسی بیزار از غنا
کرٕن فقیری قبوٗل　　اوس راضی تَس رسوٗلؐ
داد دُعا مقبوٗل　　اوس گژھان از خُدا
اُسی دُشمن تَس عرب　　خاصہ چھُ قومِ قریش
دود او شُکھ دَرِ دِلس　　سور حسد تے دغا

دوہہ اکھ شاٗد کیا | اٗس تمن پیش رو
شمتھ زنانو کوٗرُکھ | مشور تاہ دَر خلا
اکھ زنا ناہ نامزَو | لُج دَپہ نے پہ سُخن
چھکھہ ژٕ ساٗنِس قببلیس | پادشاہ و پیشوا

چاٗنی دختر فاطمہؓ | سون ییٚین خاندرس
گرُژھ حاٗصِل جاۍ جا | تمہ ستی عِزتاہ
ییٚلہِ سوزے ستی تس | ناٗلی آسبس نہ پھرن
سون ڈیشتھ مَند چھے | کوت پہیئے تس حیا

سور لبا سا کوٗرُکھ | گہہ گوٗنڈکھ ہیرِ بوٚن
جامہ ہائے زر نگار | گہنہ ژٕ لعل و طلا
گیہ لاران با خُشی | آے ژیئے کُن اے نبیؐ
چھکھہ ژٕ ساٗنِس قبیلس | پادشاہ و پیشوا

فاطمہ چھے ساٗنی زِٹھ | شوٗب ییے اٗہندِ ستی
ساٗرِ کروس محبّت | جاں کرو تس فِدا
بوٗز ییٚلے نبیؐ یَنِ | گوٗڈو نزدِ فاطمہ
ہائے کوٗری یژھ کتھ | زانہ کھے ژٕ دی رضا

فاطمن ییٚلہِ بوٗز کتھ | آہ کوٗڈُن دادِ سان
چاک سپنی فلک | لگ نٹنے ستھ سما

ہائے بابو یِمہ چھے    سارِ سانے دُشمن
یِمن عِبتی چھکھ دِلس    سور حسد تے دَغا
یِمہ آسَم زِنہٕ مے    آسہِ پوان خُدمتَس
یِمہ مَرنے میانے    چھِے ژے کران یِم سٹھاہ

سارِ گنڈِتھ زیوٚرے    چھےٚ امیر بابہٕ زَن
کیاہ یِہِکھ دَر نظر    ییٚلہِ گرٚژھکھ بوٚ گدا
ناٚلی نوٚ بُم نہٕ پھیٚرن    ووٚڈِ چھَم نہٕ پوٚژِ ہَن
ییٚلہِ یَڈے تور کُن    گرٚژھ مٕرِتھ اَز حیا

بوٚ جھلنٕ بَبنہٕ چھُو    ناٚلی کمخاب واطلس
دخترِ عبدُ العزیز    سارِ بَرِتھ اَز طلا
شاہ رسولؐ بوٚز ییٚلی    ژرٕھ گتھ اَز فاطمہ رض
آہ کوٚڈُن دادِ سان    آو وَدُن تَس سٹھاہ

فاطمن تے ہیوٚت وَدُن    تَتھ جائے زار زار
کلہٕ ہیتھ رُود در کنار    تَس نبیؐ مُصطفےٰ
تام ووٚتھے جبرئیل    شاد و خنداں پیشرو
آس ژے کُن اے نبیؐ    مَن زِ سوئے کبریا

قومِ عرب چھُ مُنتظر    فاطمہ ہنٛز وَتہٕ وُچھان
رُود کرُن سو رَواں    سوئے عروسی سرا

ہائے گوڑی زوُد تر گرِشھتہ پکاں کرسکھ
یُتھے آمر آسہ پیٹھ آو از حکیمِ خُدا

فاطمن دوؔپ گرِشھ بو آو حکم ییسؔلہ ییی
جبرؔئل دوؔپ فاطمو گرِشھ غمس مَہ دِ جا

گرِشھت آنے ژرے گیُتھ جامہ زیور اَز بہشت
خاطِر خود جمع دار فکر مہ کر ژرے ہَنا

بوُز بنیؔین یہ سوخَن گوؔو زنانَن کُن
دوؔپ نکھ زِتھُو ئبڈرِو یَتہ چھوُ خیرُ النساءً

سارِ گےؔ گرَ کُن! خندِ گراں تے آساں
لجہ دپنہ پانہ وأنٔ گوؔو حاصِل مُدعا

آو وُسِتھ جبرئیل با ہمہ سامانہ سان
دہؔ حوُر بہشت چِہ ءستی آہِن خوش لقا

اوس اَکِس دَر بغل بوقچہ پُر اَز جامہ ہا
بیتِیہ اَکِس عود وسوز تَعلہ کُے بے بہا

اوس بیتِیس آئینہ تَس بیتِیس مورچھَل
اوس بیتِیس توشکا پاءُ ٹی شنزے خوش نُما

اوس بیتِیس قالیا نرم اموب بہر فرش
بوقچہ اوؔنکھ بڑونٹھ کُن فاطمےؓ کہ بیا

یِم جامے خوش آنی  ناٗلی کر  دَر بدَن
کیاہ جامے جاں چھی  ییہٕ ویتھے پادشا

بیٖیہِ اُنی ہَس وُڈِ نیا  گرِ ھھ تھاوُن بر سرس
تَنٛج بیا کھا ہارِ نے  مشک و عمبر مَرورا

ژھوگ لجَس پأرِ نے  مشک لجَس ہارِ نے
سارِ سمتھ تس نِسٕتے  روزِ بخدمت بَیا

بڑونٛٹھ پوٗکُے جبرئیل  پاہن کراں اہتمام
تس پتے وَتہٕ قطار  حوٗرِ پکاں باتقا

ییٖلہِ بوٗزُکھ فاطمہؓ  آیہِ واتھِ رے برَتل
توٗرِ سَمتھ دزایہ زِرے  سون سپُن مُدعا

تام ووتُے جبرئیلؑ  چوب ہیتھے اَتھس کیتھ
دوٗر گرِ ژھو کأفِرو  اند روٗزِو تُھی جُدا

آیہِ خوتوٗنِ بہشت  دختر خیرُ الرّسل
سارِ انِو کھورِ پیٹھ  حق کینزی بجَا

نوٗرِ رسوٗلِ خُدا  فخرِ سریرِ علا
خاصۂ پَروردگار  شمعِ زمین و سما

عابدۂ بے نظیر  ساجدۂ مستتیز
ذِکر وے آمد کیٖتھ  بانوی ہر دو سرا

تاج بہشتی زنان    نورِ دلِ مردمان
سیّدہ ہر زماں    شافعِ روزِ جزا
روشن ازو بحر و بر    درجِ یقیں را گہر
برجِ شرف را قمر    منبعِ جود و سخا

دُور شوید و بدر    کونہ مہ روز وزیر ودر
آژہے خوتون اندر    خالی کرو تس کھر جا
بروٚنٹھ گژھوٚ ژور زنی    سارِی پیٚیو تس پرن
تس زاینو مرد و زن    جزوِ رسولِ خدا

ییلہ ڈیوٚنٹھکھ ولولہ    پیوکھ سہٹھاہ زلزلہ
لجہ ژلنے ہیچو باد    گائنسِہ گرِ کھہ نہ صدا
ژاو اندر جبرئیلؑ    خوٚر توشکھ بروٚنٹھ ہیتھ
ہیر کنے ووٚتھرن    وی بصدق و صفا

بیٹھ کنے تختس    گیہ بہتھ باوقار
خوٚر سارے اندی اندی    ایستادہ با رضا
نوٚر پھولاں اوس تس    ییتھ پھولے تارکن
اُمس حضرتِ فاطمہ    منزچھ بدر الدجیٰ

تتھ پیٹھے تا بعرش    پردۂ انوار بوٚد
خدمتِ او جبرئیلؑ    کوٚر نہ بخوبی ادا

خوٚرِ لجے ہاڑ نے    بَرسَر او سیم وزَر
ڈیوٗنٹھ تمو دُشمنو    گٔیہٕ کیٚتیا رُسوا

آیہٕ سارے وُچھنے    گٔیہٕ ہمہ بیقرار
ٹیٛرِھ ریٛژھ سارِیے    لجہ دَپنہٕ مَرحبا

عُذر خاہی کرِہَس    لگ کرَنہٕ زار پار
ہَروندوے قدمَن    چون اَسی کرَو پا

کرٕ ژگرک سوقبوٗل    خواں اوٚنُے بشیرو
توٚرِ دوٚپنکھ مُشرکو    کھیمہٕ نہٕ بو از شما

یوٚد نہٕ اَنِو ایماں    کھیمہٕ نہٕ ضیافت تُہٕنز
کاٗفرن ہُندیس اَکھیسیٚ    گٔژھ غمس مُبتلا

اوٚن کینژَو ایماں    لگ وَندنہٕ زُو تہٕ جان
کلہٕ کروے قرباں    چھُے ژٕ نے میٛہرباں خُدا

دُپن تُہند پوٚز چھُہ    کیٚنہہ تہٕ چھُنہٕ اَتھ شک
امہٕ سِتی مو کلن    سأری غنی تے گدا

دُخترِ عبدُ العزیز    ژٕج ہیٚنزِ ے سِتی ہیتھ؟
بو جہلنی بینہٕ تہٕ    گٔیہٕ سٲٹھاہ رُسوا

بارِ صاحبہ دُشمنَن    ہندِ شرے نِشہ رَچھ
رٕدِ تہٕ خلاٗصی زٕ غم    کرٕ تہٕ زٕ سختی رِہا

منز خلقن مند چھاو　　نزِ گوٗ نہٕ گا ر نے
تھاو کھٹِتھ سأنی گونہہ　　نَنہٕ گژھو رُسوا

اَنہٕ شفیع ژور یار　　بیٚنیہ تِمے باہ امام
ژٕ تہِ مہ کر اَسہِ خار　　مومنَن چھےٚ سوے رجا

سان یارَن مومنَن　　اٚسن شفاعت تہُند
ییٚلہِ آسَن تِم نٹاں　　بیٚمہٕ بروزِ جزا

کُن رافاً راحماً　　لِلخلایق کلُھ
لا تذر نا یبین　　قدّت یا ربُ الورا

میر عبد اللہ دوٚپ
خوارق از فاطمہ
فضلہٕ سیٚتی تہندے
مَتہٕ کرتَن مُبتلا



# حض فاطمہ رضؓ سند داج

ڈپ اُسا من پہئے خبر[1] دوہہ اکہ اُسی بھتھ سرورؐ
ڈپن اُنی تون بوبکر و عمر رضؓ صلے اللہ علے النبی

اُسی بھتھ[2] تس پٹر ونٹھ گئے کیا سنا نبی وَنے
لگو تمن[3] ستو کتھ کہ نے صلے اللہ علے النبی

منگناون فاطمہ زہرا دوپنس اَی نور چشم بپنا
چھے بشارتھ باشیر خدا صلے اللہ علے النبی

باہہ، دوپنس[4] کیا چھم سامان بٹرونٹھ کنے کر تم عیاں
کو نہ مانے بہ چون فرمان صلے اللہ علے النبی

اکھ پٹرانی وگو ہنا! خنزہ[5] دہلن ہنز اُس ہنا
پٹرون[6] پھرنا مسواکہ دنا صلے اللہ علے النبی

---

[1] عالیشان رضؓ (ن ق ل) [2] آیہ تم بیٹھی (ن ق ل) [3] لگو تمن بیر باو۔
[4] انتم [5] خورمہ [6] کھلری ہنا (ن ق ل)

ہچے ہُندے اکھ پڑدن پیالہ     تکیہ ہَنا از ہنڈی والہ
مستہ پیوند پوڑے حوالہ     صلےّ اللہ علے النبی

کُرتہ ہیوتُن نبیٔ یَن پانے     وگو صدیقس پیٹھ شانے
تکیہ عمرس اوس سامانے     صلےّ اللہ علے النبی

پوٚز دِتھ بیچ فاطمہ وِتے     اوس وَداں اساہہ تتے
پیالہ اکھ اوس اُسامس اتھے     صلےّ اللہ علے النبی

دوٚ بنِس نبیٔ یَن کوچھکھ وداں     دوٚ بنِس وِچھتھ یہ چون ساماں
بادشاہَن پی چھا آسان     صلے اللہ علے النبی

دوٚ پُس نبیٔ یَن مےٌ دین پرُوے     مالِ دنیا مےٌ سور تڑووُے
یَس چھُ دنیا تس دین روُوے     صلےّ اللہ علے النبی

عبد اللہوکو چھکھ ملوُل     فقر و فاقے چھُ سون رسُول
ییٔڑ پائٹھن تی تھاو قبوُل     صلےّ اللہ علے النبی



# فاطمہؓ سُند خواب

بوز وَنے فاطمہ ہنز اکھ کتھ !   عالمس چھے سارِ تہنز بر کتھ

مُصطفٰیؐ ڈیوٗنٹھ شبہ اکے فاطمَن   دوٚپ نَس زِ یہ ژٕ ڈیکاں سوٚے مَن

ہمے کوٗری گوم چونے اشتیاق !   ہیکہ نے بوٚ اکھ دَما چونے فراق !

نوٗرِ دیدَن ییلہِ ڈیوٗنٹھکھ یُتھ خاب   ووٚتھی نندرِ اوٗسکھ دِلس اضطراب

شُرہن کرِژن ژوٚٹ لگی رَنہ نے   حمد وثنا لگی حقس وَنہ نے

جامہ چھلتھ شانہ کوٗر نکھ کوکلَن !   ڈیوٗنٹھ علیمَن دوٚپُن کیا سَنہ چھِہ وَنَن

گوس حارّاں کأم یہ چأنی کرُنی   دُنیہِ ہیچھے کامہِ ہنزے یِژھ بَرنی

زاہ تہ کوٗرُ نہ کار دُنیا فاطمَن   اَز کیا سَنہ گیہ یمَن یہ کلَن

دوٚپ فاطمن خأبی ڈیوٗٹھم بابہ جیوٗ   دوٚپ نَم زِ یوٗریُن چوٗن رُت چھُہ

ییلہِ مے ڈیوٗٹھم کوٗر مے توے دِل جلا   گژھتھ گرے بابہ صأبس جاں فِدا

ییمہِ دُنیا نِشہِ نبر تھَوقدم   چھُے دُنیہک طمع گژن سور بژم

تور گژھہ نَس کینہہ تہ لگِم ناعلاج   یوٚد نہ دِیی پانہ بدل صد خراج

تورِ فرموو فاطمنؓ زِ یا علیؓ
کائنسہ ماپھیئر حکمِ خُدائیس تہ سر
بیلہ پہ گڑھے تیلہ مےٗ حاجتھ کررَوا
اکھ دِزہم راہتہ غُسلا بینِہ اُکھی
بنیہ پانے قبرِ بیٹھ واتہ ناوی زہم
بنیہ ژھچ زبکھ شُری میائی وارِ یا اُٹھی
بنیہ ژنی زہم نہ زاہ تہ یِمن بیٹھ ملال
چھس چھلان جاہہ تنوے بوشُرن
تورِ فرموو شیرِ خُدائنؓ مےٗ تہ چھی
اکھ بیٹھی مُصطفیٰؐ ژ ڈیشہ ہن
بنیہ بیٹھی آسہ قیامژ حساب
بنیہ ہاوی زہم روے یمن روز و شب
پانہ وانی بیلہ کرکھ وصیت
فاطمنؓ دوپ ہاے ساری نیری تو
وستھ حسنؓ باے ہینتن ستی عزتی
گوکھ آلو تورِ " گرتھو بار وال
بیلہ بوزکھ آیہ لاراں گرہ تے
گِری یہ کران لگی وَدنے والدہ!
چون مرن آسہ کیتھے بوڈ چھ دوکھ

حکمِ خُدائیس چھ سارِن سر تلی
چھی ساری تیر قضا از سپر
تو ستین آسہ ژے بیٹھ میون رضا
تمہ وزے نبرژھنی زہم بر وُٹھی
گونہ گونہ فاتحس مےٗ پی زہم
یم اُسم بابہ صائبس پتر ٹاٹھی
یم چھ میانین دوِن چشمن ہندی لال
مے پتے گُسس پتر ژھ زاہ یمن
نترنے حاجتھ ژے نِشتے بوزتھی
نیرِ گوڈے گڑاو میائی تس کنن
تور نیزہم نِشتہ پانس بےحجاب
نتہ پیہے دادِ چلنے در تعب!
لگی ہینے اکھ اکس رو خصت
جلد ہنزرے قبرِ اندی اندی پھیری تو
روضس اندر گرد گرکھ ڈینٹھی عرتی
" سوے مادر سپہ نو ڈلی ڈلی دوال
اُمس ڈیو ٹھکھ غم و درد کدرتہ
چانہ ورائے چھنہ اسی کانہہ پناہ
چانہ ورائے کتہ لبو اسی سوکھ

تور وَداں وۄنکھ حضرتِ فاطمن رضؓ | پُشری موتس وُیت وِیمی جان و تن
قی ڈیتھ تَپینے سو جاں بہ حق! | تہنٛدِ مرنہٕ رۄد خلقن تیوٚت دۄکھ
اَنہ علی ین سارِ وٲصیتھ بجا | منتظر رۄدی کرٕ ہاوِیم سوے لقا
تژہن دۄہن تژبن رأژن خاطر تس | آیہِ نتے غم ہیوٚتُن سوے وٚلشتَس
تَمہ غمے میتژِ گرٕن فرشس حساب | زاگ ہیتژن کینٛہہ تِہ ییمنا جواب
کاچہِ نکِین ننٛدر گرٕے علی ین | خاطری ڈیوٚ ننٛٹھُن روے تہند ماٗزن
دۄپُس علیؓ ین کو نہٕ ہووُتھ رۄے مے | پوٚز باوتم کیازِ گٔی تار تژیے
بییہِ دۄپنس اکہِ ہشرنے خاطرَ | تارٕ گیم وَنتہِ تژ وو ذکیاہ گرٕ
ہمسایہِ ہٕنِز ہشرَن اَنیایم پھرا | ییلہِ اَنِم بنیہٕ گرٕم نہٕ اَدا
گرٕ اندر طاقچس بیٹھ چھے سو کڈ | سوے ہیتھَن مأکن کن زوٗد بَڈ
میانہِ کنے عُذر خاطر ہی کرٕی زٕبس | میے زِمۄنٛھم تَس تِہ بخش زٕبس
بابہِ صابو نتہِ کیاہ چھے میون پلے | ییتہِ آسی نورِ دیدن یژھ جاے
نوکہِ ہٕندے مال پانَس زانُن حلال | راوٗرن گو دین اندر قیل و قال
نیک عمل کرٕنی اکے زَرٕ ہتہ | وقتِ حساب تتہِ بہ کیا گرٕتہٕ
فضلہِ وَرأے چانہِ چھمہٕ کانٛہہ اُمید | نامہ عمل میون چھلِتھ کر سفید
میر عبدُاللہ ہن تژے کُن اوٚن پناہ | مَتہٕ گرٕتَن مۄمنَن منٛز رُوسیاہ!

ٹأٹھ چانی فاطمہ رضؓ چھے اِی مجیب
کرتہِ شفاعت تہنٛدُے آسہِ نصیب



# اکھ حَدیث

دۄپ عالیشن دۄہہ اکے بو بہتھ
گرِس اندر وارٕ اُسس کُنھ تزِ پتھ

ہنگہ منگے ژاو پیغمبرؐ زِ دَر
بہرِ تعظیم گے بہ وُتھتھ زۄد تر

تور دۄپ نَم "وۄتھ مہ تھوٚد اے نازنین
شونگ تھاوُم گیسوئن پیٹھ مہ جبین"

لُجس وُچھنے موے چھِتی کیتی چھکھ
کُنو ہَے موے سفید تِمنے وُچھکھ

لُجسوٚ وَدنے بیکھ روٚخسٕ اَشی پھری
گیہ بیدار تَمہ سِتن وُتھی ہیرے

دۄپ مَس زِہے وَنہ ما دَر تہ پدَر
دِپتہ کَمتھاہ کوس چھ حالت سخت تر

دۄپن مورَدس سُہ وقت چھُس ییمہ سان
گُدٕ ستھ ییلہ نِن تَمس اَز خان و مال

کورِ گبر اَندی اَندی تَس وَدِن
کور گرژھکھ؟ مونڈ گرژھے چانی زَن

بیٚنیہ حالا چھے کُڈ رَیس پیٹھ تَس
قبرِ اندر ییلہ وأتِتھ ژھہنہ نَس

ترأوِ ستھ گژھن تَس خویش و آشنا
پُشہ رِ نَس گن زونے با خُدا

دۄپس نبیؐ یِن اَمہ کھو تےٚ سخت تر
دِپتہ کمتھاہ کُس چھ حالا سخت تر

دۄپس عالیشن ژے زانکھ بیٚیہ خُدا
وارٕ وَنتم کہ ہے بو جان فِدا

دۄپن مورَدس سُہ وقت چھُ ہولناکھ
ییلہ کُڈ نَس گرِ اندر سِراہہ گژھاکھ

روح دِ ئے ترژھہ کر کھا ییمہ سان
تی بوزن ساری غارٕ اَز اِنس وجان

سۄراہ نہ گرا کو چھٔے ژ ے قسم اَز خُدا — واہ وارے رٔسہ تُلتم دٔست و پا

کٔنہٖ تامتھ موکلیوس بو اَز ملک — ہُنجم سۄبٹھاہ محنتا تھٕتھ چھُہ شک

آبہ ہنا ژ ہن تم مے گرم و سرد — جان کڈ نہ ئستی لوگُم نیژ درد!

سۄران دٕ تھ ییٚلہ وٗنٕن تس کفن — ڈٔپہ ساتھا بتھ تھو تم نون پہن

پوٚر باۓ ژٔن ہُنِد بتھا بو وُچھ ہا — پانہ وانی چھی تا قیامتھ آسی جُدا

ییٚلہ کڈٕن تس سُہ ڈٔپے 'ہالکو — اَتہ مَنزرے ہتہ ٹکان کڈی تو'

کَرِ وِداع مال و متا ہس گرس — یہ مے اوسُم بۄنیہ دیارن تے ذرس

بۄنیہ ڈٔپے گیہ میانی موند زن — ییٚنہ ڈیو تس محنت زاہ یہ ہہن

زٔنجہ ناوِ یوکھ ییٚنہ میانی یم یتیم — چھُو قسم از خُدا وَندِ کریم

ہاے لوکو چھُو یہ دُنیا بازی گار — پٔژھ ہہ کٔرِو اَتھ زٕییہ مادر کار

باز سۄبٹھاہ کھیٚییہ امی نشہ مے — روز خبردار ییٚنو پھِر ژ ے

تابوتس ییٚلہ لٔد تھ تس گرژ ہن — دفنہ بٔروٗنٹھے تو ر کرکھ یہ سُخن

تام روزِ و یینہ لگو محنت — اُمہ ساتَن چھم تہنزے سأرلتھ

قبرِ اندر واتہ ییٚلہ سُے دِیہ کژ کھا — یار و اولاد و ووِ لو زو میانی کتھ

توٚ ہہ کِتھُے مال و متاع چھم گٔنٹیر — دٔست خالی چھُس گرژ ھان بوچون فقیر

............ پییہ نہ زاہ[1] — مُنشرأو یوم ییٚنہ کٔری زیوم فاتحا

میر عبدُ الله ہٕن کوٗر بیان!
یاد ہے تٕن ساری لُکھ تے چھکھ یہ جان

---

١ پوٚر مٕہر چھُنہ وہ تھان

# حدیث

بوز تہٕ حدیث رسوٗلِ خُداؐ — روٗح چھُ کراں مُرِس نِدا
ییٚلہِ گرٛھاں چھُ اَز تن جُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

أَس حضرتِ عایشہؓ بِہتھ — چار زانو اَدب رٕچھتھ
بَرٕ ژاو تام رسوٗلِ خُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

دوٚپ عایشنؓ منےٚ کوٗر دِلَس — روزٕ استادٕ تَس مُقبلَسؐ
سَر پان کرَس فِدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

توٚرٕ بجا دوٚپ ہم رٕہُن — ڈٕہکہٕ کوٹھِن دون پیٚٹھ تھاوُن
خاب راحت کوٗرٕکھ ساتھا — صلِّ علےٰ نبیّنا

ریشِ مُبارکس وُچھمکھ    موئے سفید گُنوٗہ ڈیٹھمکھ
ہِجرتُک گو اندیشہ پیدا    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

غم پیوم زِ نبی رَحمت    دارِ بَقا کُن کرِ روخصت
گرِتھ اُمّت تزٲوِتھ تنہا    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

ووٚلہِ رِوان گیم کلن    اوٚش پوٚکُم پیمبر زوٚلَن
اَسِہ بأ گرُ خدأی قضا    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

گرِ ی پہِ کرَان آسس ملول    پیوٚ قطراہ بَر روٗئے رسول
دِل دوٚدُم ووٚدُم سبٹھاہ    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

گیہِ بیدار ژھجکھ زوٚلہ    مُژرا وچھ پیمبر زوٚلہ
بہرِ تسکین کوٚر ہم نِدا    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

یا عایشہؓ ژٕ کرِ بَیان    کوٚ پُتر چھکھ وَداں رِواں
قصہٕ عأیشن کوٚرُس ادا    صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

ڈُنی عایشہ صاٸبن خبر — گُفت بمن خیرُ البشر
سخت تر کیاہ چھُ درایں دُنیا — صلِّ علےٰ نبیّنا

عرض کوٗر مکھ اَہم ہَ خبر — سخت تر کیاہ چھُ دُنیہس اندر
زانہ خُدا تہ رسوٗلِ خُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

گُفت بہ مَن خیرُ البشر — ییٚلہِ ژٕو نیر بندس نببر
اَمہِ کھوتے کُڈُر چھُ کیاہ — صلِّ علےٰ نبیّنا

باٗژ باندو اَندی ینَس — گرِ گٕڈِتھ نبر نیٚنَس
گرِژھ شُربن باٗژن جُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

کرٕبکہٕ دِوان وَدِہس پسر — بابہٕ فراقہٕ دۄدُم جگر
گوکھ یتیم ترٛاٗوِتھ تنہا — صلِّ علےٰ نبیّنا

بڈِ فریاد کرِکھ پدر — خاک لَدن اولاد بسر
کانٛہہ تہٕ بوزِ نہٕ تہند صدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

تھاوۂ عائیشہ صائبوثر ہتس — سوے سبٹھاہ چھ سختی میتس
بوز عایشن دوپُن یلا — صلِّ علےٰ نبیّنا

بیاکھ سختی چھے میتس زبر — ییلہ واتاں چھ قبرِ اندر
میثر تل روزِ کُنے گڈا — صلِّ علےٰ نبیّنا

یار تہندی تہٕ اولاد ساری — کور گرژھن کرن نہٕ یاری
تس پُشرن بسوتے خُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

دوپُس عائیشن حضرتِ نبی — پیٹھ میتس پژھ گرژھ سختی
تورٕ دوپ نس زانے خُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

میثر پیٹھ ییلہ تس میثرٕ مرس — مثراہ گوڑے کھلس تھرِس
جامہ کرٕہس از تن جُدا — صلِّ علےٰ نبیّنا

مرمہ گڈتھ وأج ییلہ ننس — بیٹھ دستار از سر تُلنس
میت رواں کرٕہس ندا — صلِّ علےٰ نبیّنا

کَوٚ عُریاں کوٚرتھَم بَدَن　　تَنِ زارس وَلتَم کفَن
نبتھ نِنِس مودِم اذا　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

مَتہٕ چھلتَم سَرد آبہٕ تَنجے　　مَتہٕ کَرتَم گرم آبہٕ رَنجے
دِیُو نبیؐ کرٕہم شفا　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

سٕراٚنہٕ گوٚر ییٚلہِ وٕہس کفَن　　میت رَواں کرٕہس سخن
مَتہٕ وَلتَم یُتھ اکھ رُما　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

اھل وعیال روے میوٚن وُچھَن　　ییٚتہٕ یور کُن مےٚ ناڈیشن
روزِ فراق تا روزِ جزا　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

تَن ترٕنہٕ آبہٕ مہٕ چھَلُم　　لوتہٕ لوتے بَدن مَلُم
زخم موتُن چھُم وُنہٕ یہٕ کیا　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

مےٚ ترٕ مُرس اُلفت گیاو　　یکہٕ وَٹن کھییاو چیاو
گوٚو جُدائے کرِتھ قضا　　صَلِّ عَلےٰ نبیّنا

پیادِ موتُن چھُ یوان نادَس کینہہ نہٕ پکاں علاج وادس
مرگہٕ داءدِس لوٚبُم نہٕ دَوا صلِّ علےٰ نبیّنا

سنبہِ لُدِتھ تَس پکناوَن دَپہ خویشن بیٚیہِ اُشناوَن
بیٚیہِ فرصت دی توم دَما صلِّ علےٰ نبیّنا

چھُس پہ کران توہے فریاد بیٚیہِ بوزِ ہا گرٕک فریاد
مَتہٕ رٕنیہ توم ۔بازار تنہا صلِّ علےٰ نبیّن

لوٚتہٕ لوٚتہٕ گوس ییٚمی گرَے یُتھ پہ سارِ رٕو خصت کرَے
اَتھ لوٚگُم نہٕ متاعِ دُنیا صلِّ علےٰ نبیّنا

مےٚ چھُ منزل مَنز اَنہٕ گٹے میأنی یتیم ژرٕے چھی مٹے
یُتھنہٕ ناحقہٕ دِیوٚکھ اِذا صلِّ علےٰ نبیّن

مےٚ تہٕ زوٚنُم نہٕ گوٚو وادِ دِلو ہُنٚز کارس مےٚ ترٛاوِتھ ژلو
کرٕکھ دِتھ کرٕ بلند صَدا صلِّ علےٰ نبیّنا

ہاے یارو چھوا بوزان — مُرن پنن سبٹھاہ آسان
ژہھرپر ژن تُرن سبٹھاہ — صلِّ علے نبیّنا

یٖلہ جناز سٖپنہ رَواں — دَپہ خولیشن وداں رِواں
چھُوہ ڈِسکان پکُن رَوا — صلِّ علے نبیّنا

وونی میّت آسہ قبرنبر — کڑکھ دِستھ دَپہ یارن خبر
عاہ ژسیو پڑاژ رِوساتھا — صلِّ علے نبیّنا

گرگڈستھ ژلیوم تڑآوِتھ — اَستہ لاژم گڑھیوم سعاوِتھ
چھوہ شفقت لبُوہ وَفا — صلِّ علے نبیّنا

بڈ فریاد بیٖسہ دِکھ بارَو — ہاے میاہنو ٹاٹھبو یارَو
کَو ژلی ووم جُدا جُدا — صلِّ علے نبیّنا

تُھی تہ یتے حسرت کھٹیو — اَستھ ہاداں ساژی رِیو
یاد کرُن سہ بوڈ خُدا — صلِّ علے نبیّنا

یِمہٕ دُنیاہہ اُچھم بازی     تھُہ مےٚ روزو باٲژن رٲضی
سوٗر لبُن فانی سرا     صلِّ علےٰ نبیّنا

ساونس ییٚلہِ تتے گٹے     تتہٕ رُون چھُو بڈہٕ ہٕمٹے
ہُنز کارس چھُ رفیق خُدا     صلّ علےٰ نبیّنا

دِیہٕ فریاد چھُس میٚنز تلو     میانہٕ میراث خورہ ولو
کھبتہٕ سو مبرِ ستہ نعمتِ خُدا     صلِّ علےٰ نبیّنا

یٚیلہِ تُلو لذّت بَتنس     بژنژِ آکے گٲرکزہم ژہتنس
یُتھہٕ نشہو کُرن دُعا     صلِّ علےٰ نبیّنا

ٲر لدان لوسم نرے     اَچھہ ہاوان گوس یمہٕ گرے
یاد گٲری زہم مےٚ فی اللہ     صلِّ علےٰ نبیّنا

چاٲنی ووٚمید چھم یا رسوٗل
عبدُ اللہ ژٕ کرتن قبوٗل
تہٕ دل چھےٚ پَران ثنا
صلّ علےٰ نبیّنا



# آنحضرتن ہُندا کھ مُعجزٕ

اوس نبیؐ مسجدِ اَندر  آو قوما از جنسِ کافر
یا نبیؐ ژٕ نیر نہ بَر  صلّی اللہ علے النبی

چھُکھ ژٕ یوٚدن رسولِ خُدا  ہاو معجزٕ پنُن بما
اَدٕ اُسی نہٕ کروے دَغا  صلّی اللہ علے النبی

چھُژٕ کُنیا بَڈٕ چھُو اَسے  تَتھ سونٕک کُلاہ کھَسے
شتّے لنگ تَتھ سونٕکی آسے  صلّی اللہ علے النبی

شتّے میوٕ گژھن ظاہر  ٹنگ، ژوٗنٹھ، وَچھ بیئیہ خضر
بیئیہ انجیرٕ، داٗنی مَدری  صلّی اللہ علے البنی

پڑستھ ٹرگس آسے بطول — لا اِلٰہ محمدؐ رسوُل
اَہ دِین چون اَسے قبوُل — صلّی اللہ علے النبی

گرٔزھ پیدا بالائے شجر — چھوّت مُرغا تو نتھ تَس زِ زر
پاے لعلکی وہ زلی خوشتر — صلّی اللہ علے النبی

سُے مُرغ سَپیہِ گواہ — چُھ پہٖ تحقیق رسوُلِ خدؐا
اَہ انوے ایماں تِرے نا — صلّی اللہ علے النبی

آو یلے نبیؐ یَس کنن — گو فِکرن سَپینہٖ کیاہ سَن
تام خبر وآج جبریلنٖ — صلّی اللہ علے النبی

ڈپ رہ بَن تِرے پیٹھ سَلام — توّت گرٔزھن خیرُ الاَ نامؐ
گام تہنز سَپنہٖ تمام — صلّی اللہ علے النبی

گو ہتہ خلق تَسی پتہ پکان — اوس کوتاہ بوّڈ منزماءداں
ووت توّت ہتہ ڈیو نتھ گُھ عیاں — صلّی اللہ علے النبی

ضرب دِتُن تتہٖ از عصا گو سونگ کُلاہ پاؑدا
شنےٓ لنگ اُسی تتھ از طلا صلیٰ اللہ علے النبی

شنےٓ مهوےٓ ہپنزِ جاری کھیٹہٖ لؤکو سیر گیہٖ ساری
لگو دپنہٖ ثنائے باری صلیٰ اللہ علے النبی

پرتھ ہرگس اوس لا اِلٰہ محمّد رسولؐ اللہ
پیٹھ پاؑدا چھوت جانا وار صلیٰ اللہ علے النبی

دوپ تمی اے اہلِ عرب چھُ پہٖ تحقیق رسولِ عرب
برونٹھ پیو با صد ادب صلیٰ اللہ علے النبی

پیٹھ اُمس دوٗتھمت قرآن کیاہ صِفت چھُ کران بیان
ساری سمتھ انِو ایمان صلیٰ اللہ علے النبی

توہ دوٗپُکھ کیاہ جود گراہ نزرِ ترےٓ ہیو ڈیونھمت چھُ زاہ
جادِ ستین اُچھ گیہٖ سیاہ صلیٰ اللہ علے النبی

تام ووتُے پانۂ جبریل     آس ژرٔے کُن اَز طرفِ جلیل
یا نبی کیاہ چاٗنۍ ڈلیل     صلّیٰ اللّٰہ علےٰ النبی

یوٚد وَپیکھ کروکھ قھَر     کرِتھ ژٕھنوکھ زیر وزَبر
یا نبی ہٕژ غم ہہ بَر     صلّیٰ اللّٰہ علےٰ النبی

ڈپ مالکن یہے خبَر
معجزٕ اکھ زِ پیٚغمبر!
کرٕتہٕ عبدُ اللّٰہ ہَس ہٕژر
صلّیٰ اللّٰہ علےٰ النبی



# شبِ قدرُ

خوش آنشب آنکہِ قدرش نام باشد　　دَر آں اَلطافِ ایزد عام باشد

ساہسہ رِبتہٕ کھوتہٕ یہ شب آو بہتر　　زمین و آسماں سورُے آسہِ انور

کہ اِنآ انزل آیت اَندر گو ناٗزِل　　یُستھے ہیوٗ گُنہِ شبَس چھُہنہٕ مٔنزِل

اوس اَندر لوحِ محفوٗظ سور قرآن　　داٗیِتھ اوٗن جبریلَنؑ ییٚتھ آسمان

ترٛواہَن وٗرک ییٚنے آیہِ آیہِ　　جبریلن وول نبی یَسؐ بڈِ پایہِ

یہِ شبَ چھُے بست و ہفتم نزداکثر　　شاہہ یِتہٕ تام صُبحَس آسہِ انور

جبریلؑ با ملاٗیک آیہِ وٗسِتھ　　پھیرِ سٕے جایہِ جاے کوزِ کھُسِتھ

عُلما شوٗہہٕ وِنی سبزِ و زیبا　　بامَس کعبہ کِیسے کَرِ پَرِ پا

تِمَن تورِ حق تعالا کَرِ خطاب　　کِہ پھیرِو خانہٕ چھُوٗ ثواب

آسہِ کُنہِ ذاکراہ یُس ذکر کرِی　　اَسہِ کُسٕ حقہ ہنٛزِے فکر بری

چھ کوٗنے اِستادِ دَر مُناجات　　چھ کونے وارِ کرَان ذکر و طاعات

چھِ کُنے توبہ کرَان اَز گُناہاں　　چھُ کونے داٗدی لَدا حالِ حاراں

چھُ کنُے عاجزاہ اکھ زشت وابتر　　چھُ کونُے عاجزا اکھ خار وبدتر

کرہم ٹیس حال ظاہر تس پہٕ دِمے　　پہٕ منگہم تی پہٕ ہیتھ بڑونیٹھ پِیمے

اُمی یا اَٹھی حق تعالا اَسہِ دَیان　　سارِ ساژ از کمال لُطف واحسان

یَتھ شبَس زان غنیمت بیداُری　　اُمی شبہٕ آسہِ سیٹھاہ فائض جاری

خُدایا میر عبدُ اللہ چھ یوہان　　ژیے کنِے با اُمید از لُطف واحسان

بخشتس سارِی گوناہ ژٕ برحمت　　یا پہٕ ہیے کُن دائِم ہاو تس وَتھ

بحق مُصطفےٰ[ص] و سرورِ دین[ع]　　بحق چار یار و آل یاسین

باولاد و بیارانم رہانی

زِعصیاں و بہ عفراں می رَسانی



# شبِ بَرات

بحمدُ اللہ کہ اَز چھےَ شبِ بَرات
بَلایوَ نِشہ خلقس آسِہ نجات
بَرأڑے عاشقنے روے ہاوان
بَرأڑے عاؔرفنے سیر باوان
بَرأڑے مؤمنن پیٹھ وَسِہ رحمت
بَرأڑے نیک بختن وَسِہ رحمت
روایَت کرد صدیق رضؓ اَز پیمبرؐ
یہ شب چھےُ نبصف شعبان خوب اَنور

وَسِہ بَر آسمانے حق تعالا !
اسے کُن ساہہ بَدی کیر نِدا
چھُہنہٕ کانْہہ بحرِ غمس بۄڈ مُتے
چھُہنہٕ کانْہہ گرِ نبٕر کوٚڈ مُتے
چھُہنہٕ کُنہٕ عاجزا کانْہہ اکھ بچارا
چھُہنہٕ کانْہہ کُنہٕ گومُت آوارہ
چھُہنہٕ کُنہٕ ظُلمہٕ سِتی گوٚل مُتے
چھُہنہٕ کُنہٕ عاجزا اکھ پھوٚل مُتے
چھ کُونے ۔ توبہٕ کرَان ازگُناہاں
چھُ کونے گومُتے کانْہہ حالِ حائراں
چھُ ۔ کونے گرِ نبٕر کوٚڈ مُتے
چھُ کونے عاجزا اکھ پیوٚ مُتے
تہٕ وَن تم حال پَنُن کیر رَوا
تہٕ کرتَم دود ظاہِر کیر دَوا
پَنہٕ نے فضلہٕ سِتی تس گژھ مَطلب
تہٕ ہیٚکس نَے گژھتھ مأج تے بَب
چھُہس مینہہ ربا تر کھوتہٕ مائِس
گوٚنہٕ ہی سارٕی بخشس پانہٕ وائِس

گُذ راں ساٗری کرے تَس گوناہ
بہ ستاّر چھُس سارِن ہُند پَناہ
بُخشِ نہٕ تَس یُس اٗمِہ راٗژ گوناہ
کَرِ، بیّنِہ گُذرِ بانوِے روّے سیّاہ
موکلِہ نہٕ جادٕ کار بیّنِہ وایِہ طنبوٗر
مُنجم کوتواٗل بیّنِہ کاٗفِر و کور

یُستھٕے ہیوٚ میر عبدُاللہ چھُہ وَنان
پوٚز تِمَو مُحمدِ ثوٗ یہِ کوٚرُے بَیان



# وفات نامہ

باتو گویم اے برادر از وفاتِ مُصطفےٰؐ
تاچگونہ رفت از دار فنا سوئے بقا
کِہتھِؔ مہِ سالے ہجرتہٕ آو نیرِتھ مُصطفےٰؐ
حرمہ نِشہٕ تو پتے گےٚ تم غمس منز مُبتلا
ازواجن سارِنٕ ٲسِتھ کوٚر تِمو یہِ التماس
تھوٚد وُتھنکھ چُھس نہٕ قوّت پھیرِ ہا بو جابجا
کتہٕ سوٚ مبرِتھ اکھ جایا گرِ وٕ مےٚ کرِٕز اِختیار
نتہٕ لگِم پھیرِنہٕ ستی گرِ گرِٕ مےٚ ایذا
سارِی ٲسِتھ عائشہ ہِندے کوٚر تِمو یِکجا پسند
بُرجِ صِدقس گو بہِتھ آفتاب والضحیٰ
ییلہِ ڈینٹھکھ ژٕر سختی دوٚپ نکھ یار وٕ دوات
بٕرٕ ونتھٕ ژٕ نو لیکھہا بو اکھ نصیحت باشما
بعضو دوٚپ بٕرٕ ونتھٕ ژٕ نو بعضو دوٚپ چُھنہٕ جاں
زانکہٕ وانکھ لیکھنہٕ ستی ژٕ مِحنت تہٕ ایذا

دوٚپ حضرتِ عُمرنے بَس چھ اسِہ کیٚتھ قُرآن

اَتھ قضیس آسِہ بوزکھ شور وشرتے یٖژ بسا

تَو ستی گیہِ ناخوش دوٚپ ہکھ زِ چھُنہٕ جاں

شور کرُن کریکہٕ کرُن دَر حضورِ انبیاؑ

یٖژ سیُٹھن سوز وگداز دوٚپ ہکھ ہانکال

ستہِ مشکے ستہِ کریرے آب أنو سوے ما

اِضطرابہٕ ستی سیُٹھن شور وغوغا ییلہِ یٖژ

دٕرا نبہرٕ تٔتھ اَکھ دٕچھنی علی مُرتضیٰ

کھوورٕ اَکھ فصیل تَتھ بیٹھ ممبر گرٕ ھتھ بیٹھ

باخدا ےخویش دٕیکھ ساہہِ بدٕی حمدوثنا

بیٚیہِ دوٚپکھ ہائے لُوکو توہہِ گُماں چھُوٕ یِ

کہٕ نبیٚن چھُنہٕ مرُن دٕپو دَرفرقانِ خُدا

اِنک میّت کہٕ زِ مَرنُے خامخاہ چھُ کَس

وُچھتہٕ ساری گیہِ نیٚر تھ انبیا واصفیا

وَصیّتہٕ نِش گے فارغ گے بنجانہ فاطمہؓ

دوٚپُن صدیق چھُوٕ مسجدِ ہُند امام وپیشوا

أس بیمارٔی تہٕ رنجوٗری سأرے دوہ ژروا

دٕہمہِ جبریل آو یٖژ ژھُن حال تسی از خُدا

بۆہۍ مَہ دوٚہے آو جبریلؑ دۄ فرشتہٕ ستی ہیتھ
اکھ زِ اسماعیلؑ دۄیوم عزرائیلؑ جان لوا
ژاو اَندر جبرئیلؑ آس دوٚ کس بیرون دَر
یا نبی عزرائیلؑ چھےٚ دَ پاں اَژُن ہا
ییتھ وَقتس تام نہٕ ہیوٚتےُ کانسہٕ اَمی رُخصت
دۄپُس ربّ العالمینَن تس روٗس مَیا
گرِ لیسی صوٗرتھ ہیتھ عزرائیلؑ روٗزِ تھ بَر در
کرِ یکھ دِژِن بڈِ زِ اے اہلِ بیتِ مُصطفےٰؐ
نبی سندِ ے ڈیشنہٕ نک چھُم شوق اندر اژُن ہا
منع کرنے تورِ دژایس حضرتِ خیرُالنساءؓ
بۆنیہ دِژِن بڈِ گژِ یکھا بۆنیہ دۄپ ہَس تورِ تی
قہرِ سانے تتھ جاے بۆنِہ کوٚرنے تمیٚ صَدا
لَرزِ ہوٗ تمیٚ اہلِ بَیتن گوٚو بیدار آں نبیؐ
ہاۓ یار و شور و غوغا کیا چھُ ڈٖی توٗ تھ بما
دۄپ ہَس زِ اکھ گژِ یُوستا بَرتلہٕ چھُ تند خو
دۄپ نَس زِ زانہٕ ہَنِ گوٚ رکہٕ یہ کُس چھُے فنا
بابہٕ صابُو یہٕ نہٕ زانُن کُس چھُ سانے بَرتل
دۄپ نَس زِ سُے چھُ لیُس کرِ ووٚنی باژِ ن منزِ جُدا

سُے چھُپُس کرِمونڈ زرِنہ تے سُے چھُپُس کرِ شری یتیم
سُے چھُپُس کرِ لُہرِ پارِ سے چھُپُس کرِ سور فنا
پِی ڈیتھ گو نبی سخت پائٹھن بیہوش
گو گماں کہ زِ گڑھتھ بیو در دارُ البقا
نوُر دیدن بیلہِ ڈینٹھن بے ہوشی تھندِ نے
بِجہ وَدنے بڈِ بڈے کیاہ سپُن یہ ربّنا
عجز و زاری بیتِر کرن حد رِوسُتے اضطراب
در کمالِ ضعف کرِہن تس کِنئے چشمہ وا
بیلہِ ڈیونٹھُن اوّش تڑاوال بیہِ وَدن تھند وے
اتھ ءِ ستِہن پاک کرِن وارِ پائٹھن تس لقا
دوِپ نس زِ ہاے کوری وَدنہِ چانے گڑھ چاہ
عرشِ اعظم وُستھ بیہِ ے ساتہ اکے ست سما
دنہِ گلس صد تسلا بیہِ کوّرہس ایِں دُعا
بار خُدایا صبر بخشُس بیلہِ گڑھس بو جُدا
ہاے کوری بیلہِ نیرِ ے روح میونُے از بدن
ٹیرِ ی زِ انارا جھون کرِ ی زِ صبر رِ ہے سیتھا
پِی ڈیتھ بیہِ وَحَن چشمہ پَتِنہِ نے از نظر
بیہِ بِجی بڈِ وَدنے حضرت خیرُ النساء

دۄپ نَس زِ ہلےٚ کوٚرِی کوٚت ہیکھ ژٕ غم غصہٕ
ییٚلہٕ گژھے جلےٚ زَٹے جنتٕچ عرشس خدا
عائیشہ صدیقؓ آیہٕ تۄہیٚ بڑونٛٹھ کُن!
کوٚرُن عرض اکھ وصیت کرِتھ بیٚیہٕ اے مجتبیٰؑ
دۄپ نَس زِ سوے وصیت یوس مےٚ کرٕے بڑونٛٹھ تیٚیے
ڈاڈ تِتھی گژھی زِ عمل ابتدا و اِنتہا
آو حُسینؑ بیٚیہٕ حسنؑ گیہٕ بہشتہٕ پیشرو
گِرٕیہِ تہندے لگو نَٹہٕ نے جملہٕ زمین و سما
شاہِ حسنؑ روے نیٚبُن تھوو بر روے نبیؐ
پیٚٹھ سینَس روے تھاوان آں شہیدِ کربلا
گِریہِ تہندے جو پیٚچے لۄکہٕ ہِنٛزَن چشمن
کوٚرُنہٕ دناسار تِمَن بوسہٕ دیت تَنٛک لبوے را
ژاو علیؓ نِشہٕ پانس بیٚیہٕ نوٚ ڈُن باکرم
پیٚٹھ مَتر صحن کلہٕ تھووُن سر بَسر حُب وِلا
دۄپ نس زِ یا علیؓ تَس یہوٗدی سُند مےٚ پیٚٹھ
چھُم قرضا دِپ سا علیؓ کوٚہ کرَے بو ادا
دۄپ نس زِ یا علیؓ چھکھ ژٕ اکھا سٕیُس
گوٚو ڈیشتھ کوثرس پیٹھ زَن بہشتہٕ پادشاہ

رنج ژٕرے بیٚٹھٕ ییٚژ واتے لیکن کٔرِی زِ صبر ژٕ

ییٚلہِ ڈیشکھ سأری مازاں پوک باین دُنیا!

بییٚنہِ کٔرِی زے استقامت بر نماز پنج وقت

ژٕ نز غلامن تہِ اُنی زے وارِ پأٹھن حق بجا

اَتھ کھورَن سیتی دٕیت نس چانہِ غمہ مٕے سوٗر گوم

جان وَندے پیر میانیو زُو ژٕرے بیٚٹھ چھم فِدا

چانہِ بَدلے لگہٕ ہا بو کلہٕ پانٕے وندہٕ ہے

مَرنہٕ چلنے دوٗدُم جگر سیّدا و سیّدا

تام دوٗپُے قٲبض روٗحن کہ اندر آژہٕ بو

دوٗپُس نبی ین ؑ روز ساتھا بیٚنہِ جبریلِ از خدا

ووت جبریلِ دوٗپ نس زِ سأری رُوزِ تھ منتظر

روح ملک عرش فلک بیٚنہِ پیم چھی تَر سَما

نارِ دوزخ ژٕھبتہٕ سینٕن رضوانس حکم آو

تھاو پیرِ تھ حوٗر و غلمان جنتس شیر جا

بیٚنہِ دوٗپُم پانہٕ ربّ العالمین کُن ژٕ گژھ

واتہٕ ناوُن یار میوٗنے سوتے فردوسِ علیٰ

جبریلِ تہٕ لوٗگ وَدنے تَتھ جاے زار زار

دوٗپ نس زِ جبر سُلو خوش خبر گژھ دِتھ تَما

توہر دوّپ نسَ انبیاہنَ تاں ہٕ جنّت چھےَ حرام
یاہٕ ژٕتے چاۓ اُمّت سٕتھاوِ اوّل تتہٕ پا
اکھ شفاعت بیٚنہٕ حوضِ کوثر و محمودؔ جاے
بخشہٕ گونا ساری بندن کرِ چو نے دل رَضا
شادسپُن بیٚنہٕ دوّپ نس اے پیمبر شاہِ دین
کاۓ نسہٕ پیغمبرن ہٕ نو بےیہٕ ژیےٚ لوّ بُتھ از خُدا
توّ پتہٕ اَمرسپُن قابض روُحس کہ اَزھ
اوّل ژٕکر کام نبی ین دِژ تنَ خود بارَضا
گوّ ونپر سِتھ شہبازا جاے دِژن جنتس
بوۓ خوش جسمہٕ سُندے جاے رٹن بَر ہوا
یوت وَدان جبرئیل لوّگ کرنے ہاۓ ہاۓ
اے دریغا گوّ ونیر سِتھ مُصطفےٰ سوۓ بَقا
فاطمہ سِندے وَدنہٕ ستی لگو نہٕ نے جن وانس
گییہ گٹے آسمانس اتش و حرتا!
یار بہتھ مسجدِ اندر لگی کرنے واویل
تتھ جاۓ شور سپُن ہیچو شور کربَلا
شیےٚ ژٕنی از اہلِ بیت آسی حاضر غسلس
فضل عباسؔ ہیٚنہٕ ترٕے ژٕنی بیٚنہٕ علی مُرتضیٰ

غُسلِ تہنا دُیت علی یَن بٔنیہِ اوُسکھ پیشوا

چیٖیہ ......... پاہٕ آں شیرِ خُدا

ترٛےٚ پارچہٕ اُسی کفن تس وٕلے مشکٕنٛ دار

مشک عطار جبرٔیلن اوٚن از بہشت بے بَہا

چھٕلِتھ تھوٚوُکھ حُجرٕ اندر بر سریرِ مشک دار

ژٕندر وارے سٕپٕن بوٚد وارے آو نِدا

ہائے لوٚکو ییو کرِ واکھ نماز اَسہٕ پیٚٹھ!

فوجہ فوجہ گژھتھ کرکھ لیک تہنا و جُدا

بوٚد وارے واتناوکھ جسمِ پاک اندر زمین

تتھ جائے ییٚتہٕ اُسکھ زندگانی ہنز جا

پیٚو ماتم عالمس لوٚگ وَدنے آسماں

باز زانٕو بٔرم چھُ سمسارس وٚرکنہ نو دُنیا

میر عبدُاللہ کردی یٔرٛہ کٔتھا اَز نبیؐ!

دیوٚ کارس سان یارن دَرتقا روزِ جزا



# وفات نامہ آنحضورؐ

شتوہم صفرنی اُس بۄ دوار      سردارِ عالمؐ گیہ بیمار!
ژندر وار دۄہہ کوٚرتھکھ عزار      کیاہ سون شۄہ وُن پیغمبرؐ
گژیسیٚ اکھ کژبکھ دِژ بَر تَلہ      حکم چھُ اژنس کِنہ ژَلہ
فاطمن رضؓ دوٚپ تسَ ژروے بَر      کوٚت گے سردار پیغمبرؐ

دوبار کژبکھ دِژن اَژ اَندر      تمہ کژبکہِ سارِن کنَن پیو زَر
فاطمَن رضؓ دوٚپ تس چھُ ضعفس اَندر      کوٚت گے سَردار پیغمبرؐ

ترٚیِیہ پھِر کژبکھ دِژن گژھ پھِرتھ      تمہ کژبکہِ حضرتؐ گیہ وٚتھ
بے ہوش سپنے ماد کیو نر      کوٚت گے سردار پیغمبرؐ

فاطمو زوٚن تھوٚکھند صدا      باپہ صائبہ زانکھ ژہ تہ بینیہ خدا
جُدا کرِ فاطمہ تہ پیغمبرؐ      کوٚت گے سردار پیغمبرؐ

بوزیلہِ فاطمن دِڑ نو باک　　بابہ دادِ جگرس گوموچاک
پادن بابو وندیو سر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

ووڈنس بابو کیا گہر !　　دوکھ چانہِ فراق گبتہ زہر
ووڈنس اُمتی گے بے بر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

بڈِ ووڈ فاطمنؓ روو دیدار　　مدینس تمہ ساہتہ گوگٹہ کار
جبریلس کُس سناوَنہ خبر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

ووڈنس بابو کورکُن گوکھ ؟　　ماجہ رَچھ تھووتھم للہ ون دوکھ
مینتہِ توری نیتم چھس بے بر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

حضرتِ صدیقؓ اوس لارن　　عایشہؓ وتہ پیٹھ اُس پڑارن
حضرتن میٹر پیٹھ تڑاؤن تر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

کربکھ دِڑ عایشنؓ ہا بابو　　دیدارِ حضرت گوم خابو !
باک دِڑ فاطمنؓ پھٹ میاغُنی تھر　　کوّت گے سردار پیغمبرؐ

وڑو حضرت صدیقؓ یار غارو　　گو ہَم نیرِ کھ پتہ لارو
بدلہ لگہ ہےٓ وندہ ہے سَر　　کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

حضرتِ عمرؓ اوس وَدان　　شمشیرئے ہتھ دڑاو مأدان
مارَن سُہ یُس دِپہ گو سَرورؐ　　کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

عثمانؓ صاعبَن ہیٔوک نہ ذرِتھ　　حَیا عسِتی ہیٔچن نہ کِتھ گرِتھ
ہیٔور ہیوکنہ ؤ کھِتھ شاہ حیدرؓ　　کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

اُمتسَ چھُہ فِراق سَردارو　　کمِہ وَتِہ ژھارَتھ غمخارو
امّت چھےَ کران ارِہ سَر　　کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

یارب سونٔے کر قبوٗل　　درؤد بے حَد بَر رسوٗلؐ
بر آلِ محمّدؐ چار سرور　　کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

میر عبدُاللہ چھُہ امیّدوار
دیدارِ چانگُ چھُس اِنتظار
ہاو تَس دیدار یاسرور
کوٓت گے سردار پیغمبرؐ

# باہ اِمام

یٚلہِ پٔرزٕھَن سون امام گُس چھُ  
دَپتہٕ زٕ مےٚ کمیو وَتہِ اوس سُہ

سُے چھُ حمادٔ ؑ یتہٕ امامِ علقمس ؑ  
اوسِ ابراہیم ؑ نجفی بڑونٹھ تس

ابنِ مسعودؔ ؑ ہشنزٕ اُسے تسَ وَتھ  
تَس زِ پیغمبرِ خدایہِ ؐ ہشنز سَتھ

اوس ابراہیم خلیل ؑ تسَ پیش  
نوح ؑ نبی ہشنزٕ رٕٹ تمِ راہ پیش

شیتِ ؑ نبی ہشنزٕ اُسے تسَ ماے  
تھٕہنز وَتے ڈاڈٕرٕٹی تمہٕ ماے

تِس آدم ؑ پانہٕ اوسُے راہبر  
تمہٕ جبرئیلس ؑ تھوُوے پتہٕ سر

تَس میکائیل ؑ اوسُے پیشوا  
تَس اِسرافیل ؑ سپُن رہنما

تس اُسے وَتھ زِ عزرائیل ؑ جاں  
تَس زِ ربّ العالمین ربّ جہاں

میٚر عبداللہ کردی اے مبین  
اَمہٕ وَتے ساٗری مُسلمان یکن



# بیاکھ مُعجزٕ

اَسی بہِتھ رسولِ خُدا    آیہٕ کُکرلاہ وُستھ اَز ہَوا
پھِژ کہٕ لدٕے کرَان صَدا    صلی اللہ علے النبیؑ

جاے رِدتم ژٕ زیرِ دامَن    اَمہِ وَرآے چھِنہٕ منےٚ مامَن
گرٕژھ نیرتھ کوٚت پہٕ شامَن    صلی اللہ علے النبی

چھَس بہٕ بچن غذا گاراں    شاہ بأز چھُم پَتے لاراں
بیمہٕ تہِندِ چھَس بو تھاراں    صلی اللہ عَلے النبی

اَسی کرَان یوٚ ہَے کلَام    تِمہ ساتَن شاہ باز آو تام
یا نبی علیک سَلام    صلّی اللہ علے النبی

یہٕ کُکِل چھےٚ میوٚنے شُکار    یوٚرِ دِتم ییٚیم بِکار
بوٚچھ ہوٚتے کُرس نہار    صلّی اللہ علے النبی

---

ؑ کلچرل اکادمی ہندس نسخہ نمبر ۱۹۳ منز چھُ "صل رَبی محمدا" دَرج

ہاے یاڑو پہ کَتہ دمے ۔ یوّت گژھی ماز ہتھ یمے
چانہِ خاطرٖ پہ غم کھمے ۔ صلّی اللہ علے النبی

یا نبی تہٖ کتہ بنے ۔ کھمہٖ کُکل پہ ہنہِ ہمنے
نتہٖ ماز دِم پینہٖ پہ تنے ۔ صلّی اللہ علے النبی

ہاے یارو اُنو خنجر ۔ ماز ژڑہٖ بو رانے نبر
سیر کرون یہ جاناور ۔ صلّی اللہ علے النبی

دُپ یارو یہ کتہ زرو ۔ اَمہِ کرنے ساری مرو
بجاں ژرے پیٹھ فدا کرو ۔ صلّی اللہ علے النبی

لگی ودنہِ جن و ملک ۔ لگی نٹنہِ عرش و فلک
پیٹھہٖ اصحاب وُستھ اکھ اکھ ۔ صلّی اللہ علے النبی

شور سپُن سبٹھا غوغا ۔ ملکو دُپ تس مرحبا
وا دردا وا حسرتا[۲] ۔ صلّی اللہ علے النبی

---

۲ع چانہِ ہمہٖ صد مرحبا (حاشیہ)
۱ع شاہ پانڈو یہ کتہ بنے

کیا بنیو یہ واویلا ۔ کُکل میکایل از اعلی
چھُس یہ جبریل امین خلا ۔ صلیّ اللہ علے البنی

یک طرف حسن نالاں ۔ یک طرف حُسین گریاں
ہاے بابو فاطمہؓ وداں ۔ صلیّ اللہ علے البنی

تام یآزن مُشر زباں ۔ آے اَسی نزدِ رحمان
اَسی کروے ژےٚ امتحاں ۔ صلیّ اللہ علے البنی[۱]

وُچھو لوکو تہنز ہمت ۔ کیاہ کرُن کُکلے پیٹھ
کتِہ مشے تس یہِ اُمّت ۔ صلیّ اللہ علے البنی

عبدُ اللہ چھُ اُمید تھاوان
تتِہ بخشتس ژےٚ یارن سان
غم چھُ کیاہ یَس چھُکھ میٚہربان
صلیّ اللہ علے البنی[۲]

---

[۱] یہ بند چھُنہٕ ن ۱۹۳ منتر

[۲] میر عبد اللہ ہَن کوٚر یہ بیان
کاغٔری یآٹھن معجزا ماں
ژبتس تھاوِن پیر کیو جواں

# بیاکھ معجز

کٗر روایت اَنسؓ زِ دوہیہ اَکے مُصطفیٰؐ
گوٗ گیرِ فاطمہؓ سُندے اُسؑ تتہِ خیرُالنساٗ
دوٗپ نَس زِ ہلے بابوٗ گیہِ تڑے دوہ فاقہِ میے
گوٗنہ یاٗدا کھیئن تہٕ چیئن میے بوچھ لُگی مےٰ سبھڑاہ
بیٗلہِ بوٗزنُ ہو ونس تمٗی سنگ بَرِ شکم گنڈِتھ
دوٗپ نَس زے ژور دوہ گےٗ مےٰ تہٕ توٗبُم نوغذا
دڑاو نببرَ لوٗگ وَبینہِ ہاے حَسَنؑ تہٕ حُسینؑ
بوچھ ہُتی چھی کیا یہ گرِ اَتھ اَندر ربّنا
اوسَ تتُ اکھ گرِ پوٗستا تڑلیش دِوال اوٗنہٕ ڑنے
گوٗ روٗزِ ستھ تَتھ جاے آلِ محمّدؐ مُصطفیٰؐ
دوٗپ نَس زِ ہاے بایو گرِ کاٗماہ دِم مزوٗرِی
دوٗپ نَس زِ کھار کیرس آب دِمَے خورما

اَکِس نٛیٛس تٔرٛے خضر دِمہٕ کرکھ یوٚد قبوٗل
دوٚپ نس زِ گوس راضی آسٕہ پیٹھ اے یار ما
کھورُن نوٚٹاہ تٔرٛے دِتی نس کھٔیٖن پانس بٔنیہ گو
اَسٕہ کھارِن بٔنیہ دِتِن تَس ژوٚوہ خرما
بٔنیہ گوٚ ژکھ اَرِن مزوٗری ۔۔۔۔۔۔۔۔۔ ع ۱
آو گٔژیوس تے دِژن چیاسٕہ تمہِ بروئے مُجتبیٰ ع ۱
تام نٔژِن آسہ ووے نوٚٹ کھورُن زوٗد ترٛ
دِتُن تَس سٕے گوٚو پیکان توٚت نبی باتقا
گوٚو خیال تس گژِیتس یُتھ کارا جُنز نبی
آسہ نتے چھُ یہ تحقیق سیّد خیرُالوریٰ ع
ژھنُن چیندس آسٕہ پتو کٔڑ نہٕ شرا کانبر وٕے
ژوٚنُن ڈیچھُن آسٕہ پٔنُن گوغمس منز مُبتلا
یوٚک سَوارا توٚت کنٗی ہورُن سُبھس آب تَس
گوٚو بیدار دوٚپ نس کیاہ ژٔرٛے سَپُن معاملا
دوٚپ نس زِ پَرزُکھ نہٕ دِژمے چیاسٕہ نبی یَس ع
تَو ژوٚنُم آسٕہ پٔنُن گوس بوٚڈِ سٕہ دَر بلا
آسٕہ ہیوتُن اسٕہ کیھٔے گوٚشہ بسوئے نبی ع
مااَج اَسی ہتٕہ تس وٕے کوٚرنہٕ یہ مسجد ندا

اُسی تے ژور یار وے دوٚپ ہَس زِ کیا گژھی
دوٚپ نکھ زِ چھُم تمنّا وُچھ ہَن بو مُجتبیٰؑ
نیو سلماٲنی اَتھ رٹِتھ سوئے خانہٕ فاطمہؑ
اوس بِہِتھ تَتھ جاے پانہٕ رسوٗلِ خُداؐ
بَر پیٹھے دِژن کریکھا تمہٕ گر بستی اے نبیؐ
توٚرِ دژایہِ تَس وُچھنے حضرت خیرُ النساؓ
ژایہِ اَندر دوٚپ نس زِ بابہٕ صاٲبو گژھ بوستاہ
چھُے نبرَ عرض کران وُچھ ہَن بو مجتبیٰؑ
چھُس پیکان رَتھ اتھَس کِتھ تِژ کران زار پار
دژاو نبرَ دوٚپ نَس چھُکھ شافعِ روزِ جزا
کوٚرُم گوناہ ژِنڈ دِژم روے مُبارکہٕ ہے
بخشتہٕ گوناہ میأنی بو چھُس تِژ غمَس مُبتلا
دوٚپُس نبیٚ یَن ہاے گژ لیستیو ماٲج ہیتھ ایمانؑ
پاک گژھکھ غمہِ نشے کانہہ نہَ روزی نو گوناہ
یا نبی چھکھ ژِ تحقیق پادشاہِ ہردو کون
بِچراوُم اَتھ میوٚنے کَرِتہٕ مےٚ داٲدِس دوَا
روٚٹ نبیٚ یَن اَتھ تھُند جایہِ ییٚنہٕ نے تھوو نَس
تِتھ یُتھے وارِ پاٲٹھن یِتھ اوس بڑ وَنٹھے بجا

اوٚن ایمان مأج ہیتھ تمیٚ گرِ پیسی پوٚرٕن تشہُد
گوٚ مُسلمان پٔتہٕ لبنہٕ روزِ قیامَت سُہ جَزا
یا اِلاٰہی اِستقامت بخش بر فقرم مُدام
تا نباشد میل نفسم سوئے دَولت ہم غنا

میر عبدُ اللہ اوٚن یہٕ حَدیث دَر بَیاں
دِیُو بوزَن نوٗکھ ساری گَرِتھ راضی تَس خُدا



# یومُ القیامت

میر عبدُ اللہ کرِ ووَنی یہِ کلام
وارِ بوزِن لۄکھ ساری خاص و عام

زان زِ اِسرافیل وایہ ییٚلہِ صور
دَپہ وُتھہِ مۄدی مِتیو اَز قبوٗر

ہلےَ رگو، اُستخانوَ بدنوَ
بہرِ حساب آسہ دُہے گَڈِ نوَ

ییٚلہِ وُچھن نزِ کُنی یہِ فلک
نزِ کُنی کوہ تہٕ دریا بنیہِ ملک

ساری وۄتھن نِتھہٕ ننی تریشہٕ ہتی
ساری حارٕاں بیہوشی ییٚتہِ متی

گرِیا یارو تس بنی یِس یہِ سوال
وارِ دَپ تَم تِمہ دُہے کیا چُھہ حال

آکھ وَدُن ریش سٕپُن سور تر
دیتہٕ کیا بودِمہٕ قیامژ خبر

باہَن فوجَن اکھ فوجا پننزرن
تَم چھہ تِمےَ یِم چھہ فسادا کرَن

سورِ صوٗرژ بنیہِ ووتھن رشوٕ خور
تِم چھہ تِمےَ یِم نہٕ کرن عدل و دام

بنیہِ قوما تَم زِ ووتھن زری تہٕ کاٗنی
بنیہِ قوماہ آسہ آسکھ نہ بَصر

دون منزٕ ییٚلہِ کرن فریاد
یِم نہٕ بنین عاٗب چھہ ہرگز وُچھاٗنی

بنیہِ قوما آسہ آسکھ رتھ پکاں
زلوِ آسن تِم ژاپان درد ہال

تِم چھِ تِمے یِم نہٕ کرن زاہ عمل — علمہٕ ہے تِم پتہٕ آنس از ذلل
بێیہِ قوما دانہٕ آسکھ بر جسد — ہیرِ بونے نارٕ ڈلِتھ از حسد
تِم چھِ تِمے یِم نہٕ پٔزٕ گوأہی دِن — آسہٕ بَس بدبوے تِمَن یِیلہٕ یِن
بێیہِ قوما کھورِ ڈٕبکس مِلوِتھ — شہوتی چھِ کتہٕ ہکَن کٔھہرِتھ
بێیہِ قوما گومتےٚ دیوانہٕ زَن — ہوشہ چی آسکھ نہٕ پیٚنٕنش ہَن !
تِم چھِ تِمے یِم نہٕ مانَس دِن ذکواہ — ٹوٹھ آسکھ مال تِمَن دوہہٕ تہٕ راتھ
بێیہِ قوما نارٕکٕے آسکھ بیزار — ہیرِ بونے ڈلِتھ آسہٕ تِمَن نار
تِم چھِ غائبتھ کرٕ ونی خلقَن — اَتھ چھِ برابر سأری مَردو زَن
بێیہِ قوما کارٕ پیتی زٕبو تَس ! — أسہٕ گٔڈہٕ آسہٕ تَس بہ ہوس
راتھ دوہے کرن در مسجد کلام — دُنیہٕ ہُک حب تہٕ عمل چُھکھ تمام
بێیہِ قوما ہوٚنٕ شُندٕرے رنگ زَن — تِم چھِ لاپرواہ وارٕ بوزِو یہٕ سخن

بێیہِ قوما شب چارٕ دہ روے تِمَن
امرِ خدا راہ رسولؐ تِمہٕ رٹن



# روزِ عاشورا

بوزِ دۄلوکو چھُو عاشورک دۄہا از خُدا
ژور متے اُسی بیغم خلق اَز رنج و بَلا

تُمہِ دۄہے رۄزِ تھاونہِ جان تہٕ بیداری شب
بیٚنِہ مانٚس وارِ پاٹھِن کٔری زِ ذکات رَوا

دۄپ پیغمبرؐن لوکو مال پننُ رٚچھِو تو!
یِم ذکات دِنہٕ سِتی دَر خلا و دَر مَلا

دِکھٕ ژٕ خارا اتھ اَمہِ وراے سون تہٕ رۄپھ ما چھُوہنٕ
چھُنہٕ برابر زرٚس عاشورٕکِس در بہا

اَتھ اندر یِہ سُنّت دہ چیزی از نبیؐ
کٔر روایت اَتھ کتھے شاہ علی مُرتضےٰؑ

اُمہِ دۄہے روزِ تھاونہِ شیتہٕ وٕری کھوتہٕ رُت
امی پاٹھِن بنیِہ بیداری یِیِہ باصَفا

کَرٕ ناوی کونہٕ زِ افطار[۱] روزٕ دارٚس اَکِس
ژھِہٕ ٹُھٕ ناوَن زَن ژٕ ساٹھے اُمتان مُصطفےٰؐ

---

۱۔ اِفطار کرُن

اُمہ دوہے کا نسہ نَنگس بیٹیہ وزے اکھ پچھ رٔن
ساہہ بٔدی پارچہ سوزی سونہ ہندی دٔرنہاں
عالمہ سُندے پُتُس بُتھ وُچھ گوٚو تمس پیٹھ حرام
نار دوزخ آسہ بے غم شادو خنداں بادشاہ
گوٚ پیدا جبر پلیے اُمہ دوہہ بیٚنیہ ترٕیے
عرش کرسی ، لوح و قلم بیٚنیہ زمین و آسمان
بیٚنیہ دوزخ بیٚنیہ بہشت بیٚنیہ از طوفاں خلاص
نوح نبی گو ساٗری ہیتھ خویش و آشنا
بیٚنیہ یونس گاڑ ہنٛزے یڈ نِشے موکلیو و !
بیٚنیہ لوطی اَمہ دوہے موکلیوٚوے از بلا !
ہوٚکھ دریا بہر موسیٰؑ بوٚڈ فرعون فوجہ ساں
کھوٚت عیسیٰؑ پیٹھ عرشس اَمہ دوہے باصفا
آو بخشنہ اِمہ دوہے ساری بُتم بٔرو نیٹھے !
ما تقدم ما تاخر بَرسر آل مُصطفےٰ
اَمہ دوہے گژھ پیدا بیٚنیہ قیامت عالمس
گوٚو شہید اَمہ دوہے شاہ حسینؑ در کربلا
کر بیاں یُتھ حدیث میر عبد اللہ شنو
یا الٰہی تس پٔنُن لطف و احساں کر عطا



# نعتِ شریف

اَغثنا یا رسُول اللہ اریحنا یا رسُول اللہ
فراقہٕ چون چھُس بوٚڈ داہ عمر گٔیم بدر دو آہ
ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہ

زِ عشق توُ دوٚدُم جگر دَما منٛے کُن ژٕ کر نظر
سبسٹھاہ گوس خار بینہٕ اَبتر ژٕ بوز تمَ یا رسوٗل اللہ

زِ غفلت پٮ۪ویم جانس مَل پٕہ شیطأنی زِ کتھہِ ہیوٚت نس تَل
امِس ہیٚبٕہ کانٛہہ پٕہ روٗدُم ژھل ژٕ بوز تمَ یا رسوٗل اللہ

کٔرِم گو ناہ یِتھٕ حأصِل بکارِ بد شُدم مأیِل
اُمیدِ عفو چھم دَرِ دِل ژٕ بوز تمَ یا رسوٗل اللہ

حرامس کُن مے مازیو زو　　حلاتس نِشہِ نفر رکھ چھو
پگاہ کیاہ آسہ حال میوٗ نو　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

کرُم مے لوچرس خامی　　نا حقہٕ ہیٛترِ مے بدنامی
بہ نرد حق سپنی جامے　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

نہ زونُم رُت کرُن گاہی　　کڈان چھُس راتھ دوہ آہی
ندارم مثلِ توشاہی　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

بہ چاہے جہس رٕٹ میے جا　　بوٗرُم نہٕ کانٛسہِ مینٛد پروا
پگاہ ییٚلہِ آسہ واویلا　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

نہ دُنیا دارم ونے دین　　توٚے چھُس دایما غمگین
پگان آس سوے تومسکین　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

گڈِ تھ نن جال میے ازتن　　گرژھم میے وادٕی لدہن ہن
نہ روزِ ہم گوٗر گوٗ بروزن　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

چو عزرائیل گیر جان　　نہٕ شیطان آسہ میے زاگان
رٕنگہ داری مرا ایماں　　ژٕ بوز تمَ یا رسُول اللہؐ

بحق شاہ ابو بکرؓ بحقِ حضرتِ عُمرؓ
بہ عثمان و شہہ حیدر ڑ بوز تمَ یا رسُول اللہ

سگ درگاہ عبداللہ
زمکرِ نفس بوُڈ گمراہ
بفریاد آمدہ ای شاہ
ڑ بوز تمَ یا رسُول اللہ



# قصہِ حضرتِ موسیٰؑ

مےٚ بوٗزُم دوہہ اکے پانہٕ موسےٰؑ
دَپاں اوس دَرمناجات اے خُدایا
ژُنٕن اکھ خاصہ یارا ژھن مےٚ ہاوِتھ
گژھم مےٚ چانٕزِ سیرٕ ہے کیتھ باوِتھ
دُپنَس یا موسےٰؑ کَرتہٕ سَفر!
فلانٕی کوہ سارَس کَرتہٕ گذر
چھُ یارا میوٚن تتی کر زیارَتھ
چھُ کوٗرمُت موج عشقن تس تہِ غارتھ
چھُ دوٗدمُت نارِ عُشقنہٕ اندرٕ نبرَ
چھُس گوٗمُت امہِ دادے زیروزبر
چو ایں آواز از حق سوے موٗسٰیؑ
رسیدہ، شُد بسوٗے مردِ اَعلا
ژھانڈاں گوم دوٗہ دوٗپُن کوہ بکوہی
وچھُن تتہ اکھ جوانا نبتھ نوٚنے

نہ اوُسس کلہ پوشی نزِ پچھرن!
موئے سر اوس ڈلیتھ تس ہَن ہَن
وُچھان اوس یتھ وحشی وُچھ آہوٗ
دَپان اوس ہر شہسس یا ہوٗ تہ یا ہوٗ
گو تس برٛونٹھ گنے کرنہٕ سلام
بجز یا ہوٗ نوٗبُن نہ کینْہہ تہ پٲغام
دُپونس ای فقیرا مست و غافل
امہ ہو دینہٕ نِشہ کیاہ چھُہ حاصِل
نہ چھُس موسا پیمبر از دل و جاں
نِگراں چھُس راتھ دوہے ذکرِ یزداں
اگر چھُے قصد دیدارٕی ژٕ دَپ تم
وگر چھُے باخدا کاری ژٕ دَپ تم
بوزُن ییلہِ نام حق تمی آہ کوڈُن
تمی ساتہ تسٕی نِشہ جاں دِتُن
دلِ موسا ؑ اَمی سِتی بجوش آو
چو دریا اَمہ حالہ دَرخروش آو

ندا آس ای موسا ؑ گوکھ حٲراں
یتھی منے یار کیتیا چھِہ فراواں

چھ ناوے میوٗن بوزن جاں بخشن
میانہٕ وتہٕ تم چھ خاں و نان بخشن

شنواے میر عبدؑ اللہ بدرگاہ
لبکھ نہٕ عشقہٕ ورٲے کانٛہہ تہٕ توٗرؔ راہ



# قصہٕ سنگ تراش

سنگ تراشا اوس اَندر کوہِ طوٗر
راتھ دوہ سُے اوس دَیاں یا غفوٗر
چھکھ ژٕ مأۍکھ چھکھ ژٕ دانا تہٕ قدیر
چھکھ ژٕ وأقف یِہ چھُ خلقن دَرضمیر
چھکھ ژٕ کتے آسمانَس جاے ژٕٹھِ
کَتہِ روزکھ اَسہِ نِشے ژٕ کھٹِتھ
چھُے ژٕ روٗٹے توٕر وَسکھ بَرزمین
خاصہ گرا کر ژٕ کیٖتھ بَو سنگین
راتھ دوہے آسہ خدمَت گار ژٕیے
بوٗڈ راحت چھُے ژٕ دَرکوہسا ژٕیے
نکھ وُچھ مکھ اَرغواں تَے لالہٕ زار
ناگہِ چشمَن جوِیہ یکاں آبشار

ذوق آسی کِشت۔کاری کہ یو
شوق آسی گُل زاری کہ یو
عائش و عشرت بنیہ بازی کرتو
راتھ رِندر رے دمسازی کرتو
راتھ دوہے عائش ژرنے نِش کرتہ
میوہ آنئے خاصہ ماری برتہ
پی ژمنگکھ تی ژرنے کریو پاڈ بو
ماز بُزِتھ ، ژوچہ انی ماڈ بو
شوق چون چھُم آسمانے وستہ
ڈاڈ روزے پیش دستہ بستہ
کافرن بو مکہ ہستی سر ژٹکھ
ہستی انکھ چانہ وتے پیٹھ رٹکھ
کوچھ منزے گوز کرے اکھ دم
گرِ گرے کنہ ہُندے محکم
پیٹھ تختس آس تہ بہتھ شادماں
ساتہ ساتے بو ژرنے آسے پاسباں

تزلیش لگی سَرد آباہ اَنہ تہ
بوچھ لگی نانِ گندم رنہ تہ

یِی ڈَیاں اکھ گرِ ہنا ڈُرس کوڑُن
تَتھ لدنس پتہٕ کوٚ تاہ بول بوٚڑُن
نقش و نگارا کوٚرنَس یوٚت جان
صاف کوڑُن زنتہٕ زوٗنا پٔڑزلان
مَچہ بٔرِتھ آب تھووُن تَتھ اَندر
مَلری دوشابہٕ تھووُن تَتھ اَندر
خاصہٕ گٔرِتھ تھووُن تختا زر نگار
لوٚگ ڈَیہٕ نے ای خُدائے کِردگار
ہیٚرِ وٗسِتھ میوٚن سَپِن میٚہمان
چانہٕ وَتے گرِ فِدا زُو تہٕ جان
بڑونٹھ کنے روزٕے وٗہرِتھ مانچھ تہٕ
راتھ اَندی اَندی گرِ چاٗنی راٗچھ تہٕ
یِی ڈَیاں گوٚو کوٚہس کُن پکان
گوسفنداہ مَلراوٗنن آز شبان
وَتہٕ پکاں لوٚگ خیالاہ کَرنے
سِتھی اَنن گرِ پَنُن تَبرنے

اوس بِہتھ تتہٕ خُدا یِی وُچھان
واتہٕ یِلے سور وَندس زُو تہٕ جان

اوس بہتھ پیٹھ تختس با سرور
ییلہِ ڈیٖشن گرِ نظر بہ مَن زِ دوٗر
ترٛیشہِ کنے آبہ ہنا آنہٕ تسِ
کٔنھ مأرِتھ ناٹہِ ہنا رٕنہٕ تس
بوٗچھ ہستی کرِ یوٗ دن اِضطراب
دل و جگر آنہٕ گرِتھ تاں کباب
دوٚپ موٗسہَس اکی شخصن در نہاں
سنگ تراشا اکھ چھُ یُتھ ہیوٗ دپاں
گرِ گرے بد کلاماہ چھُے کران
ساتہٕ ساتے کُفر و واہی چھُے دپان
آو موٗسے گوس تہٕ گرنس جاستہ
باہنہٕ بوٗٹھے سور پھُٹرِتھ دراس تہٕ
سنگ تراش ییلہِ ژرٛھ سانے ژاو تہٕ
گرس اندر بجہ وہ میز ژاو تہٕ
ییلہِ ڈیٖنٹھن باہنہٕ پھُٹرِتھ ساری ٹہی
لوٗگ دپہ نے ہے خُدایا کوٚر پہ کمی

ییمی پہ کوٗرُم سُے ہأدِتھ ژھن تم
ییمہِ ہستی پیوٗ مے پیٹھ کوہِ غم

گوشہ مۆسھن بۆز دۆپن تھند
بروںٹھ آو تہ روے وُچھن تھند
دۆپس مۆسھنؑ چھکھ ژ ناداں تہ فقیر
کیاہ ژ زانکھ کوت کھوتے تقصیر
کھیٹن چونے بیہِ شونگنے چھنہ تس
ترلیش لگنہ بوچھ لگن چھنہ تس
سنگ تراشن دۆپس ہے ہے مور تھس
ناہ بُدرے ہینہ ہینہ کور تھس
بی مے دۆپم تی کوژم سورے خطا
بخش گوناہ میانی ساری ربنا
تام وُستھ آو جبریلؑ امین
گو پکاں سوے مۆسیؑ بر زمین
یا مۆسیؑ چھے ژے پاغام از خُدای
کتھ کرتھ مے تہ یارس منز جُدای
گرژھتھ بیوٹکھ میون گرے خشمہ سال
پیالہ ژھن تھم پھٹرتھ گوم نوقصان

صدق وصفا اوس برتھ پیالہ میے
کتھ کرکھ پاد ہیتے حال میے

موٚسہَنٕ دوٚپ اُمہِ کھوٚتَے پیالہٕ جان
مُلہِ اَنے ژٕ نے کیٚتھ بو ای مُستعان

ساہہ ہٕدی پیالہٕ اَنکھ ہیمہ نو
یُتھ آسُن رَتتہ رَضا ، دِمہ نو

ییٚلہِ موٚسہَنٕ آو یُتھے ہیوٚ عتاب
گو تہٕ دوٚپُن تَس مَردس یہ جواب

ہاے مردو ژُھکھ یہ دَپان قی ژٕ دَپ
اُمہِ دَپہٕ نشہ مَبٕ اُس تڑپ

یا موٚسا بیٚیہ دپُن بَبہٕ نو
دِل میوٚنُے یوٚت طاقت اَنہٕ نو

ہاے لوٚکو سارِ کھوٚتہٕ ژُھ لول جان
لولہٕ سیتی ژُو ژُھ لَبن مُستعان

میر عبدُاللہ ژُھو منگاں دوہ تہٕ راتھ
لول عُشقُن قی دِتَس اے پاک ذاتھ



# قصئہ شیخ صنعان

اَصل نُسخہ منز چھ ژور ورق راوی متی یمن پیٹھ قصہ شیخ صنعانُک گوڈنیک حصہ آسہ ہے

---

یہ کیٚنژھا بے وفائی کرِہ توٚہے
اکہ دمہ کیٚنژ جدائی ڈرِہ توٚہے

کرِیاو ییلہِ شیخ باتِن عُقدِ زُنار
پنزِ ہو توٚہہ دِنۍ تتھ تہِ اِقرار

مریدس پنزِ رضا پزِتھ کارس
یوٚدنہ آسہ ظاہر زاہ نارس

یارکیا پنزِ گرہ نی ہُمے ہہ
چھُ انبر لول بٔرن ہُمہ ہہ

شادِ منز یار آسَن ساسہ بدی
ہمس کُس ہیکِ ڈٔرِتھ گدی

عشقس بدنامی پیٹھ چھ بنیاد
گرِزن نیک نامی ستی دِلشاد

عاشقن رُت چھُ سہن تیرِ بلا
عاشقن رُت چھُ آہن مردِ شیدا

عاشقن گرِزِ گرِزن گوڈ رُسوا
عاشقن درملامت پنز مادا

توٚہے کیٚنژاکرو آسہ نِش خامی
چھ خلقن منز امی کنہِ بدنامی

ڈوٚپو ہس آستہ کرای بچہ فکراہ
زِٹھ ہو شیخہ ہندی پاٹھی ایس را

## کعبہ کِس بَرس پیٹھ یار آہوزاری کَران

ڑٹِن نو اُسی شیخنَ نشِہ پانَس — کُڑن دوٗر گوٗو تسلے اَیہ جانَس
تِہندے حکمہ اُسی آے پھیرِ تھ — روٗہہ نِش کعبہ کُنے آے نیرِ تھ
دوٗپنکھ چھوِ وہ فادار یوٗدنَ — پڑ ستھ اُکِس چھو خلو تھ کُن بدنَ
خَلوت بِہتھ کڑی تو عجزوزاری — گرِتھ دِبو سائی قبوٗل شرمساری
وتِھو باساری لاڑِو تس پَیتے — وُچھَو اُسی روٗم چِہ تم سار وَتے
ساری گے روٗم اَندر بیٹھی کھٹِتھ — لگی کرنِہ عجزوزاری وُٹِتھ
پڑستھ اکھ لوٗگ کرنِہ صدمناجاتھ — نہ دوہ ہس سوکھ او سُکھ نہ نندر ساتھ
ڑتجہہ دوہہ نہ او سُکھ خاب نہ خور — روٗدنہ فاقہ ستی کُنہ تمن زور
تِہندے عجز بو شور آسمانَس — بِہتھ تیر دُعاگو پیٹھ نِشانَس
رحمیچ واوِ ہنا وزے تتے — پکنہ لوٗگ آب رحمت وَتِہ وَتے

## مرید چھِہ حضورِ آنجنابَن صلعم ہُنڈ دیدار کَران

مُصطفےٰ صلعم تمی مریدن ڈیوٗنٹھ نگاہ — پکاں اوس با تبسّم روے چوٗں ماہ
دَپیوِنَس تمی مریدن اے پیغمبر — شفاعت کَرِتہ اُسے گیہ اَبتر
پیر سون ہنگہ مَنگے گو گمراہ — وتِہ کُن بتیہ اَن تن وارِ لِللہ
دپیوِنس چانِہ ہیمژ کام کَرِتہ — نتِہ اُسی "ارکھو دل تس داتِہ"[۱]

---

[۱] لفظ چھنہ صاف وہ تھان

مَنز باگ یشنخ و حقس اوس غبارا  شہ غبار تُلُس حقَن گو آگاہ
شہ غبار بادِ رحمتہ گو ڈِتھتھ  ( دوٚیِم مِصرٕ ندارد )
یوٚدن اَسہ جرم و گوناہ آسہِ بِسیار  اَکہ دَمہ توبہ ءستی بخشہِ غفاّر
رِلی دیہِ موج احسانگ دریا  چھلِتھ نِیہِ سارِنے شہ جُرم و خَطا
ڈیوٚنٹھ یِیلہِ اُمی مرِیدَن تیٚتھ خابا  شادِ ءستی گو تِمس اِضطرابا
ڈراو نِبَر کُن تہ وَداں ناڑ دوان  وَدنے ءستی آتسس جویِہ پکان
پیرس نشہِ گوتہ ڈیوٚنٹھُن سُتہِ سادَے  تِمہ غمہ نِشہ گومُت آزادے
کوٚرمُت توبہ تمی کارِ نِشے  موکلیومُت سیاّہ مارِ نِشے
تڑومُت لوغ تہ زناّر ژوٚٹمُت  کُفرِ نِشہ دوٗر ایماں روٚٹمُت
موٚٹھمت اوس قرآں بنیِٚہ خبَر  آو تس یاد ہمہ بارِ دگر
دوٚپ ہس موج زان شد حجّے قبوٗل  شفاعت کرِنے شد پاسہِ رسوٗل
وونی پِزشکر دپُن نزِ ماتم  شاذیا گژھ کرِنی نزِ کھینی غم
تسینخن کوٚر تتہِ غسلاہ گو پکان  یارن ءستی کعبس کُن گو ٹکان

## ہیٚنزکوٚر چھے تسینخس خابس منز وچھان

ہیٚنزکوٚر ڈیٚنٹھ آمی راژ خابی  زنہ ژاس بنیٚہ اندر آفتابے
دیوٚنس آفتابن ہے کوٚری  پکاں گژھ تہ تسینخس دوٗرِ دوٗری
تسینخہ سُند رُت ژتے مذہب چھی بہتر  چھُ مجازس حقیقتِ رہبر

کوٚر ییلہٕ بیٚندرٕ نشہٕ گیہٕ بیدار — ڈیوٗنٹھ تمہٕ نوٗر پانس پیٹھ بسیار
دِلس گیہٕ تس سبٹھاہ بےقرٲری — شیٚنجہٕ ہِندی پاٹھی وزنے لج نٲری
........ سروِ نازی امہ حالے — زبان گیہٕ گنگ تس ازقیل و قالے
کوٗرن جوش جامہٕ ژٹان وڑایہ نبر — بُتھِس پیٹھ میٚژ لدان وڑایہ نبر
وڑایہ حارٲں گاٹہٕ پتہٕ پتہٕ — شیٚنجہٕ ہِنٛز اٲس وُچھان لولہٕ وَتہٕ
دِیان اٲس بار خُدایا کیا پہ گَر — ضوٗر سٹھاہ چھُس پہ نیچمِس زوٗن دِرٕ
بوٗزن وَتہٕ ڈیشہٕ ہن کاتھہٕ اکھ مَردا — بوٗتمے نشہٕ گژھہ ہا پوٗرٕ آگاہ
ییٚمی دریاے قہرٕ موکلاوُم — پزٕ رٕچ وَتہٕ گُنےٚ مبتہٕ ہاوُم
سیٚزن اعلام پس شیٚنخس ازالہ — کہ ژٕنے پتہٕ کوٚر چھِہ یوان روز ساتھا
سانہٕ درگاہہٕ کُنےٚ آیہٕ دوران — ژٕ پھیرِتھ گژھو شیٚنخو تس گاران
شیٚنخ پھیوٗر بینیہٕ وَتے تور کُنےٚ — یارٕ وزون شیٚنخ ماییہ سونے
دِپیو ہس تور دورن کتہٕ پَزے — توٗ پہ گرٕتھ پھیرُن کتہٕ پَزے

## ہیٚنٛز کوٚر چھےٚ شیٚنخس پتہٕ دوران پتہٕ ایمان انان

کوٚر اٲس دوٗرٕ یوان یتھ مرٕژے — مُتھِتھ اٲس روے ماہَس خاک میٚژ
نہٕ وارٕ جامہٕ ژٕٹِتھ دِل پریشان — دوٚپ نس شیٚنخ صاب اوٚنہٕ ایمان
دوٚپ نس کلمہٕ شیٚنخن گیہٕ بیزار — کُفرٕ تے کافری نشہٕ وارٕ بسیار
پہ گژھے ییٚمہ دُنیا نشہٕ مرٕتھ — کتہٕ ہکہٕ چاٲنی جُدٲیی پہ ذرٕتھ

بخشنزہ بم یوّدہ نہ مےٓ بیٹھ کتی تقصیر ۔۔۔ بو چھسے چائی مریدِ ڑچھہم پیر
امی خانداہہ نشتے گیہ نیرِ تھ ۔۔۔ واہتہ ناؤون بحرس قطرہ پھیرِ تھ
سو قطر اوس بحرس کُن چھُ پھیران ۔۔۔ پکاں سوئے حقیقت گیہ دوران
یتھی ہوک کینہ مشکل چھ وَتے ۔۔۔ مو کلاؤک اکہ دے اکہ ہتے
اَمہ دریاوہ کیتیا شیر ...... ۔۔۔ ...........
سائلکن ............ ۔۔۔ ...........

## شیخ چھُ توبہ استغفار کران

خُدایا بخش گوناہ میانی ساری ۔۔۔ مَنم پُر جُرم وعصیاں توغفاری
خطاہتہ کفر و رزم راتھ دوہے ۔۔۔ سنہ سنہ شرکھ ارزم راتھ دوہے
کبیرہ یا صغیرہ گری مےٓ بسار ۔۔۔ دروغگ قوت قوتی بزم بسار
ٲس غائبتھ ونادَن کاٰم میانی ۔۔۔ غلط وَتھ ٲس ہاوِنی کاٰم میانی
دَہہ دَمہ آو مےٓ نش فحش و ریا ۔۔۔ نکر دَم غیر فسق و جُرم و خطا
تکبر عجب سیٹھاہ کوٗر مےٓ ۔۔۔ نفسیچہ وَتہ ہُند لول بوٗر مےٓ
شب و روز جہل و بہتاں کوٗرُم ظاہِر ۔۔۔ ہجوبے حد و پایاں کوٗرُم ظاہِر
ریا و کارِ بَد ہا ہرچہ کردَم ۔۔۔ و حُب و بغض بیجا ہرچہ کردم
کاٰم میانی ٲس دایم لہو بازی ۔۔۔ ہمیشہ کوٗر مےٓ خطا حال و ماضی

منےّ بے حد کوڑم لوکن ظلم و حسد
بے اَدب لوگم قرانس نِشے
کاٗم میاٗنی اُس دُزدی روز تے شب
پنزِ ہے یی ازِ کھٹّن کوڑم ظاٗہر
ترک گوم فرض و سنّت درنمازی

نفسن پاپ کا ہمن کُن کوڑ مَدد
تبرک شد و مد پانَس نِشے
منےّ نِش رؤدی نہ راٗضی ماٗج تے بَب
پنز ہَم اُس وٹّن کوڑم ظاٗہر
راستہ دوہ لوہ ........

( نامکمّل )



# آر اوے نو

زور چھم نہ بوز تم زار ! آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے !
دوُر ہبر چھانہِ گے سوخار آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے

نیہ زار سں گونڈ تم نار زہرا زا جنس کاے سوندرِوَے
سپلینہ وہ گنے پچھانہ دیدار آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے

لَلہ وُن میے تھو تھم نار پورِ مہ زن لجہ سے درِوَے
ژوُرِ ہاو تم نوُرِ دیدار آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے

ہوش نیو تھم گر تھس خار پوشہِ تھر زن گیہ سے بَرِوَے
روشہ پاٹھبن ہاو دیدار آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے

بر مند نبن گوم گٹہ کار زیرِ چھانے ہے دِلبر وَے
روزِ روشن گوم شب تار آر اوے نو بو ونیسی مَرِوَے

اَن منصوٗری پٔوٗر بر دار  کوٚرُن پانس نشہِ حق سرٕ وَے
پٔوز دَپہٕ نَے سپنان مار  آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے

گوٚو مجلوٗں لأیہِ پیٹھ خار  پیٚوس تاوَن یمہِ بوٚ سرٕ وَے
زِنٛدٕ روٚٹ تٔمی اند مزار  آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے

کوٚر فرہاد شیٚرینہِ خار  ٹوٚنگ لوٚیُن عٔشقنہِ شَرٕ وَے
بُجہ اکِہ کوٚر پھندٕ اکِہ مار  آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے

شیخ صنأنی پٔوٗر زُنّار  سورٕ ژھٕ نو عٔشقنہِ زرٕ وَے
ہیٚنٛزِ پَتہٕ توٗری گرِنس لار  آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے

عبد اللہ چھُسے وومیدوار
ہاو تس روخسار دِلبرٕ وَے
خأطرٕ چانہِ گوٚو مجلوٗں وار !
آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے



---

۱ ؎ "آر ای نو بدسی مروی،، نسخہ پیٹھ کین یمنٕ اَچھرن پٔور مٕے آر اوے نو بو ویٚسی مَرٕ وَے

# آمُت چھُ سُہ پانَے

آمُت چھُ سُہ پانَے عالَم چھُ بَہانَے !
رُوزِتھ چھُ پنہانَے عالَم چھُ بَہانَے

کُن دوٚپ تٔمی پانَے فیکُون بَہانَے
زاہ کُن بوٗزِتھ نَے عالَم چھُ بَہانَے

میأنی ہی چھِ کَس دأدی بے زارٕہ ہے کیاگے
اَوصاف کَس وَنَے عالَم چھُ بَہانَے

آیِہ عمرِ کِتی جوأنی گٔیِہ اَتھہ ہاوأنی
لارَو کِتہ ژھارانے عالَم چھُ بَہانَے

ساقی چھُ پیمانَے بٔرِی بٔرِی چاوانَے
کیٚنٛہہ گٔرِی تھِ مَستانَے عالَم چھُ بَہانَے

موٗجوٗد چھُ پانَے دَر وجوٗد اِنسانَے
عبدُاللہ چھُ وَنانَے عالَم چھُ بَہانَے



# بیا سالِک

بیا سائِک براہِ حق		بجُن اذِکار حی اللہ
دِس چائِنِس کرٔی روشن		لبکھ انوار حی اللہ

بِکمر گنڈِتھ ژِ نیرِ نِببَر		لو لگُ کُل بخشی بَر
سپہٕ نکھ مؤمنن سَرور		وُچھکھ اَسرار حی اللہ

بوچھ کرتل تژ لیشہٕ ہُنز تژاکھ		عِستی ہبنے سَپنکھ چالاکھ
اَدِ چھُنہٕ نفس کائِفرِ سُند باک		ڈیشِکھ بازار حی اللہ

کریٔتیہ ہُندِ وَتہٕ خرچ ژھوپہٕ ہُندتیر		نیر بایتہٕ ہتھ ژھاڑن پیر
زُوگال تو ژیٔے چاٗوی شیر		مئی سرشار حی اللہ

پوٗنٛری ہندی پأٹھۍ زال باپان　　توٕ ستی ٹوٹھی حق سُبحان
دأدِس چأنِس کرِ دَرمان　　طبیبِ کار حی اللہ

دوٗر کر مال تہٕ زَر زیور　　روز بازاگے ہیتھ بَردر
واہر پأٹھۍ سَپنی جلوٕگر　　شہسوار حی اللہ

زوٗکِس اُنسَس کاس بامَل　　ظأہر سپنی سوٚن سَرتَل
ڈٔزِتھ گرٛزِتھ سور مل تہٕ کل　　سوز نار حی اللہ

سپہ نکھ پانہٕ نِشہ فأنی　　لبکھو زندگی جاودأنی
وُچھ دِیہ روٗح چون اَسمأنی　　دَر بازار حی اللہ

میرَ عبدُ اللہَس کیا گے کلَ
اَندر ژأوِتھ روٗد بَرتلَ
یارب ژٕ انتن بہ عزوجلَ
دروٗل غار حی اللہ



# مہراز سانے

مہراز سانے لول آم چونُے    فرشہِ کنہٕ مخمل کترے وتھرونے
اَز وَلہ سونُے دیدار ہاو

اَزَ یَ روے چوں اوس نُندہِ بونُے    گٹہِ منٛز گاہ زَن رُخسار ہاو
جِگرس سنٛہم تیرِ مجگاں چونُے    اَز وَلہ سونُے دیدار ہاو

مَنصوٗرن ڈیوٗ نتھ رفتار چونُے    گفتار کرنہِ وڑاو دَر بازار
مارِ گوٗو اوس تَس اَزَ یَ لونُے    اَز وَلہ سونُے دیدار ہاو

صَنعانَس اوس مُدعا چونُے    مکیہِ ستیٖ وڑاو تَس کاٗفر ناو
ہیٛنٛزِ ہندِ دادِ تمٕ زنار میوٗنُے    اَزوَلہ سونُے دیدار ہاو

زُلیخایہِ عٔشقہِ دود پیو بترونُے    لوکچارِ روُوس یوٗسف شاہ
موٗرِ نار پیو تَس حوٗرِ تلہٕ وُنُے    اَز وٕلہ سونُے دیدار ہاو

زار بوز تَم عار چھے نومیوٗ نے　　خار چھس گوٗمت دیدار ہاو
ژۄر مَتہٕ روز تَم کرے ژۄنٛز تونے　　اَز وَلہٕ سونے دیدار ہاو

عرشش پیٹھ چھم خابگاہ چونے　　تھزرَس روٗزِتھ نظراہ تراو
تَمہٕ ہستی رنگ رَٹہٕ روخسا میوٗنے　　اَز وَلہٕ سونے دیدار ہاو

عَضاہ بوز تَم توقع چھُ چونے　　تَمہٕ گۄہٕ کارَے مَتہٕ منٛد چھاو
بٔراندٕ کنہٕ چانہٕ تَل چھس ڈوٗلہٕ وونے　　اَز وَلہٕ سونے دیدار ہاو

عرش تہٕ کُرسی چھُ خابگاہ چونے
یا رسوٗلؐ نارٕ نِش اَسہٕ موکلاو
گونہٕ گار عبدُاللہ چھُ اُمتی چونے
اَز وَلہٕ سونے دیدار ہاو



# وٕتھی وٕنسی

وٕتھی وٕلسی ژھاروں پرٚتھ بازارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
پیپہِ نَے وٕوٕٹھ دِمہٕ منز باگ نارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
روٗشِتھ ییٚنہٕ ژوٗل مے آوارس     بوزِ نا گرٚژھ، ہتَس گُن یے
غُبار کیا گُو تَس نام دارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
منصوٗر لَدنے آو پیٹھ دارس     انا الحق تتِہ تٔمۍ ونویے
ناحقہٕ ماژھ گے تَس بیچارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
ونحُنٕ اقرب چھُے کامگارس     ٹھرِ چھُس پان پننٕ یے
پژوتلی وَتھ ییٚمہٕ تَس غمنٕ رس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
صنعاں واقف گو اسرارس     کفرس کھور تَس سوٗن یے
تتِہ ژنی وَتھ لٔب تٔمۍ دلدارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے
روٗشند پرتوٗ دَر و دیوارس     کیا ژنیہ پَے تَتھ اوٚنوے
بینا جایہ وُچھ گلزارس     یارس کَتِہ دِمہٕ ونویے

ژٕڑ کھٔے کلہٕ اَتھ نفسِ امارس     دل ہیٚیہ نور پٔرزٕنُن یے

یِٔ کر راستھ دوہہ ژٕرے اذکارس     یارس کیتہٕ دِپہٕ ونو یے

میلتھ سٕے چھُے گل و گلزارس     ہاوِ نا روۓ پننُن یے

آینہٕ پننے کوٚر تمہ خارس     یارس کیتہٕ دِپہٕ ونو یے

گاہ تمہٕ موسیٰ لوگُن کارس     گاہ تمہٕ فرعون اوٚن یے

گاہ تمہٕ گلزار کوٚر نےٚ نارس     یارس کَیتہٕ دِپہٕ ونو یے

عادت موکر بیٹھ فرشہٕ وارس     کأڈ چھُے خاک دوکھتُن یے

ترأوِتھ ژٕلہٕ نےٚ مشر گٔٹہٕ کارس     یارس گَتہٕ دِپہٕ ونو یے

میر عبداللہ گونہگارس

نیاوتن پانَس کُٹن یے

قطرٕ تَس واتنا منز باگ آرس

یارس کَتہٕ دِپہٕ ونو یے



# وِتھی وِسی

وِتھی وِسی یار ژھارَن کور گئِنے ہاوِ نا دَمہٕ اکہِ روے پَنُن
چشم بادَم وُچھمَس نِندرِ اندر زُلفہِ سیاہ مار مےٚ ژوٚٹُن جگر
مارنس پیٹھ گوٚنڈنم ہُمہٕ کمان
ژوٚٹنَم سینہٕ تٔرِی تیر مژگان
تہندُے دوٚر بر کتہِ زَرِ کوٚرنَم عشقہٕ تبَرِ زَرِ زَرِ
کوٚرنَم لولہِ خنجرِ چاک سینہٕ کوٚ زانہٕ کیا گو تَس میون کینہٕ
ژھانڈہٕ ہَن کور گُن تَس چھُ مکان
ہاوِ نے روے یوو مارس پان
ڈیشہٕ ہَن کرہا تَس جان فِدا ہوونَم پان رووُم گوم جُدا
مےٚ دی اٚچھ لوسَم وَتہٕ وُچھاں!
کُنہِ تَس ہیٚنرِ بوٗنہٕ چھُنہٕ نِشاں



چہ کنم اوّش چُھ پکاں آبہٕ گلَے ! ہٕ دوٕ ہَس سوٕ کھہٕ راتَس نندرِ زولے
کتہٕ گَرِ گژھاو چائنی زبوٕ مےٚ دزے عاشقن صبر وَرائے کینژھہٕ ہٕ پزے

میے گیمَ تیرِ سینہٕ سپر ! زہر چون مےٚ وندُم سور شکر

بخشتم بار خُدایہٕ سارٔی گوناہ
آمدہ سوے تو عبدُاللّٰہ

# عشقنی گنڈی

عشقنی گنڈی چھم وانجہ لاری      کامک بوز میانی زاری بیے
فراقہ چانہ گاہتی یثر خاری      کامک بوز میانی زاری بیے
کماں تُمہ یپلہ گوم چاری چاری      مجگاں نیزہ گام گاری بیے
مارِ سکھ کیتی ژھنی تمی بے عاری      کامک بوز میانی زاری بیے
اوب چھوکھ دُثیت تمی زلف کاری      امہ داد کیتی تمی ماری بیے
حکیمہ دارو ونہ لوگ پاری      کامک بوز میانی زاری بیے
بُتھ ینہ دُثیت نَم تمی سرداری      خوان چھم اشہ کینہ جاری بیے
جگرس ژوڑے چھم بیماری      کامک بوز میانی زاری بیے
غماز نرگس چشمو ماری      بلہ یوُد کرے غمناری بیے
کیا ستہ راہ لوُدنَم تمی یاری      کامک بوز میانی زاری بیے

گڑتھ ہاتہ برنہن دِتی نم تاری — اژنس اُیم پہ باری یے

بوزِ ناکرِہس یژزار یاری — کامگ بوز میائنز زاری یے

خزاں غمہ سِتی گوم بہاری — ساری گُل تمُ ہاری یے *

داوس لوگس نفسِ اماری — شیطانی ژھل کری ساری یے

کرِکیا بے حد چھم لاچاری — کامگ بوزِ میانی زاری یے

میر عبداللہ گوہ نہ گاری

ژے پیٹھ تڑاوِن ساری یے

یارب کرتس ژے غمخاری

کامگ بوز میائنی زاری یے



* یتھ جایہ چھ یم زہ مصرعہ تہ:

زرد چھے رنگ روٗٹ گل اناری

کامک بوز میانی زاری یے

# ڈُنی یِہس گۄو مۄتُے

ڈُنی یِہس گۄو مۄتُے — دَزِ نا نِندرِ ہۄتُے
گرٕ ژُھن چھُس کأل تۄتُے — دَزِ نا نِندرِ ہۄتُے
اَچھن چھُم تیوت اۄنُے — لأگِتھ یار پنُن ستے
ژُوپ نس کُن زۄنُے — دَزِ نا نِندرِ ہۄتُے
طمع چھُم ہۄن گرے — ژایاں چھُم گرِ گرے
کوٚرنس ہرِ ھـرے — دزِ نا نِندرِ ہۄتُے
ابلیسی وُجسہٕ مائے — زأگِتھ چھُم جایہ جلائے
پوٚشنَس چھُم نہٕ پلائے — دزِ نا نِندرِ ہۄتُے
کوٚرنَم گرِ سیاہ ! — سَینُس کیتھٕ بیراہ
کوٚرنَم حال تباہ — دزِ نا نِندرِ ہۄتُے
کڈُن چھُم دور سفر — رۄزِتھ چھُس بے خبر
چھُنہٕ تس کینہہ تہٕ اثر — دزِ نا نِندرِ ہۄتُے

مَنہٕ ہمی کوٗرُس خراب دَپہ کیا تَتہِ جواب
کرِنم نارِ عذاب دَزٕ نا ہِندرِ ہوٗتےٗ
نفس چھُم روٗزِتھ ژھلس زٕٹہِتھ چھُم وارِ دِلَس
چھُہ بیزار حلحلَس دَزٕ نا ہِندرِ ہوٗتےٗ
جرِ صَنَ ہوٗتُس تَلے اُیِنَس پیوم مَلے
کرِنم چھَلہٕ چھَلے دَزٕ نا ہِندرِ ہوٗتےٗ
گوٗنہٕ ہو کوٗرُس سیاہ کوٗرہم حال تباہ
روٗپہٕ ہَس گو بیراہ دَزٕ نا ہِندرِ ہوٗتےٗ

عبدُاللہ چھےٗ بیکس
وات تَس قرِ یادس
وُچھُن چھُس چون ہوَس
دَزٕ نا ہِندرِ ہوٗتےٗ



# دود دِلگ باوِ گسے

زاعِ جنس عُشقنہِ نارَے  دود دِلگ باوِ گسے
کوٗرنَم پارَے پارَے  دود دِلگ باوِ گسے
لَدِ ہا تس نو ارۂ¹  کرہا یِہ کرناوِ وبے
یہِ نے پاں بو مارِ  دود دِلگ باوِ گسے
کرَ ہا سور تیارَے  اسپُ شتر ہاے وبی
اَنِ تون زارَے پارَے  دود دِلگ باوِ گسے
ہوو تمی ماہ روخسارَے  ہوشس روٗوٗم زنزِ ہبَیے
وُچھ ہن بو دو بارَے  دود دِلگ باوِ گسے
گرزِھ ییلہِ بو بیچارَے  یِمہِ ساتَن زُومے کھسے
وَدن بائز گرِ تارَے  دود دِلگ باوِ گسے

---

¹ لَدِ ہا تس نواہ ؟ ؟

ترٛاوِتھ ین اَند مزارَے     ییٚتھ ژھنَن میٚژِ بسےَ
قبر تتہِ کرَ چارَے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
وَسنَم زرٕ سوارَے     توحفہٕ کیا اونتھ اَسے
لایہ نَم تم سوارے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
بُچھ نم رٕچ تہٕ مارے     ہُشرِ نَم کُنہِ سےَ
ژلنَس چھُم نہٕ وارے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
ییٚلہِ آژِ زُو دوبارے     کوہ تہٕ سنگر سور ژَسے
گوٚسھ ہِن تتہِ شہسوارے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
تولہ نَم زُوٕ دوبارَے     چھُم نہٕ رٕژزٕک کھسےَ
تُلہٕ نَم گٹہٕ کارَے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
وُچھ ہن ما مارَے     پرز کنہ تَنہٕ اے
کٕرِ نم پارٕ پارَے     دود دِلگ باوٕ کسےَ
پُل صِراطہٕ کیا چھُ چارے     ییٚلہِ تَتھ کُن نار کھسے
نار تَم وارٕ تہٕ کارَے     دود دِلگ باوٕ کسےَ

روٗژن چون دَربارے
عبداللہ دلوٕ ئسے
بخشتَس یا جبّار
دود دِلگ باوٕ کسے



# فارسی غزل

معشوق خریدارم گویا تو نمی دانی
مطلوب و طلبگارم گویا تو نمی دانی

چوں نیک ہمی بینی جُز من نبود پیدا
ہم واحد و بسیارم گویا تو نمی دانی

شہباز کرد وحدت خواصِ یم کثرت
ہم گوہرِ شاہ وارم گویا تو نمی دانی

ہم دَرد و دَوا ام من ہم نور و ضیا ام من
در کوچہ و بازارم گویا تو نمی دانی

اندر صدقمر پنہا در دلہ منم تاباں!
ہم در دلِ اسرارم گویا تو نمی دانی

بیدارم و در خوابم وز حاکم و دارا بم
سوزندہ عجب نارم گویا تو نمی دانی

درگل کہ ہمہ بویم ہم واللہ ہمہ رویم
در ظلمت و انوارم گویا تو نمی دانی

ہم محدن و ہم کانم ہم در تن و در جانم
وز گلِ آتشی دارم گویا تو نمی دانی

ہم خادم و مخدومم ہم عالم و معلومم
ہم چاکر و سردارم گویا تو نمی دانی

ایں عبد کہ شُد پیدا موج است اَزاں دریا
ہم قطرہ و جو بارم گویا تو نمی دانی

## فارسی غزل

دَرد منم دوا منم من نہ منم نہ من منم
سنگ منم ثقا منم من نہ منم نہ من منم

عشق منم عاشق منم صدق منم صادق منم
پس منم سابق منم من نہ منم نہ من منم

دار منم منصور منم خوار منم سرور منم
بیش منم و دور منم من نہ منم نہ من منم

شاہ منم حشم منم تاج منم علم منم
کعبہ منم حرم منم من نہ منم نہ من منم

ماہ منم قمر منم مہر منم اختر منم
سر منم افسر منم من نہ منم نہ من منم

زاغ منم زغن منم شمع منم لگن منم
باغ منم چمن منم من نہ منم نہ من منم

سود منم سودا منم شاہ منم گدا منم
عبدؐ اللہ شیدا منم من نہ منم نہ من منم



# پند نامہ

## پادشاہ ہِنزِ تباہی ہندی ژور چیز

ژورِ صفتو گژھِ تباہ بادشاہ  روزِ نہٕ تَس مال و ملک تَے سِپاہ
ظاٰلِم آسُن ییٚلہِ حاکِم تہٕ امیر  روزِ غاٰفِل کامہِ نِشے بیٚیہِ وزیر
مُحرِرنے ییٚلہِ اَژے کیٚنہہ خلل  دفترٕ ہے تہٕ تَسِنی سور بَدل
شرع ییٚلہِ نَے پکہِ ناٰوی پادشاہ  مُلکہِ چِ کاٰم گژھِ تبلی ساٰرے تباہ

## ژور چیز یِم بُزرگی ہندی نِشانہٕ چھِ

بُزرگی چھِ نِشانے ژور چیز  یاد تھاوکھ تہٕ تَسِنکھ ژٕ عزیز
عاٰلِمس ہیٚ کَرَ ژٕ عزّت بےحِساب  یُس ژٕ نٕے پرژھی تَس تہٕ رُتٕے دِجواب
نَرم نرم کَر ژٕ کلام مردِ مَن  راٰضی تھاوکھ پانہٕ سے نِش مَرد وَزَن

تُند دَپُن کُنہ تہ بکار ییہ نے      شک کرُن کینٔہ تہ نفع دیہ نے
آس ژِ یارَن ءستی بہتھ باخوشی      نَتہ ژلَن اکے اکہ ژےٰ نِشے
آخر تُک وَتہ خرچ کر تیار      ہرژِ کامے تَتہ آسَن یارِ غار

## خطرہ گ ژور چیز

آدِ مین ژور چیزے چھی خطرہ      دوٗر روزُن تمِہ نِش چھُ بیٔہتر
بادشاہَن ءستی تھوُن تارِ کون      ڈزِ تھ گرژھی دوہہ اکے جان چمن
مالِ دُنیا دلہ نِشے کڈ نبَر      تو ہُژے چھکھ گوٗمُت دَر بدَر
مالِ دُنیا قند وُلِتھ زہراہ      خاہ مخاہ گَرِ اخر سُہ داہ
عُمرِ دُنیا پانژھ دوہ چھے زندگی      اَتھ اندر زاں غنیمتھ بندگی
میوٗ ٹھ کھیوٗن تے زیوٗ ٹھ گنڈن ترک کر      مُژرنے آدِ ہہشتکی بَر
کیاہ چھُ حاصِل مالِ دُنیا سوٗمبرُن      آسہ تِھتھےُ پتہ اَخر چھُ مَرُن
یٔیڑِ تلے اُڈی چِھ چانے دودَرن      ہرژ راکر فرِش بہشت وِتھرن
آسہ ئے ژرے عقلہ ءستی کاربار      رَٹِہ ہنے ءستی راتھ تے دوہ قرار
جنیتی گُنٔزِ ژ رَٹُن دوستی      چھُہنہ بیٔہتر زاہ تہ تھہنز دُشمنی
تہندی یاءٹھی پڑ اٰنی وِژرانی جندِ ول      نفس ژھاری ییہ ژِ کر ساتھ بدَل



## ژور چیز یم بدبختی ہندی آثار چھ

بَد بختی ہندی اثر ژور زاں — آسہ آُنژھہ کامہ کیُتھ بیٚیہ ناداں
بیکسی تہ ناکسی چھےٗ بَد — یَس نہ آسے ئے مُراد آورد

## ژور چیز نیک بختی ہندی نِشانہ

ژور چیز چھی نیک بختی ہندی نشان — اکھ اَصالت بیٚیہ فکر آسہ جاں
آسہ کھوژاں حقہ سندس قہرٕ ہے — ذکرِ اَندر آسہ سارٕس ؤہرٕ ہے
کرِہ ظاہر کانسہ نِش حاجت پنُن — چھُنہ بیٚہتر وو پرس نِش سِروٚنُن
پانہ پچھک چھےٗ شیطانس یار — زان پنُن پان سارِن نِشہ خار
کر تواضع زاہ مہ کر ژرسر کشی — اھلِ ڈُنیہس لاگ دٲیم اَندیشی

## ژور چیز نادانی ہندی سَبب

آسہ ناداں ہستی تھاواں ژور چیز — زاہ تہ نبا دوس تھاوَن تس عزیز
عاب پنُن کینہہ نہ اناں دَر نظر — لوکہ ہندی عاب ژھانڈاں دَر بدر
بخیلی تہ بنیہ آسہس خُلق بد — کینہہ تہ قدرا آسہ نہ تس اَز حد

## حماقژٕ ہندی تٕرٛے صفت

سُے چھُہ احمق یُس آسَن تٕرٛے صِفت　　اکھ آسی یُتھ کرٕاں کیتھ کَنتھ
آسِہ آہتژھی کارِ خُدایَس اندر　　طٕہرتَس کُن تھاوِ ہمیشے سُہ تھَر
کٲم مکر بوجھ، کتھاعیاں بوز　　نفس ڈٕپی ذِکرِ نِشے یَتھ روز
یوٗت ہیکھ تیوٗت کَر ژٕ داد دَہ　　اَتھ مُژر رٲضی ...[1]
اَندر آسِہ شرمس یَتہٕ روز　　عٲلمنٕ ہُند سخن دِلہٕ بوز
جستجو کر حَلحلُک ژھار قوٗت　　یَر زٕہ یکھے تمہٕ حیّ لا یموٗت
ذکرِ خُدا کرٕ ژٕ آگاہی سان　　چھیٚنہٕ ذکر عالمن ہنٛز اَز زبان
پژتھ بندس چھے ذکر بیٚون بیٚون　　ذکرِ زبان آو دٲیِم رُت دُپن
اَتھ ءِ ستی کَر ژٕ یأری عاجزس　　کھوٚرٕ ءِ ستی کر زیارت فاضلس
اَچھ وُچھُن کنہٕ بوزُن ذکر ذات　　روٗح آسی تَتھ اندر دوہٕ تہٕ رات

## ژور چیز غریبی ہندی سَبب

مُدبرس ژور چیز چھی شکست　　تو ءِ ستی پژتھ کانٛسے شاہٕ یَست
جاہلس ءِ ستی کرن مشوٗرت　　دیار دِنی　چھنہٕ تمن رژ وَتھ
یُس نہٕ کری پرژ نصیحت قبوٗل　　یِژی پأٹھ سُے مدبر بوالفضول

---

[1] پوٗرٕ چھنہٕ دوہ تھان

## ژور چیز چھِ ژورَو چیزو سٕتۍ کمانَس واتان

ژور چیزے ژور گژھن باکمال — دین عَملہٕ سٕتۍ لبہِ سورُے جمال
عقلہِ سٕتۍ گژھہ دانائی زیادٕ — شکُر دِیہ نے نعمتہٕ سے لگہِ داد
شانت آسنے دِین روشن سپہ نے — عمل کرِ یُس علمہ رُستے ٕ انے

## ژور چیز چھِ نہٕ راوِتھ لبان

ژور چیز چھی گژھن بیلہِ اَزراہ — کان ترٛاوُن آسہِ گوڈن سنخناہ
عمر گژھے بیلہِ پھیر تھ ییہِ نے — ڈیکہ لاٛنس کینہہ نہ بدل پیٛیہِ نے

## ژور کامہِ یمہٕ زنانہِ نیش آسنہِ گژھن

ژور کامے سٕتۍ زنیے ژور کارٕ — کام ہٕنہ کرٕنی فکرِ ساں چھے پتہٕ لار
پیش بینی نےٕ ژ کرکھ مَندٕ چھکھ — حاکمن سٕتۍ جنگ کرنے پوٚت ہیکھ

## ژورو چیزو چھِ آدمس کل ڈلان

ژورِ چیزے وَسہِ کلے آدمَس — قرض آسِبس بتھ لگی دُشمنَس
آسہِ عیال تَس سبٹھاہ کھبیہِ غَم — خالی آسہِ نہٕ غمہ نشے اکھ دَم

## پانڑو چیزو چھ آدمس مول وسان

پانڑ چیزو نہ روزکہ ہیمہ ساں — اپنڑ دپن گر گرے چھُنہ جاں
رتہن ءستی جنگ کرنے ڈسی پپکھ — با ادب آس نہ تہ سبٹھاہ بازی کھبکھ
لوت آسن سارِ کھوتے سرشت آو — از خیانت دور پنن پان تھاو

## پانڑو چیزو چھ آدمس آبرو ہران

پانڑ چیزے زیاد گرڈھی آبرو — اکھ سخاوت بیئیہ آسی نیک خو
آس وفادار مگر بے وفائی — سأری مُسلمان زانکھ بائے بلے
دُشمنس ہیٹھ ییلہ لب کھ دسترس — یوت ہیکھ تیوت کری زِ رحم تس
آس کھوڑاں قہرِ حقس روز وشب — یاد خُدا آس کراں با ادب
یژ رہن شرنے ءستی چھُنہ جان — بیئیہ صُحبت گر گرے باز ناں
لیس ژرتے کری رژ راہ تس شکر دپ — سیر مہ باو کأنسہ نشتے اس تزپ
حکیمس تہ یارِ غارس کتھ باو — بیئیہ پیرس ہتہندی سوخن یاد تھاو
کم ذاتس ییلہ آسی دستگاہ — ڈپی زِ نے کام پننہ تس زاہ

## اٹھو چیزو چھ آدم خار گرڈھان

اٹھو چیزو ییہ خارئی بے شمار — کأنسہ ہندِ رستے روس ہئین قرار
لوکہ گرس منز سپنن کت خُدا — کرنی بڈن ہہر کنے بیئیہ جا
حاجت کرُن نشِ ظاہر دشمنن — باز کرنی ءستی زنہن لوہ کچھن

تنگ دِلَس نشہِ مہ کرَ آرزوٗ    آسہِ نہٕ تسَ مُروَتھ کانٛہہ تہٕ بوٗ

## ژور کارِیم دُنیہس منٛز بہتر گژھن زانٛہہ

یتھ جہانَس منٛز چھہٕ رتی ژور کار    اکھ چھُہ رُتے کھیٛشُن تہٕ دوٗیِم یار غار

آو تریِم، پنٛزرِچ کتھ کرَنی    دُشمنِ حق بڑونٛٹھ کنے چھے کھرنی

کنٛن مسأے ستھاو کأنسہِ ہندِ غأبتَس    پی ژٕ منگتھ منگ خدایَس پننٛہ نِس

بَد دِپنہٕ نِشہِ زبان رٔٹھ دوٗر    توٗہ آسکھ غمہِ نِشے باسروٗر

تکیہِ مہ کر دولتَس پیٹھ ہیچ گاہ    کیاہ چھُہ لارُن یوٗد ژٕ آسکھ پادشاہ

یتھ دُنیہس زاہ تہٕ شادی کرِی زِنو    مالہِ نِشے کانٛہہ تہٕ طمع برِی زِنو

خأر خأر استھ کرَتہٕ لاری پتہٕ ژیے    توٗ بڑونٛٹھے ییلہِ دِنے دتہٕ ژیے

دینہٕ گے گرہ کرُن ژٕ آباد    علم و عمل گرِ گرے انٛتہٕ یاد

ہنگہٕ منگے کروٗ تھکھ نہٕ زاہ ژیے    چھُے توبہ بخشنیچ راہ ژیے

دمہٕ دمہٕ واہ استغفار پَر    سأری گوٗنہٕ بڑونٛٹھ ییتی زار کر

## کینٛہہ چیز افلاس تہٕ شکہِ نِشانہٕ

اینَس گن رأژ وُچھن چھُنہٕ جال    پھوکہ ستی ژونگ ژھوٗرن نِشتانا

کنوٗ مہ بدکنہٕ کوتس اندرَے    دوٗیمی تمہٕ ستی رٹن ہر جوے

چارپایَن منٛز پکُن ژٕ نے پنٛزنے    رأژ شونگُن نیتھ نوٗنے پنٛزنے

وُژھ شونگُن بول کرُن وو دنے    فاقہ انی اَدِ گنڈکھ یوٗد گنے

سُراہَن رستے کھیُن چونے آورد | بَتہٕ تراوُن کھور تلے آوبہٕ
زاف دِنُنے گرس نَژ ھیچ بییہٕ خلال | پَژ تھ کُنے ستی کرُن چھُ وبال
کَرَ عیادت بیمارَن عاجزَن | بوچھ ہَتِس بَتہٕ ننگس دِ پھیرَن
چھُنہٕ بہتر زَبہٕ ستی اَتھ تَھلُن | بڑا ندر کُنے پیٹھ جان ماگوہُن
بیُٹہٕ مہٕ کر طہر تھاژ در خلا | نالٕ ژھنیتھ تڑپ دِنُنے چھے بلا
اَتھ چھلِتھ بیُٹہٕ وو تھرِ ونِ امنس | شانہٕ پَنُن دارِ دِنُنے ووہ برس
گرِ نِشے کَرَ ژ زٕلری نزٕج دور | بیچھ وِنِس مٔلہِ ہیُنے چھُ قصور
ترک دُنیا کر تہٕ لبکھ اُخرتھ | باژ رٔٹُن ستی بیی برکتھ
رُت کھبنس تہٕ گنڈنس نزاہ مہٕ ماز | رات دوہ کر ذِکر فِکر تہٕ نماز
دوس مہٕ تھاوُن ظالیم تہٕ کم ذاتھ | چھُنہٕ بہتر نَتہٕ یتے تم صفات
شَرَع موافق ژ کر کار وبار | نَتہٕ گژھکھ نفسہٕ وتے سور خار
یُس کڈے چانٕ کتھاہ بَد نَبَر | چھے سُہ دُشمن تس نِشے تھو خطر
خنجرٕ ستی بو چھِ ہُندے مار پان | ژھوپہٕ ہُندے تیر تہاٹے کاں
نیزٕ تہانٕ ہُندے اَتھ آن | نفس کافر تو ستی ژٹہٕ ہن

ژور چیز یم پادشاہَن نوقصان واتہٕ ناوَن

ژور صفژ چھ پادشاہَس نوقصان | اکھ آسُن منز لوکن چھُنہٕ جان
اکھ آسے یم تہٕنٛد روزِ نے | کتھ تہنز کانہہ تہٕ اَدے بوزِ نے
زاہ مہٕ بیٖہن بیُٹہٕ فقیرَن ستی | صُحبتس کتھ چھ بیداد بیُٹہٕ کتی
مَحلہٕ خانس منز مہٕ گژھن خلوتھ | تو روزِ نہٕ کانٛسہٕ تہنٛد دہشت

---

نوٹ: قلمی نسخس چھُ اَتھ جایہ وَرق روومُت یتھ گوڈنیک لفظ 'میر عبداللہ' چھُ۔

# اِسلأمی مَسأیِل

شُکرِ تہٕ حمد دَپ ذاتِ پاکس ییٚمِ کوٚر باپہٕ آدم مشتِ خاکس
قُدرتہٕ ستی تس بخشن زُو پوٚر تمیٚ دَمہٕ دَمہٕ اللہ
اَولادِ تہندی ساری اِنسان انبیاؔ اولیاؔ تِمَو مَنٛز جان
محمدؐ چھُ پیغمبر آخرالزماں کاٗنسہِ نہٕ تسند ہیوٚ ذکرِ ہُند تران
اِسہِ کُن سوزُن احکام ستی اکِہ اکِہ تِم گژھن پالنہٕ ستی
تِہندی یار چھی ژوٗر کٕ ذات سوزِ بکھ دَمہٕ دَمہٕ حق صلوات
حضرتِ صدیقؓ یار اَوّل ذکرِ روٗس آسہِ نہٕ کینٛہہ تس مَل
فاروق اعظم شاہ عمرؓ ڈاڑ اوس مومنَن ہُند غم خور
حضرتِ عُثمانؓ دینک تھَم پٔز زیٹھو ژوٗر تہندِ سور عالم
شیرِ حق پہلوان شاہِ حیدرؓ اوس تس شانٛز رگ تاج بَر سَر
حمد یَتہٕ نعتہٕ پتہٕ تھوَ باکَن میر عبدُاللہ ہَس نِشہِ مَسلَن
وَنہٕ ساری مَسلے کاشُری پأٹھی
تِمہٕ کی زانہٕ وٗنی حقہٕ سندی پأٹھی

---

# نمازِ ہندی فرائض

نماز چھ تھَم زَن اِسلامس
گوڈ ہیز تمہِ کُے خاص وعامَس

اولُک شَرط چھی طہارت تَتھ
خائِقس کُن چھے تتہِ کنہ وَتھ

وضوٗکی فرض چھی ژور بوز غرض
اَہرِ گوٚر یہ خدائی تی گوٚو فرض

بُتھ چھَل مَستہٕ تلِٕ ہو نگے نسان
نَرِ چھَل دوٚ نوے کھوہٕ وَٹہٕ سان

ژوٗرِمس حصس کلس مَسح آو
ژہٕ نہو سان کھورہٕ پنہ فی ناو

سنتَس وارِ پاٴٹھی روز با دوٚر
سنّت گوَ یہِ محمّد صاٴبَن کوٚر

تُرواہ آیہِ سنّت سوے چھے راہ
طَہارتہٕ برونٹھ پَرِ بسمِ اللہ

چھَلنہٕ اَتھ ترٛیّیہِ پھِرِ ہَترن تام
پَتہٕ برونٹھ اِستنجا سارِن عام

عَسس ترٛیّیہِ پھِرِ لَدٕ با آب
نستِہ اُمی پاٴٹھی ژاں آو ثواب

بنِّہِ کرچو یہٕ عستی وندن مسواک
آسہِ نَے اَتھ عستی کربا پاک

خِلال کر وار اہنّیہِ اوٚ نگجنَ
دوٚ شوٗنی کھورَن بنّیہِ اَتھن

بنّیہ چھُے ترٛیّیہ پھِرِ چھَلُن پٕرتھ تان
بنّیہِ آو بیٚیا پے ناون جان

مَسح کر ساٲری سے کلس ہَن ہَن   کلہٕ کے آپہٕ کر مَسح کنَن !
بُتھ چھلنہٕ وِزِ چھےٚ تمیُک وقت[۱]   ترتیب اٲمی پأٹھۍ زان سُنّت
مُستحب ہیٚری پأٹھۍ تھَو باکَن   مستحب ترک گاہ کوٚر نبیؐ ین
مُستحب زِ چھی اکھ ابتدا   ڈٲچھنے طَرفٕے ڈاڈ کر با با
کلہٕ کی آپہٕ کر مسح گردن   توَٲ ستی چھہ بہشتٕچ جوے مَردن[۲]

## مکروٗہات

یاد تھَو وضوٗکرِ سأری مکروٗہ   دوٗر تھاو تمہٕ نِشہٕ تن تہٕ روٗح
مَزِ لَد روَیس زور پاں تھپھ   پیٹھہٕ روٗزن اَمہٕ نِش سارےٚ دَپ
اٲتَس کھووِرِ اَتھہٕ آب لَدُن   شوٗبہٕ ہنہٕ ڈٲچھنہٕ اَتھہٕ نَس دِنُن

## وضوٗ پھُٹن

پانژھہٕ[۳] چیز پھُٹرن چون طَہارَت   اکھ چھُ زِ نیری بٔرونٹھی کیوٚہ یَت
باد تہٕ غالیط بیٚنہٕ پیشاب   طَہارت پھُٹرن ژھار با آب
بیٚنہٕ چھی لگُن پاک کیوٚ رَتھ   نیرِ ییٚلہٕ پھٹرن چون طہارت
فی ییٚلہٕ ییٚنی گوٚل بُرِ تھ   گرٛزھہ باوِلہٕ نوٚو وضوٗ گرِتھ
بلغم پھُٹرِ نہٕ چوٗل طَہارت زانِتھہ   یاد تھَو مَتہٕ ژٕ آسکھ شاہ
ہِندر ییٚلہٕ کرکھ گُنہٕ تھَر دِتھ   تمہٕ ساتہٕ طہارت ژھِنہٕ پھُٹرِتھ

---

۱؎ بُتھ چھل اَتھہٕ چھل مسح تو یتہٕ (حاشیہ) ۲؎ صرف (ر) نسخس منز ۳؎ شیٖنے (ر)

بیہوشی تہٕ بێیہ مَتُن ا — ییٚلہِ ییہِ طہارت نوٚ و کرُن
نمازِ اندر بڈٕ بڈٕ ییٚلہ اُسیتھ — طہارت نمازِ ساں پھُٹرِ ستھ
آسہ کھےٚ نکھ تلہ بوزی ہٕ کس — نمازِ تیمہ سیتی پھُٹہِ ہٕ نٔس
ژٕتہِ نے بوزکھ چھےٚ بحال — نمازہِ تہٕ طہارت روزِ خوشحال
جنازس اندر بڈٕ بڈٕ ییٚلہِ اَسکھ — تیمہ سیتی نمازِ ژٕ پھُٹرِ کھ
بێیہ چھےٚ ناقص مس فرجین — طہارت پھُٹرن تم دوٚ شوین
تھف کرِ زنہِ یا رٔٹہ زکر — وضوٕ ہس لٔبہ نہ کینٛہہ تہٕ خطر

## غسل

غُسلکی تہِ احکام بێیہ پٔر زَن — تٔمکی چھی ترٛے فرض بامَر دوزن
نَس چھل آبہ سیتی بێیہ دھن — بێیہ ناوٚ چھوک چھوک سور بَدن
امہِ کےٚ طریق سنّت زان — کراں اوس پیغمبر آخر الزّماںؐ
گوڈٕ ناوٚ ترٛێیہ پھِر ہٕژی تام کر — توٚ پتہٕ وارٕ پاٹھی اِستنجا کر
کُرتھ ییٚلہِ وضوٕ ہٕگ ساری کار — ترٛێیہ پھِر دٔچھنہِ پھیکہِ اَدٕ آب کھار
کھوورِ پھیکہِ اَمی پاٹھی ہار باژٕے — توٚ پتہٕ اَدٕ چھل ما باقے
نیّت تہٕ غسلچ چھےٚ بێہتر — کرِ کھےٚ سپنک تتہٕ سَرور
خرچ کرِ غُلس اکھ تٕرکھ آب — کرِ کھےٚ زیادٕ تہٕ تتہ چھےٚ حساب
پانژھ چیز پھُٹرن چونے سُران — لازم غسل کرُن با مومناں
نیرِ ییٚلہِ ہٕمزسان دوٚ سٹھ دِتھ آب — غسل کرُن توٚ پتہٕ زاں ثواب

غائب سپنی سرِ آلت ! لازم آو سٔران بیٚیہِ طہارت
وٹی ییٚلہِ کر کھٔڑ حیوانس ! اِنزالہ رس چھُنہٕ رُت سٔرانس
زنان ییٚلہِ سپنی حیضہٕ نیش پاک غُسُل چھُے کرُن تس لازم پاک
بیٚیہِ ییٚلہِ موکلی از انفاس سُتہٕ اٲسِتھی حیضس ہیو کر قیاس
غسل چھُے جمہس تہٕ عیٖز سُنّت کھو رستھا و دارِتھ دایم تمتھ
غسلِ احرام چھُ رُت حاجن بیٚیہِ ییٚلہِ بالغ گژھ مرد و زن
بیٚیہِ ییٚلہِ کافر آسہِ ایمان تس پتہٕ سٔراں کرُن آوے جاں

## آبکی قسم

آبکی قسم چھی پانژھ بوز ساری تمہ کیس یادس کر غمخاری
گاہسہ کثرت ییٚلہِ ییر گو جاری تَوٕ سیتی طہارت کرُن ساری
بند ییٚلہِ آب آسہ دہ در دہ جائز وضو ہس پیٹھ آب چھُ
آسہ تیتہٕ اوک پارِ ژور ناپاک تَوٕ سیتی کانہہ چیز سپنہٕ نہٕ پاک
چو باگز در گز پناہ منز آسہ حوضس تھٔز پاوا
چھَنہٕ تمتھ دہ در دہکی خال کرِ کھے طہارت چھُے وبال
یخ ییٚلہِ آبس پیٹھ آسہ دور طہار نہٕ خاطر سوراخ گور
ناپاک سپنہِ نہٕ نزِ جدا ییٚلہِ آسہ آبس چھُے روا
نیٚنگ نیٚنگ یخ ییٚلہِ آسہ آبس زیرٕ سیتی حرکت سپنی تس
جائز چھُ طہارت کرِ یوٚد تمتھ سپنہِ نہٕ ناپاک سوے چھُے وتھ

# کیٛرٕنگ آب

مۆدیٛلہِ حیوان گریر اَندر | پھکھ کھسہِ آب کڈ سور نبر
سَپنہِ نہٕ ہنگہٕ منگہٕ آب تتھ کم | کڈ بایی دپن تتھ زِ آرم
یا دوٚیہِ ہتہ پیٛٹھ ترٛٚبن ہتن تام | نٹ کڈ تیٛتھ چھےٚ جایز تمام
مۆدیٛلہِ بٔرور ہیوٚ یا گگر ! | شیٛتھ نٹ امہِ نشہ کر بادور
زٕرہِش گوکر ہیوٚ یٛیلہِ گرٛھن | حکم چھےٚ ترٛہہ نٹ تتہ کڈن
آسہ تس پھکھ نتہ لنجہ باگے | پھر تھ کرن ترٛبن دوٚہن گرٛنزی
صا..... نِشہ چھ تیٛلہِ ظاہر | یٛیلہِ آسہ نشہ........ ظاہر[1]
رٕژھ ہے ناپاکی ہُند پھوٚ | سوٗرے کیٛور زان ناپاک گو
اوٚنٹہٕ مینگن تازٕ یا ۂنڈی سُند | آب ماکانسہِ تہِ ناپاک دیوٚند
مٕر یٛیلہِ لیس آسہِ آب زیٛنہٕ جلے | ناپاک سپنہِ نہٕ اکھ آبہ گرٛاے
پھٹہِ یٛیلہِ لیس نہٕ آسہِ یکہ وُن لتھ | آب چھی تمی پاکھٕی برطہارتھ
ہیٛرکہٕ تہٕ شربت گلاب دار | تم پین نہٕ وضو کنہٕ درکار
صابن دأن بنیہِ دچھ رس | لگہِ نہٕ غسلس بنیہِ وضوہس
ژھیٛٹ چھےٚ آدمےٚ سُندے پاک | کافر آسہِ تہِ کیٛنہہ چھنہٕ باک
حلال حیوانہٕ سُند ژھیٛٹ آو | پاک، اَتھ حکمس وارٕ کُن تھاو
خچرٕ تہٕ خرٕ سُند ژھیٛٹ مشکوک | زان بایتھ سہ ٹکو پو لوک
طہارت اَنتہٕ بنیہِ تیمم | آیا سوٗے چھےٚ پزٕ تیٛچ سُم
مہ کھیٛنین مرد سُند بیگانہ زن | امہِ پاکھٕی مردتہٕ بوز سخنن

---

[1] صاف چھُنہٕ پرنہٕ یوان

کیکرایُس آسہ وتہِ پھیراں ۔۔۔ تہندُے ژھیوٗٹ ژے حرام زاں
حرام جانورسٕند ژھیٹ آو ۔۔۔ حرام بیٚیہِ یس گرِ کے آو
بڑور کیو گگراہ ٹُلہِ آبس ۔۔۔ چوٗنٹ لاگہِ سپنی سور نجس
ساتہٕ اکہِ پتہٕ بیٚیلہِ آبس پیو ۔۔۔ مابا ہتے آب نِزنا پاک گوٚو
کافرن مس نتہٕ سورا کھیو ۔۔۔ آبس چوٗنٹ لاگہِ ناپاک گوٚو
ژھیٚتس ہو گمہٕ تی چھُ معتبر ! ۔۔۔ تمہٕ چی وار پاٚ سٹھی سھاو خبر

## دالہٕ دباغت

بستہٕ دالہٕ منڈنکی چھ کینٹھہ احکام ۔۔۔ یاد تھونتہٕ ییٚنہ روز کہ خام
پاک گژھہ دالہٕ پژ تتھ کانسہٕ ہٕند ۔۔۔ نزِ آدم سٕند نزِ سورِ سٕند
منڈُن چھُے دالہٕ دوٚیہ طرزِ ۔۔۔ حقیقی تہٕ حکمی کرِ غرضے
دُرو سِتی[1] حقیقی آو منڈن ۔۔۔ حکمی میٚژ تاپہٕ ہو کھناوُن
منڈنہٕ سِتی یہ کینٛژھا سپنی پاک ۔۔۔ گہٕ سِتی گنہِ تہٕ روزِ نہٕ باک

## تیمُّم

آب نَے آسی تیمُّم کر ! ۔۔۔ تمہٕ کی احکام ساٚری پر
فرض حق تتھ اندر نیّت پر ۔۔۔ تمی سِتی خاٚہِش عبادت کر
زِ ضرب میٚژ پیٹھ فرض سُے آو ۔۔۔ اکھ بُتھِس بیٚیہ نر ہے کتھ یاد تھاو

---

[1] دوا سِتی (ن ر)

تیمم جائز کرنے مَس    ییٹھ زمینہٕ ہندِس پڑتھ جنسِس

مێنژ ہیو گرد ہیو گچھ[1] بێیہٕ سنکھ    کٕتر تہٕ کنہٕ ہیو زاں پڑتھ اکھ

تێلہٕ کر تیمم، یوٚد نہٕ آب وَپی    آسہٕ نہٕ یا آسہٕ گرٕ دوٗری[2]

یا یێلہٕ بیم آسہٕ نیرُن نہٕ بَر    کھوژکھ تور مرضس تیمم کر

تیمُم پھُٹہٕ تمہٕ یمہٕ طہارت    بێیہٕ یێلہٕ ژٕ واتکھ آبس ییٹھ

بیم آسہٕ اَتھ گژھہ عید نماز    یا تے جنازٕ تیمُم ساز

ناپاک زمین ہو کھ تێلہٕ گژھہ پاک    نماز کر تیمُمس لیہ نہٕ باک

اَکِس جایہٕ تیمُم کرَن صد کس    جائز اَمی پاٹھی آو غسلس

جنازس منتظر آسَن ناس    پزٕ اَرُن تہٕ تیمُم کر، چھُنہٕ پاس

## مسح

مسح کرُن موزَس چھُے رخصت    سوٗے چھے موٗمنَن سارنے وَتھ

موزٕ گژھہ آسُن با برکت    یُس ژٕٹہٕ تژٕ ین دوہ راژن وَتھ

موزس ییٹھ یێلہٕ موزٕ آسہٕ ژوٚم    تَتھ ییٹھ تہٕ مسح کر خوشخو

موزٕ وَل وارٕ پاٹھی تَتھ وضوہس    یُس آسہٕ کامِل پھُٹرٕ نہٕ تس

مدّت آو مُقیمس اکھ دوہ تہٕ راتھ    گوٚ یێلہٕ موزٕ کڈ سُے چھُے سات

مدّت آو سفرس سہٕ[3] شب و روز    تَتھ ییٹھ طہارت پھُٹہٕ تے بوز

موزس گوڈ آسہٕ ترٕنے اُنگل کم    جائز چھُ مسح موزٕ ژیے آندم

اَکہٕ کھوٗرک گوڈ سور جمع کرنہٕ ییٚن    چھُنہٕ کینہہ یێلہٕ آسَن دوہ شونز

---

[1] گچھ - چھُنہٕ    [2] کرہ    (ن ر)

پٹ بیلہِ گنڈہرِ آسہِ زخمس — تتھ تہِ لایق چھےٚ مسحس
مسح موزٕ پیٹھ یمہِ تمہِ وضو — بیٚیہِ بیلہِ گڈٕ ستھ کھور تڑوٚ وُتھٕ سٕ
امی پاٹھی بیدہِ گو مُدت ادا — کھور چھل اَدٕ چھیہِ پیٚٹھ مسح جا

## خونِ زن

خونِ زن ترٚےٚ چھی تمکی پاس — حیض تہِ استحاضہ بیٚیہِ نفاس
حیض گوٚو دادِ رَوس پاہ دسیُن — آسہِ نہٕ آساں ترٚیہِ دوہ بون
داہ دوہ ہیٚر چھیُنہ تتھ مُدّت — گے بیلہِ دٚیہِ نےٚ تتھ علت
پنداہ دوہ تمہِ برونٹھہ پیٚڑ پاکی — آسہِ نےٚ چھیُنہ حیض اےٚ خاکی
اکثر حیض بیدہِ گو نیران — تتھ ہیوٚ خوٗن ژٕ علّت زان
بڈیا لو کہٹے بیٚیہِ باردار — ڈیشہِ رتیٚ علّت تتہِ ماہدار
نفاس گونیرِ یہِ شُرٕ زیہنہ پتہ — چھیُنہ تتھ معلوٗم کانٹھہ مدّت
تژتیجہ[۱] دوہ تتھ آو اکثر — ڈر راوٕ پانژداہ یا کمتر[۱]
زنانہِ ژٕ دےٚ شُری پتہِ سےٚ تتھ — زایہِ نہٕ کوڈکی چھےٚ نفاسس وَتھ[۲]
انقضاےٚ مُدت دوٚیمی آو — تیٚلہِ تس نکاح جائز تھاو

## حیض نفاس

حکم حیض ونفاسس تھو باہوش — یادس تمہِ کس تھو باگوش

---

[۱] دڑاو بیلہ تمہِ نیش استحاضہ کر (ر) [۲] منزے یو

نماز تِمن پیٹھ چھُ لازِم — قضا تہِ مہ کرن ہرگِز تِم

حرام تِمن پیٹھ روزٕ دَرُن — ولیکن حکم چھُکھ قضا کرن

بنیہِ چھُکھ مسجد اژُن معاف — بنیہِ منز کرن کعبس طواف

لگہٕ نہٕ تِمن زاہ پرُن قرآن — بنیہِ آو ناروا پھُرن سراں

بنیہِ منز کرنی قرآنس تھپھ — پتہٕ روزُن آمہِ نش سارنی دپ

خون پکہِ دائِم بنیہِ مشتنس — حیضکو دوہ چھِ واجب تس

بالغ سپنہٕ ڈاڈ پکہِ رتھ — داہ دوہ پزٕتھ رِتہٕ حیضنے رتھ

پزٕتھ وقتہٕ نماز غسل کرُن — بنیہِ چھِ وار پاٹھی روزٕ دَرُن

معذور آسہِ تہٕ گرِ گرِ باد! — پکہِ تس یا خون بنی زیاد

یا دادِس یا زخمس! — طہارت چھُ لازم پزٕتھ وقتس

## کم ناپاک چیز چھ پاک بنان

زان با ناپاکی سارکاسی — آب بنیہِ یہِ کینژھا تن آسی

گُلاب ہو سرکہٕ پور کر طاہر — یودنے ناپاکی آسہِ ظاہر

ناپاکی ییلہِ آسہِ مو چھِرسان — ذلت ریچ آہہٕ ستی گژھ کاسان

آسے موٚٹ چھِپے نمک کار — ترٕ نیہِ پھر چیری چیری آب تتھ ہار

بنیہِ نے چیرنہٕ تہٕ اَدپشاو — ترٕ نیہِ پھرامی پاٹھی کار بار آو

شراک یا کرتِل گژھ ناپاک — کُنہٕ ستی دوٚ تھرن سپنی پاک

ہو چھ آسہِ منیاہ پیٹھ ڈِلس — سرِ ذکر چھُ ولمت آسہِ موٚرن دِس

آسی اوٚر یا آسہٕ بدنس — چھلنہٕ ستی سینی پاکی تس[1]

زنانہٕ ہنٛز منی چھ ناپاک ترٛ — تنہٕ آسہٕ ڈٲلس آسہٕ ہو چھ یا تر[2]

مردٕ ہنٛز منی سفید زال — زنانہٕ ہنٛز منی زردی سان

شوٗژ چھ وو ستھرٕ نہٕ ستی موزٕ پیزار — ہچہ ییلہٕ ناپاکی آسہٕ تن دار

آسہٕ تنٛز سوتہٕ آبہٕ ستی چھٕل — تۄ ستی روزٕ نہٕ نجسک مَل

پاک گژھہ ہو کھنہٕ ستی زمین — شوٗژ چھی ییلہٕ درِ گچھہٕ سرگیں

سِرکہٕ ییلہٕ کرن بنیہٕ شرابس — نیر پاکی کُن لاگس !

ہِکنکس ییلہٕ کرِ واند پیشاب — باگرنہٕ پتہٕ چھی حض ثواب

نوٗن گژھ ناپاک تژییہ پھِر چھٕل — تیلس اَمی پاٗ ہٹھی کر عمل

باسٹھ ساں کو کرس ییلہٕ لگہ پاک — تژییہ آبہٕ گرمہ چھٕل پینی پاک

اَمی پاٗ ہٹھی ہنڈی ہیر کمو ساں بُز — تژییہ آبہٕ گرمہ چھٕل سینی شُنز

روغنس موٗدُمت تگرا دژاو — آسے موٗٹ تہٕ اند کُن تژاو

آسے توٗن ستہٕ تژییہ پھِر چھٕل — تۄ ستی روزٕ نہٕ نجسک مَل

زنانہٕ چھ کینژھا تہٕ ناپاکی — بنیہٕ آدٕ نتہٕ چھے سور پاکے

پاکہٕ ستی ناپاکی گژھ بدر — فخرالدینن دِژ یہے خبر

زِندٕ ویس[4] دِپن مالکھ تتھ — فقیرن بخشن سوے چھے وتھ

فقیرے پانہٕ آسہٕ کھینن ستہٕ تتھ — فتویٰ ظہری کٔر پڑھ کتھ

موٗمژ کو کرے ییلہٕ ٹھوٗل تژو — یا دژاو شپر از مادٕ گاو

---

۱،۲،۳ یم ترٛے شعر چھ ریسرچ محکمہ کِس نسخس منٛزٕ یوت۔ ۴۔ زندٕ ویس ؟؟

کھیٚیہِ کانٛہہ تسٕ پیٚٹھ چھُ حلال | کانٛسہِ پیٚٹھ تمہِ کےٚ چھُہٕ وبال

## نجاست خفیفہ غلیظ

ہٕرے چھی مَحسوٗب نجاست | حفیفہ غلیظ چھُس قسمت

بول تہٕ غایط بیٚیہِ نُطفہٕ | پاک ہتہ رَتھ تہٕ زاں غلیظ

موچر گوچھ مقدار درہم معاف | تنگ چھےٚ منٛز اَکھ زان تی صاف

درہم ژور دانہِ نجاست | پأنژم حصّہ دانیہ ہند ملوٗز تَھ

کوکر رگہِ چھےٚ سارِ ناپاک | یوٚدوَن ماز چھُس حلال ہتہ پاک

حلال جانور سُند پیشاب | حفیفہ پیرٕ ہٕ ناوتی چھُس داب

حفیفہٕ سیتی بیٚیلہِ گژھہ جاہہ ناپاک | یکسر پأدِ ہٕ چھےٚ تمہ چی پاک

حرام جانورٕ ہنٛز رگ آو | حفیفہ گانٛٹھ آسہِ یا آسہ کاو

سرٕچھ دالہ ناپاک چھُ بول وش | یوٚد نےٚ گوٗرمُت آسہِ تسٕ کھش

سرٕچھ گژھ وٗژھہ پانہٕ یُس سرٕچھن | عاٗلمو پاکھےٚ ناو تَھ تھوو

## نمازِ ہندی حکم

بوزِ تھ یوٚد وضو ہٕکی ساٗری احکام | نمازِ ہندی تہٕ بوزِ کھ ساٗری نام

نمازِ سیتی وسَن ہیرِ سارِ برکات | نمازِ بیٚٹھ دوٚپ روٗبَن واقیموا الصلوٰۃ

نمازِ ہُند گوڈٕ پزِ گژھہ روزِ محشر | بیٚیلہِ آسَن حاٗران ساٗری بشر

# اوقاتِ نماز

اَوے پرزناو تُمکۍ اَوقات    تِمہٕ سٟتۍ ناہِ نِش چھُے نجات
فجرک وقت چھُے صُبحِ صادِق    یوٚت تام افتابہٕ گژھِ فایق
یٟلِہ ڈلِہ آفتاب دوپہرس    تٟلِہ چھُے نمازِ وقت ظہرس
دوٚگنی یٟلِہ پرسِتھ جایہ ژھاے گیہٕ زیادٕ    فی زَوال مِلوسِتھ دِگر تھو یاد
آفتاب بوٚن یٟلِہ گوٚو وٕسِتھ    اَدِ چھُے وقتِ شام زان کھُہرِتھ
مغرب گو یٟلِہ ژوٚل وونٕ زجار    تۆ پتہٕ خفتنُک نماز واگذار
اوٚبرس خفتن بٟنیہٕ دِگر    بٕرونٹھے بٟنیہٕ وَقتہٕ پَتہٕ پَتہٕ کر

## فی زَوال

سایہ اصلی دوپہرس    زان بانَتہٕ آسہٕ قی وُہرس
وَہی کس ساڑ ژور چھی قدم    زیٹھُن امہٕ کھوٚتہٕ اکھا یا کم
ہارس ڈاے تہٕ ژتر اونس ڈوڈ    ڈاے چھی بادر پٟنٕے گوڈ
اَشدِ ساڈ ترے کارتک ژور    بٟنیہٕ اَدِ مِلوسِتھ سٟنی دور
منجہور ساڑ شیٚے پوہ ساڈ اُٹھ    ماگس ساڈ دَہ یٟلِہ آسہٕ کرا اُٹھ
پھاگنہٕ ساڑ اُٹھ ژِتھر شیٚے    بٟنیہٕ اَدِ مِلوسِتھ ژھایہ چھیے
نِسِتم حِصہٕ ژِتھر کی زان قدم    نَتہٕ آسہٕ زیادٕ نَتہٕ آسہٕ کم

## اذان

سُنّت چھہ بانگہٕ وقتِ فرضس    نماز کر تِمہٕ ساتہٕ سوے چھےٚ پٕز

بانگہِ گرٛزھ آسُن وقت شناس | یُس گرِ گرِ کرِ وقتک پاس
اُمی پأٹھۍ تکبیر آو سنّت | زنانہٕ چھےٚ اِمہٕ نِش نببرے دپ

## مکروہاتِ بانگ

مرد یِلہِ بانگ دِیہ یا زناں | مکروہ نو دِپن بہتر زان
طہارتہٕ رۄس بانگ مکروہ آو | تکبیر دِیُن تہٕ جأیز ہہ تھاو
بانگ تہٕ تکبیر در مسجد ! | دیکھ یِیلہِ دینس مسجد[1]
بانٛزھ وَق اکِہ ساتہٕ قضا کرکھ | کو دکسس دوشوے دپ نزاک
بیُن چھےٚ کأفی تکبیر پَر | دیکھے .............[2]
بوزِ یُس بانگ چھُس واجب آب | بانگ یِیی دِپہ تی چھس آداب
مسجد آسہِ یا پَر قرآن | تمہ ساتہٕ جواب معاف زان
تکبیرَس چھُ بانگہِ ہیو قدوقامت | زیادٕ چھےٚ تمہٕ یُس بوز ساکتھ
شرط چھ اٗسٹھے نمازِ اندر | یاد تھوُسپنگ تَتہٕ سَرور
دیُن گوڈ اللّٰہ اکبر چھ وَنتھ | بیٚیہِ زان تمہ کے مُعیں وقت
تریمُم تو نہٕ بیٹھ وَل گوٹھین تام | تی چھےٚ سارِنے لوکن عام
زنانہٕ عورت سوُرے پان | بتھ چھُس نببرے اَتھ کھور سان
ژونز چھی مرد ہنٛز ڈیٚیہِ تھر | چھیٚنہٕ تس عورت نٕز زنگہِ سر
ژورم چھےٚ نمازِ ہنٛز نیت کر | دلہٕ سیتی رُت چھےٚ زیوٕ سیتی پَر

---

۱-۲ پوٚرِ چھینہٕ وو تھال

پأنژم چھُے پھِر با قبلَس کُن روے ...... موکُل چھُے اَدِ پَرِ سوے

زأنِتھ قبلہٕ ، آسہٕ نہ ڈُسے یُس زانہٕ نأوی حکم اَدِ چھُے

فِکر کر یور کُن گژھہٕ غأیِب نماز کر توٚری کُن اے طأیِب

بۆنہٕ چھُے پاک تھو جامہٕ مکان بَدنُک پاکی یِمو اندر زان

ژوٚرِم حِصہٕ عورت کأنسہٕ نوٚن گو نمازِ نِش تِمہ ساتہٕ نبرے پیو

گروز چھُے عضو تہٕ بۆنہٕ زکر ران بۆنہٕ زِ ہے رحصہٕ زلفِ زنان

سینہٕ چھُے بۆنہٕ شانہٕ اکھ عضو رکان بۆنہٕ سان بۆنہٕ اِشتباہ

پیٹھ ہَن ستھر ہَن ہَن گے نُز رُبعس برابر ہیٚنہٕ پھُرِ ڈنی !

## قبلہٕ

ستھ چھی قِبلہٕ تہٕ اکھ عرش آو حأمِل عرشَن قبلہٕ چھُے ناو

کُرسی قبلہٕ چھُے کروبینَن بیتُ المقدس آو نبی یَن

بَیتُ المعموٗر ژوٗرم آو سارِنے فرشتَن قبلہٕ ڈُسے تھاو

پأنژِم کعبہٕ چھُے موٗمنینَن شُنیم فِکر چھُے یِم تہٕ زانَن

سُتِم چھُے قبلہٕ وقتِ دُعا سارِنے خلقن سوے سَما

## نمازِ ہندی صِفت

فرض چھی نمازِ ہندی ساری صِفت اکھ چھُے ترٚینہٕ آیہٕ پَر قرأت

یا پر شھہٕ ڈۄنی برابر اکھ قیام یِمو اندر زان بیشک

سیٚود روز کان ہیوٚ اِستاد | اَژک دپو جنتس آزاد
آسہ نہ بٚہنس پیٹھ قدرت | بہتھ کراَد چھےَ سوے جان وتھ
بیٚیہ آورکوع ہتہ کوٹھن پیٹھ وس | سجدٕ کر نستہِ بیٚیہ ڈٕ بکس
تشہدس برابر بیٚیہ بٚہنن | بیٚیہ چھےَ وارٕ گرژھ خالقس کُن
بیٚیہ چھےَ ترتیب دار ارکان | پھٹرن کامہِ ءِ ستی یموٚ اندٕ رزان

## واجباتِ نماز

نمازِ ہندی اکوٗہ چھی واجبات | سارین لوٗکن دوہ کیو راتھ
اگہ چھےَ وارٕ دپ لفظِ تکبیر | اوٗلگ پہنے اے فقیر
دوٚیمِس بٚہنس اتحایوٗت | پَتہ باکینہہ چھُنہٕ رُت اَتھ یوت
رکوٗعس تٕ سجدس آرام ہن | پَرٕ ستھ فرض پَنہٕ نے جایہ انن
اَسلام علیکَ نمازِ پتھ | بیٚیہ آو گوڈ چین دون قرات
یمِنے یوت بیٚیہ الحمد و | بیٚیہ آو اکہ پھیرٕ پَتہٕ باٹھ
بیٚیہ چھےَ قنوت وِترس پَتہٕ | زانکھ نے تٕ ژیٚیہ پھیرٕ یارب پَتہٕ
خفتنس شامس بیٚیہ فجرس | بڈ پَتہٕ، اَہستہ ظہرس عصرس
بڈٕ گوٚو نکھ کی لکھ بوزن | اَہستہ گوٚو زِ بوزن پَنہٕ نی کَن
اِمام ییلہِ پَتہٕ قرات، مقتدی | ژھوپہ دپ لاگن رُت چھکھ تی
کرن بیٚیہ اِمامس مُتابعت | سارین پیٚزِ سجدۂ تلاوت
سجدۂ تلاوت کیٚنژٕ و بوزِ و پوٚر | سجدہ دِنے رُت تمی کوٚر

طوطہ ہشنز زبأنی یوٚد بوزی    جأیز وضوہس پیٹھ روزی

نندرِ اندر زبأنی گوٚونیرِتھ    کأنسہ بوز سجدِ دیہ پھیرِتھ

بیٚیہ چھی عینز ہندی تکبیرات    تِمہ کی رکوٗع اَز واجبات

سجدِ سہو نہ دِپن پرٛتھ اکھ!    ترک ییٚلہِ واجبو اندر گو اکھ

ون اسلامن پتہ چھوٗیہ سجدِ جان    کُنی ہے اماَمس اکھ بتھ زان

## نمازِ ہندی سنّت

زان با نمازِ ہندی کم سُنّت    عألمو تہ فأضلو ہأو یہِ وَتھ

قنوت تحریم کہ وَقتے    رُت چھےٗ زِ تُل بازے اَتھے

قرآن منز پرِ ثنا اَوّل    بیٚیہ ستھاو کھوٗر اَتھ دچھنس تل

کھسنکی تہ وسنکی تکبیرات    رکوٗع تہ سجدِ کی تسبیحات

رکوعس اَتھ ءِسِتی کوٚٹھ رٔٹھ دوٚر    بیٚیہِ آو رکوع پتہ ووتھ باہشِیر

منز بیٚہہ ساتھا دون سجدَن    سجدِ کر ستوٚنی بیٚٹھ عضون

اِمامہ ہندِس تحریمس تل مُقتدی    ڈیٚپن با تکبیر رُت چھُس تی

کرِن بیٚیہ پیروی اِمامَس    پرٛتھ کامِہ تہ پرٛتھ کارَس

ییٚس آسہِ امام یا تنہا گُذار    دُپن چھُس اَستہ پأٹھی آمین کار

مقتدی تہ نمازِ جہرس اَندر    ڈیٚپن با آمین چھُس بیٚہتر

امامَن بہتر سمع اللّٰہ    رَبنا پیرِتھ مقتدی ہشنز راہ

بیٚہنَس کھوٗر کھور ووٚتھرُن    اِستادِ ڈیچھنے کھور تھاوُن

زنانہ آو بہنے بیٹھ ژا کچھن ! ڈچھنے طرف کھور گوڑن !

## نمازِ ہندی مُستحبات

[۱۴] ژ واہ آیہ نمازِ ہندی مستحب — تمہ کِنی لوُکن راضی ربّ

منز وچھ ڈچھُن بیٹھِہ کھوڈُر کُن — آسی زامن وُزگرِتھ وٹُن

ممکِن یوُت آسہ پتھ رٹھ ژاس — ژوُر تریپہ آیہ کھوتہ پران آس

کوٗسٹھ وال اَتھ برونہہ بیٹھ زمنیس — اَتھ وال نستہِ برونہہ نس ڈیکس

وو تھنس امہ کے پھر پیرِ زن — سجدہ کر منز باگ دون اتھن

اَتھ کھورچہ اوٗنگجہ قبلس کُن — پھر پا پیرِ بنیہِ ڈیکہ وو تھرُن

ووونی منز باگ دون اَتھن — جاے تھاو برابر ژون اوٗنگلن

بہنس اَتھ تھاو بیٹھ رانن — اللہ اکبر وزِ لاگ اَتھ کنن !

تُلن زنانہ اَتھ نکھنے تام — بتھ پھرچِپ وراس وقتِ سلام

مردِ گنڈِ اَتھ زنوٗنس تل — سِینس بیٹھ تھاوَن زنانہ عمل

اَتھ زنرِیش کڈ نہ برس — توٗ پتہ گوڈِ نکے تکبیر پر

نیز پر قراءت دَرِ صلوٰۃ — یِتر دوٗپ نبی ین ﷺ دوہ کیو راتھ

پرِ کھے ترینیہ کھوتہ جاد تسبیح — رُت چھِے اماس آو قبیح

دوٗرِ تھوٗر کوٗ عس بیٹھ سجدِس — یڈ نستہ رانے ، ران گوڈس

گنڈ راوِ منس ای آو مردن — زنانن حکم چھُ سارِ ملون

فرض چھُنہ دون سوٗرِ نیچن دوٗن — سوٗرہ فاتحہ بوز سخن

مِلہٕ وِو ہنگہٕ منگہٕ سوراہ اَتھ — آونے سجدہ سہو تتھ

پرٕ پڑتھ رکاژ بسم اللہ — الحمد پڑونتھ سوٕ بے چھپے راہ

مسبوق پٹراران امامَس — موکلیو ییلہٕ تیلہٕ وۄتھِن پانس

اَکِس دۄن رکاژن پیٹھ یس گو — یاد تھاو ناو تس مسبوق پو

لاحقس حمد گو نمازِ پیٹھ — اَستہٕ پائٹھ نیر تتھ کر طہات

کتھ کرنہٕ رۄستے آوٕ ژکان — پی اَتھ گوس فی گرژھ کران

پتھ لبہٕ امام تتھ میلنس — واتہٕ نہٕ سوری کرِ پانس

اِمامس ستی ییمہٕ تحریم پور — عالموٕ لاحق ناو تس کور

## نمازِ ہندی ممنوعات

کینہہ چیز حرام آے نمازِ اَندر — ژوڈاہے[14] پرزن، تھاو خبر

کرُن بڈِ آمین بسم اللہ — وُچھ زِ نہٕ ڈیچھن بینہٕ کھوُر راہ

لگہٕ نہٕ آسمان کُن وُچھن — عذرٕ روس ہکیہٕ کُنہٕ پیٹھ ڈیُن

پرِ نزرِ بیجا اَتھ ژٹُن — بیٹہٕ منزٕ بیٹہٕ زاہ پیٹھ ژکجن

امی پائٹھ رکوعس بیٹہٕ تھوکن — ژٹن تہٕ اَتھ زمینہٕ پیٹھ دۄن سجدن

حرام چھے نزرِ بون جامس گنڈن — پیرٕ نہٕ کھوُر کُن سلام پھِرُن

اشارہٕ تہٕ اوبگہٕ ستی چھے ناروا — اَمی پائٹھ قنوت پرُن وِترس سوا

ثنا تہٕ تکبیر منزٕ ژِرٕ راو! — تسبیحس تہٕ امی پائٹھ منزٕ ملہ ناو

منزٕ پرٕ تشہد ژرٕ راوِتھ — ترک موکرو واجب اکھ اَکِتھ

# نمازِ ہندی مکروہات

نمازِ ہندی کُنہ ہأٹھ مکروہات     اکھ چھُے تکرارِ تکبیرات

گٔنزر منز اَتھ ستی آیہٕ قرآن     مہ تھو اَتھ کانہٕ پیٹھ تکبرّ سان

کامہِ نِش تکبرّ نش پَتھ روزُ     عذرٕ روٚس ژاس کرمیأنی کھتہ بوز

پھوکھ دِیُن نسَ ہٕ دہنہٕ مکروٗہ زان     ہیٚیہِ منز گیٖنژ ھابرُن درٕ دِہان

واجہِ اونگجہ اندر واتہٕ ناوُن     دَندس اندر روٗ دمت ہیٚیہِ نِنگلُن

رکوٗعس اندر قرأت تمام کرُن     بیٚیہِ اکہِ سُنتہٕ نِش پَتھ روزُن

بیٚیہِ دپُن ذکر انی محل     وَسنک تکبیر سٔجدس تل

اَتھ تھوٗن کوٹھ برٕ وٕ تھہ بون وسنس     اَتھ تلُن کوٹھ برٕ وٕ تھہ سیٚود وتھنسَ

بیٚیہِ چھُے بیٚہنس کوٚٹھ تلُن     زامنہٕ ہندِ غلبہٕ برٕ وٕ تھہ أس وٹُن

مجہ نِش گمے گمہ وٕ وٕ تھرُن     یَنزٕ ہٕ بیٚیہِ جامہ یَتھ رٹُن

سٔجدٕ گاہ نِشہٕ کن دوٗر کرُن     ضروٗرتہٕ روٚس بیٚیہِ اَچھ وٹُن

لگہٕ ہٕ بیٚہُن بیٚیہِ چار زانو     ژاکھر کرِنی بیٚیہِ عذرٕ رٕستو

ٹیس کڈُن اونگجن بیٚیہِ اُہ کرُن     اونگجہ بازِ پأٹھی بیٚیہِ وَٹُن

بیٚیہِ جلد برُن قرآنس     ہٕ تھوٗن برابر سِتھرٕ رکوٗعس

بیٚیہِ چھُے ترٕ یمہِ بون زوٗ مارُن     کڈُن موزٕ ہیٚیہِ آو تھوکھ ترٕ اوُن

بوٗے ہیٚنزٕ اَتھ ستی خوشبوٗیَس     کُنہٕ ستی واو کرُن بیٚیہِ رِدیَس

نمازِ کیٚتھ معین کرن سوٗرٕ     آسہِ ہٕ تمہِ وَرأے پرن زاہ

سوٗرٕ ہٕ یے پرٕ نی منز اکھ ترٕ اوِتھ     اکھ آیہ ترٕ اوِتھ بیاکھ پرُن اکِھ

پتہٕ کے سوٗرہٕ بٔرونٛٹھ بٔرونٛٹھ کے پتھ
سوٗرہٕ بٔرونٛٹھ بسم اللہ در رکعت

نِکھ پیٹھ شٕری یِہنٛ عذر رُستو
پتِم سُند بوٗزِتھ تٕس پرارُن

اُتھ مٕے رکاژ بٔرونٛٹھ کھوتہٕ پرنے یٔژ
یہ صوٗرت چھ مکرُہ فرضس کٔرژ

آیہ ییٚلہِ رحمتُک عذابُک آسی
تتھ جایہ روزُن یودچھےٚ ژیٚے

سجدہٕ دیُن دستارہٕ ڈوملیارس
ییٚلہ وٕنی ران یڈ بیٚنیہ ژٕھ زمینس

ٹُنٛگ ٹوٗپی کلس بیٚنیہ کڈُن پھِرن
زان ساےٚ چھےٚ پانہٕ مکرہ زن ؎۱

تیٚلہ چھےٚ مکرہ ییٚلہ قلیل عمل
گرٛٹھہ کرِ چھےٚ مفید تل ؎۲

غلط ییٚلہِ پٔرِتھ گرٛٹھہ تریہ آیہ قرآن
پرارنے دٕینس مکروہ زان

امام مَنز پرن زیٹھ قرأت
یٔژ گوٚبہ قومس روزُن پتھ

قدر مسنون کھوتہٕ کم تہٕ قرأت
مہ پرن یودنے قوم گنڈِ کتھ

نماز ہتہٕ واجب پرن آہستہٕ
امام منز پرن بٔڈ پتہٕ سجدہٕ

شادی یا غمہٕ خاطر پیٚنیس تکرار
فرضس اندر محذرہٕ رٔوس مکروہ زان

فرضس اندر آیہ کٔرس تکرارس
کوچھ بیٚنیہ تھٔرمہ دِ دیوارس

امام ییٚلہِ آیہ رغبت پرِ زاہ
مقتدی ہہ دٕینس صدق اللہ

## مناجاتِ نماز

سیاح آیہ کاہ چیز نمازِ اندر
ثوابُک عذابُک چھنہٕ اثر

اکھ چھُ وُچھنے تٕس ہرسو
اُچھ ہندِ طرفہٕ ستی پھِرنہٕ سُہ

---

؎۱ عکس کی پاٹھ مکروہ پر پرزن
؎۲ کرکھےٚ کٔژ چھُ مفسدس تل

بیٚنہِ کاتھہ چیزاہ منز اَکھس — یتھ پتھ آے سُہ مُسلَس
فراغت پیرن بر ترتیب — جائیز یوٚد پرکھ غریب
رکوعس اَندر جامہ پتھ رٹن — عذر ہ روٚس کنہِ پیٹھ تکیہ دِیُن
اُچھ ہندِ طرفہٕ سیتی پتم سند کار — وُچھُن چھُ لازم ییٚلہِ آسہ کار

## نمازِ ہندی مُفسدات

نمازِ ہندی مُفسدات مَشنہ کانژھ — مُجتہد سورُے گنز رُکھ پانژھ
کھیٚنُن چیٚنُن کتھ کرنہِ بیٚنہِ ٹیٚر کار — طہارت پھُٹرن با اختیار
یا غارِ امامس دِیہِ غلط — یا بوزِ نمازی غارِ ہشر کتھ
بڑِ بڑِ پرِ ییٚلہِ کرِ آواز — پونِدِ دِیہِ جواب، نتہ چھِٹُے بار
بیٚنہِ چھِٹُے سلام رَدِ سلام — قرأت وُچھ وُچھ کرنی تمام
پتھ روز اسنس بیٚنہِ وَدنس — ترٚینیہِ پھیرِ کشتی اکِس رَلنس
فرجس وُچھ یا کرِ نظر — ذکرس کنیٚ آو بد تر
نتہ کر دُعا زِ پیٹھ ٹوٚکن — منگزرے نماز چانی پھُٹرن

## احکامِ جماعت

نمازِ سنت چھےٚ جماعت — منافق تہ رائفض کرنی تتھ
امام آسہِ عالِم تہ پرہیزگار — یا نے فأری خوش دیدار
امام آسہِ یا کور یا فاسق — امامت تَہنز چھنہٕ لایق

اقتدا مَردٕ سُند زَنانَن یاتے کودکن تا بالغن
یاتے جاہلس عالمس ، یا پَرٕ وُن جاہلَس کرِ اقتدا
یا کرِ جامہ گراکھ ، نبٕینٛھ نوّنٕے سارٕن چھِ مکروٗہ یژھہِ ہش بوٗنے
فرضہٕ وول نفلہٕ وألِس منٛز کر اِقتدا نتہٕ چھُے مکروٗہ تَر
نفلہٕ وول اقتدا کَرِ فرضَس پَرِ شامس دگرس فجرس
بیٚیہِ کرِ اقتدا مُتوضی تیمُّم گراکس تتہٕ دُرس چھُے
چَھلہٕ وُن مَسحٕ کرٕ ونس استادٕ روٗزِتھ بہوِنس
زنانا مردس کرِ اقتدا امام رٹہٕ وۄندس چھُے روا

## وقتکۍ احکام

نمازٕ گَیہِ قضا کانٛسہٕ اَکِس یا دَپہِ بڑو نِھٹے کرٕ وقتَس
پی چھُے صاحب ......... شیٚنٛ وقت یِکہٕ وَٹہٕ اَتھٕ گژھنَس
یا آسِہ وقت تنگ یا مشی شیٚنٛ وقت اَتھٕ گے اَدٕ نِستے
ترتیب اَدٕ چھُے تتہٕ رَوا وقتک بڑو نِھٹے کرِ قضا
پانٛژٕ وقتہٕ کانٛژھا دیوانہ گو یاتے امہٕ نِش بیہوش پیو
قضا تس بیٛنٛھ چھُے رَوا زیادٕ آسہٕ تتھ تہٕ چھُے قضا
کونٛژھا گرٕ نِش سَفرس دراو ژۄن رکاژن زٕ ے تَس آو
فرضَس تہٕ سنّت سوٗرٕ ے کر یِہے صوٗرت چھُے بیٚہتَر
افطار کرن تس جائیز آو پُھٹری روزٕ تتھ کُن سَتھاو

مُسافِر سے گوو زِ کرِ نیّت    ترِہن دوہن راٗژن ہنز رٹہ وتھ
مقیمس مُسافِر گو اِمام    مُسافِر زے کرِ سے تمام
مُسافِر مقتدی ییلہِ سپُن    تس پیٹھ واجب ژور کرُن

## جُمعہ

جُمعہ شہرس چھُے لاٗزِم    سارِہن مردن کرن زد تم
مِصر دپُن گو سے شہر    مُفتی تہٕ قاضی آسہ تتھ اندر
بیٚیہ آسہِ حاکم تتہِ قاری    شرعک حکم آسہِ تتہِ جاری
مسافر زنانہٕ غلام تہٕ کوٗر    تِمن پیٹھ واتہٕ نہٕ جُمعہک زور
باٗنگی ییلہِ بانگ دِیہ مکرہ ژار    خرید و فروخت بیٚیہ ساری کار
داہ چھے رکاژ از سنّت    ژور چھے برونٹھ تے شیٚیہ چھے
خطبہٕ وقتہٕ یمی کور سنّت    دپُس نہٕ روزسا جُمعس پتھ
جُمعہ ییس اتھ گژھ کرِ پیشِن    تنہا تنہا ساری کرِین

## احکامِ عید

جُمعہک شرط چھُے عید اندر    لاٗزم چھُہ تتھ نہٕ خطبا پر
فطرس مستحب چھُہ پیش از نماز    کھیُن چیُن غسلاہ تہٕ مسواک باز
صدقہ فطرہ تہٕ جاما جان    یِرژ پاٗٹھی نماز گژھ لاران
سُتھ زُنی لایق چھُ خاٗرا تس    فقیر تہٕ حاجت ییلہِ آسہ تس

بوے تہ بینہ یا تھندی اولاد
پیتر تہ پوچھ بینیہ مام تھو یاد
ماس تہ بڑکو بب تیمو اندر زان
تیمنے صدقہ گژھ لدان
عاجز بیگانہ محلکو لوکھ
ادنا اشناو شند حق چھوک
کنگک پانژ و وشکہ ہند ترکھ
صدقہ فطر دین پرتھ اکھ
نفل زان مکروہ پیش از عید
کرکھ آسی بیم وعید
عیدن دوہہ نمازِ ہند عذر آسی
بیئیہ دوہہ جائز پرنی چھے ژیے
بجہ عیدن ترییمس دوہس تام
جائز چھے نماز کر تمام
عرفہ دوہہ تکبیر گژھ دپان
ژوا ہمہ تاریخہ دِگرس تام

## احکامِ خسوف

زون تہ آفتاب رٹہ گژھنہ مت
تمہ ساتہ عاجزی ہنز چھے وتھ
رکاژ جورا بہ زودی پر
توبت دعا تہ توبہ کر
اتھ اندر زیے چھے حکمت
مرد گژھ بیدار از غفلت

## نمازِ منز دشمن شند خوف

دشمن یادِ گژھ وقتِ نماز
علاج آسہ نہ ہر بر ماز
جماعتچہ زیے تتہ کر امام
اکس سیتی اکھ رکعت کر تمام
گژھ ہتھ تیم ساری جنگ ملہ ون
بیئیہ لکھ دوئیمے رکاژ ین
سلام پھرتھ یم تہ گژھن
روبرو سپنن با دشمن!

اولکہ پیٹھ نی اکھ رکعت　　کرن ، زِ امام پرِ قرأت
پیم گے بیٹھہِ آیہ اکھ رکعت　　کرِن باواہ پأٹھی پرن قرأت
آسی سنحتی سأر تہہا　　نمازِ کر اشارِ ستی چھے روا

## نمازِ جنازہ

موت ییہ نزدیک کأنسہ اُکس　　قبلس کنۍ بُتھ پھری نَسس
اُچھ تہِ آسَن تس وَٹنہ　　سُنتہٕ پأٹھی تَس سِران کرن
مَرد آسہِ یا زن کوٹہِ پیٹھہ تا　　تُونس تامتھ لونگو وَل با
طہارت گرِتھ چھل ڈچھن پوٗر　　تو پتہٕ چھلُس کھوور پوٗر
بیٛہنہٕ ناوِتھ چھل یَڈ تہ تھر　　مَلُس خوشبوے چھے بہتر
چھلِتھ کینہہ نیرے ازِ شکم　　سوے ہَن پہ چھلنس نے زیادہ کم
مَرد چھلہِ مردس زن با زَن　　عکس از نا بالغ بوزسو خن
مرد مرِ سفرس چھُنہ روا　　آسہِ تَس آشینٛز دیہ غسلا
مرِ ییلہِ آشینٛز چھُنہ مَردس　　جائیز غسلا دیہ ہے تَس
خشاءِ مشکل دیہ ییلہِ جان　　مُنز تَس منز باگ گرِشتہ تھاوان
آبے تس پیٹھ ڈولناونس　　یا تے تیمم کرنے تس
آسہ نہ مَردا اُسن زَن　　مَردس تیمم تمے کرن
تیمم چھُ آتھنے ڈج ڈلیتھ　　اُکھس تہ بُتھِس گرِشتہ مَلِتھ

## کفن

مردس ترٛے کر جامہٕ کفن — پایہِ جامہٕ لفافہٕ تہٕ پیر ہَن

زنانہٕ چھِیم ترٛے تہٕ زٕے پَسند — پۆژھ تہٕ بێنیہِ آو اکھ سینہٕ بند

ژور زٕنی تابوٗت ہیٚر ٹُلِن — یێلہِ ہێن واٹُن تێلہِ بہن

فرض کفایت نماز خاص — اکھ کرِ ساٲری چھِی خلاص

ژورٕ چھِی واجب تکبیر تَتھ — رکوٗع تہٕ سجدٕ لگہِ نہٕ اَتھ

اکہِ تکبیر پَتہٕ دَپ ثنا — دۆیمے درود بَر مُصطفےٰ

ترٛییم دُعا کر بَر مومنیٖنَن — ژۆرِم سلام روے پھِرن

زاہ نہٕ منگہِ دُعا تَس — تَس چھِی ژورَے تکبیر بَس

کھَسنہٕ تہٕ وَسنہٕ وزِ اَفتاب — کٔرِزِ نہٕ نمازتی چھُے داب

تیمُم یۆد کرِ غٲرٕ وَلے — تنگئے وقتہٕ جاٲیز چھُے

زیٖتھ شرٛی کر بِتھ دٕزیاد تَس تھاو — مۆدَے تِمہٕ وقتہٕ جنازٕ تَس آو

زاوَے ہنگہِ منگہِ مۆد مُتے — ناوِ تے نمازِ نزِ تَس چھُے

قبرِ پیٹھ یۆد کاٲنسہِ قرآن پۆر — بوزِ ڈٕنی فرض کفایت بۆر

مَردٕ ہُنز قبر پشت ہِش آو — زنانٕہ مربع، تی کن تھاو

## احکامِ شہید

شہید گو زِ ظالِمے مارن تَس — سُہ چھُنہٕ لایَق زاہ غُسلس

آسے غسلہ رۄس شرٛان تَس ہی     جامہٕ پَینہٕ نُے کفن تَس چھُے
زخمہٕ پتہٕ کھیٚنیہٕ چیٚنیہٕ یا کرخاب     غسل کرُن تس پیٚٹھ آو ثواب
مُخنث مارٕ گو یا تٕھو دک     شرٛان دِیُن لأزِم چھکھ بیٚشک
مارٕنہٕ آو حَسدٕ کُنہٕ یا قصاص     شرٛانہٕ رۄس لبہٕ نہٕ تس خلاص
کاٹٕژھا پانہٕ مارِ پیٚنہٕ نُے پان     مہ کرِن تَس نماز، کرِی نَس شرٛان
اَکِس قبرِ ضرٕورتہٕ کھٕنٛز تنَ     وۆڈرٕنگ جائیز یی چھُ سوخنَ
ستَن شہیدَن ہُندُے ثواب     اکھ چھُے یُس اکھ بوٚڈِ درآب
دۆیُم چھُ یُس اکھ مَرِ اَز تب     ترٛیٚیُم آو یُس چھُے مَرِ چہٕ سبب
ژۆرِم یُس کرِ ٹیٚڈِ خلل !     بیٚیہٕ یُس مَرِ دیوارس تَل
لوسہٕ زال بیٚنیہٕ یسہٕ گیہٕ مرِتھ     شہیدٕ سُند ثواب سُتہٕ گرٛژھِ ہیٚتھ
ساری چھ شہید کری نکھ شرٛان     نماز تہٕ تِمَن پیٚٹھ گژھ کران

# زکوات

بالغس عاقلس تہٕ آزادَس     آزادس نصاب آسہٕ پانس
حاجت اصلی کھوتہٕ آسہٕ زرَ     زکات شَرعَن واجِب کوٚر
لوکٹِس تہٕ کافرس تہٕ دیوانسَ     بیٚیہٕ یَس آسہٕ نہٕ کھیٚن پانَس
زکاتُچ نیّت دِنہٕ ساتےَ     کربا بکار یی عدساتےَ
ہٕنٛڈی تہٕ اوٗنٹ مأنٛش تہٕ گاو     آسَن ییٚلہٕ ژٕری زکات تھاو
آسَن وٚری یَس نِشہٕ ییٚلہٕ تَس     شیٚنے رہتہٕ ہیٚر کھیٚن ماٚدانَس

پانژن اوٗنٹن اکھ ہوٗنڈ آو
پندہن ترٛیٚ چھِی وُہن ژور
ژُوہری ییٚلہِ آسن شیٚیہ ترٛہ
اکہ ہاٗٹھ ییٚلہِ آسن ژوہری تتھ
جمع ییٚلہِ سپنَن اکہ نمتھ
اکِس ہتَس یِی آو تاوُہن
ترٛہن گاوَن اکھ وژھوٗ !
دُوہری زِ چھِی ژتبہن !
مانٛشہِ تہِ چھےٚ فرمان آو
ژتبہن ہُنڈِ اکھ ہُنڈے
اکھ ہتھ تہِ اکُوہ ییٚلہِ لگہِ تام
کینٛہہ ییٚلہِ دوٚن ہتن جاد گژھن
ژون ہتن ژور چھِی ییٚلہِ گے زیادٕ
گُرٕ تے گرے ییٚلہِ آسن ءسِتی
جنگلی گُرن بنیٚہِ صلعس
زِ ہتھ ژرِیَس آسہِ درہم
ژتجہِ درہم نصابہٕ کھوتہٕ ژوٚر
دُہ مِثقال یوٚد ژوٚر آسن
ترٛےٚ ہتھ ٹانکٕ چھِی ژےٚ ہتھ درہم

داہنِ اکھ ہوٗنڈ وارٕ کن تھاو
پَنزٕہن وونٹہ بچہ ہن اکھ ہور
ترٛوُوُہری ییٚلہِ آسن شیےٚ تاج
دُوٚوہری زِ ییٚلہِ شہ سُتتھ
ترٛوہری زِ چھِی زکوات تتھ
توٚ پتہٕ گوڈکی پاٹھی کُرن
یُس آسہِ ووتُمُت وارٕ شنو
اُمی پاٹھی حکم آو ژٕرےٚ اندفند
زکوات دِتھ ژٕ جنّت پراو
ہتَس تہِ وُہن تام حکم چھُپی
زٕ ہٹنڈی لازِم چھ دوٚن ہتن تام
ترٛےٚ دِزِ دوٚن ہتن تہِ نمتن
توٚ پتہٕ پرٛتھ ہتہٕ اکھ تھوٚ یاد
پرٛتھ اکِس دینار زرگژھ دِتھ
لبہٕ تہٕ زکواۃ دِیہٕ ہے تَس
پانژھ چھ زکواۃ نہٕ زیادٕ کم
گے ییٚلہِ اکھ تتھ مقرر کوٚر
اَڈ مِثقالا تتھ بَرن !
رائج بازار نرِ زیادٕ کم

گھنٛن پٔتہ بانَن نے زکوات واجِب چھ بوزِو از حضرت

## لبُن

لبہٕ کانٛہہ سون روپھ دار زمین خبرا چھےٚ تتھ عُشر آسُن
پانٔژِم حِصہٕ کر تتھ بیت المال ژٔوٛرِم حِصہٕ پانَس رٔٹھ حلال
لبکھ یوٚد کأفرَن منٛز گنٛج اکھ زمین آسہٕ غأر ملک سوٗرُے تژکھ
موٗختہٕ پٔتہ جواہر یِیِلہٕ نوٚبھ ہیٚنکھ زِ پٔتہ پانٔژِم حِصہٕ تتھ دیُت
ہنٛد وہنٛد خربُز بیٚیہٕ ترکأری ڈٔہِم حِصہٕ حاصِل دِیہٕ بیٚیہِ لار

## مصرف

عُشر پٔتہ زکوات دِزِ تِم نے نزٕ بَتہٕ پوشاکھ آسہٕ یِمنے
بُڈَس ضعیفَس اتھ ژٔٹِس قرض دار لایِق چھ اتھ ژٔٹِس
مکاتب بیٚیِہ آسہٕ مُسافر بیٚیِہ پیادیُس کرِ جنگ کأفِر
یوٚد نتہٕ عیٖز ساتہٕ ژاٹہٕ شُرہن زکوات دِیہٕ جأیِز چھُ یہ سوٗخَن

## رمضان

فرض چھےٚ رمضان روزٕ دَرن سارنے خلقن مرد تہٕ زَن
صُبحِ صادق پیٹھ شامس تاں کھیٚنٛن چیٚنٛن لگہِ نہٕ چھٔٹن...
نیّت پٔرتھ دوہہ فرض آو کرِنے روزٕ تسَ باقے تھاو

وَق تمیٖک شامہٕ پیٹھ اوٚڑ دوہ تام — تَوٕ پتہٕ نیت کرٕنی چھےٚ تمام

........ روغن یا دوا — روزٕ دارس لگہِ نہٕ تی رَوا

آبس اَندر ڈنگ دِیہٕ وقتِ حاجت — جائز چھُ جادٕ نِش روزٕن پتھ

اُٹھ زٕنی چھ جائز تم سُپھٹرِن — صوہٕ نِش ییلہٕ تم جائزِن

بار دار ییلہٕ کھوژِ اَتھ گژھہِ نس — دوہٕ ماج شُرکہٕ سے دوہ دِ نس

ماج ژاپہٕ شُرکہٕ ہندِ خاطر نان — حاجتہٕ وَقتےٚ جائز زان

نوٚن ژہہٕ زیوٚ ءِ ستی ژونز غلام — آگہٕ ہندِ خاطر چھُنہٕ حرام

بیٚنہِ آسہٕ ناتوان یا بیمار — بیٚنہِ یُس بُڈٕ آسہٕ عاجز خار

یوٚد کاڈہہٕ روزٕ نہٕ کھیاوِ فقیر — دوہٕ یہ وقتہٕ بتہٕ ہَن کرکھ سیر

.......... تم ژہبڑن — موقہٕ وزِ تم قضا کرن

قطرٕ گژِھ غُسلہٕ کرِ وِزِ کنَن — یا قطرٕ روٗدُک دَر دہن

گُمہٕ کے قطرا اَشہٕ کے آب — دَہنس ییلہِ گژھہِ چھُنہٕ ثواب

قےٚ ییہٕ ءِ ستی نزِ روزِ پھٹری — پھُٹہٕ تییلہِ سُے ییلہِ اُکتھ گوٚے

قےٚ نوٚن آسہٕ اَندرٕ یوٚن قلیتھ — روزٕ پھٹہٕ تمہٕ گژھہِ قضا کرتھ

کھیٚوُمُت دوہ تھس یا کرِ مسواک — تمہٕ ءِ ستی لبہٕ نہٕ پھٹنک باک

زَنانہٕ ...... ءِ ستی گو انزال — قضا چھُس کفارت لبہٕ مال

اَمی پاٹھی ییلہِ کرِ اَتھہٕ ءِ ستی کار — یا کرِ مَردس قضا چھُ وار

زَنانہٕ ژٕپانہٕ وأنی یوٚد میلَن — انزال سپنہِ قضا کرن

کھیٚنہٕ چیٚنیہ سَڑان پھُبڑ اُکھتھ — قَضا تہٕ کفارت گژھہِ تتھ دِتھ

کأنسہِ ڈیوٗنٹھ ژٔندرمانہٕ تَس　　قأضیٖ ہٕتہٕ حکم چھُس روزٕ دٕرتِس
کَیٛنہہ تہِ نہٕ تَس پیٚٹھ چھُے قضا　　کفارتھ لَبہٕ نہٕ تَس اَتھ جا !
کأنہہ آسہِ نَفلہٕ پأٹھی ییٚلہِ رُوزِدٲ　　تأفِی گوٚس کھیٚنہٕ ہیٚ پیٚٹھ اَکھ یار
کھیٚنُن چھُس ثواب قضا کرُن　　یارٕ سُنٛد اصل سُتہِ مَنٛز پھیرٕن
نیّت کأنہہ کرِ روزٕ پھُٹرِی　　کفارت کرِ نہٕ قضا کٔری

# کفارت

کفارَتھ چھ زٕ رٕ بَتھ روزٕ تھاوُکھ　　یا شیٚٹھ آدمی بَتہٕ کھیٚاوِکھ
یا اکھ غلام کرِ آزاد　　یِی تھاوِ حکمی شرعُک یاد
ییٚتِ سپھرِ کھیٚنیہِ کأنہہ اَتھ رٔتیٚس　　اکھ چھَے کفارت سارِی تَس
دوٚن رٔتَن ییٚلہِ کھیٚنیہِ تَتھ جدا　　پرٛتھ اَکِس کفارَت چھَے جدا
بَندِس پَزِ تٕرٕیٚ بندٕ دِیہِ آزاد　　تَس چھَے روزَے دَرٕ ئِنچ راہ

# اعتکاف

اعتکاف سنّت آو مَردن　　ڈأڈ کٔر ہمیشہِ تِمو نبیؐ ین
روزٕ ہٕتہٕ نیّت چھِ لأزِم تتھ　　بِہنٕ مسجدِ چھَے برکت
وطی تہٕ بوٚسہٕ تھَپھ کرُن　　لبنٕ جأیِز نیٚبر نیرُن
عُذرٕ روٚس اکِہ ساتہٕ نیرُن چھُہ بَد　　صاحبو اکثر روزٕ تھاوِ حد
بِہنُن زَنانَن گرِس اندر　　نیٚبرٕ نیرُن چھُے ضرر

منز باگ خفتنس تہٕ وِترس آو — تراوِیح پَتہٕ تہٕ جائز تھاو
کینژھا تراوِیح گژھہ آسِھے — وِترِ کرِ با امام سۍ پتے
تنہا تراوِیح کر آدا — بیٚنہِ کرِ جماعت چھےٚ رَوا
رُت چھےٚ رمضان کھیٚنہِ سحر — کھیٚیِن با کینژھا ازخشک وِتر
کاہنہ تژہمِہ شعبان ڈیشن ماہ — اَدِ چھےٚ رمضانک پتاہ
ابرس پان ہوو ییٚلہِ ژندرَن — ڈیشہ ماتس غلام یا ژونزن
گواہ دون تھاونک قی قبول — یُتھ ہیوٚ دِیان آو رسولؐ
نب ییٚلہِ صاف آسِہ شہرس اندر — بوزَن ییٚلہِ یژِ لکھ دِن خبر
غیر ہُنِد ژندر ییٚلہِ لکھ وُچھن — تتھ گواہ ز مَرد بیٚنہِ پیر زَن
بلکہِ ز زنہ اکھ مَردا! — بوزنک سپنن ییٚلہِ گواہ
ڈیوٚنٹھ کانسہِ حاکم کرِتس رَد — روزے درتس سے کرِ کوڈ

## حج

حج چھےٚ فرض حق مُسلمانس — بالغس تہٕ کاملس تہٕ آزادس
وَ تہٕ خرچ ییٚس آسِہ ساری سان — آسِہ نہ غلام نہ زَن دیوان
حاجس چھ سنت گنڈِ احرام — طہارت تہٕ غسلاہ کرِ تمام
شُو نہ رُوستے ولِہ ژادر — خوشبوۓ مُلتھ نفلاہ کر
مدینہ کِس ذوالحلیفہ گنڈنیچ جا — شامین کرنس چھےٚ رَوا
یلملم چھ یُس آسِہ از یمن — مکروٗہ سومتہ ییتی ولِہ تَن

موزٕ تَے ٹوپی بیٚیہِ دَستار　　منٛزول، بیٚیہِ نَم کاسہٕ خوار
احرام گنٛڈِتھ مکروٗہ ژار　　مارن، جنگ، فرمانہٕ بیٚیہِ شکار
زنٛ کرِ حج　　محرم تَس　　حِجہِ چی وَتہِ سوٗے ءِستی ئکِنس
مول آسہِ محتاج گژھِ پسر　　تَسَ تژاٗوِتھ چھُے تس بَدتر
خوش روٗے دارِ روٗس آسہِ پسر　　جائیز چھُ منع تَس کرِ پدر

## طواف

طواف چھُ تیٚرے نوع گے معلوم　　وداع رکن ہتہ بیٚیہِ کدوم
طواف تریہِ پھِرِ کرِ سُے زِلوٗٹھ　　پٕڑ ستھ کُنہِ اندٕوے کس کرِ لوٗٹھ
کوٗہِ عرفاتہٕ ییٚلہِ پھیرِتھ وژاو　　کعبس کرِ ستھ طواف آو
معصبہٕ نِش ییٚلہِ گو نیرِتھ　　طَوافا پٕزِ تس دیہِ پھیرِتھ
وٕ دنی چینیہِ بیٚیہِ آبِ زَمزم　　میوٗ سٹاہ دِتھ تتہٕ گژھِ ملزم
کعبَے نِش پَتھ گژھِ نیرِتھ　　دوٗر تام تو رکن وُچھ پھیرِتھ

## نکاح

مائل اے آسی نیتھِر کرَ　　تِمہ کی احکام سائری پرَ
نِکاح وِزِ ہٕے گواہ آو　　یا ہٕے زَنانہٕ اکھ مَرد تھاو
ماجِہ، وٕہٕ ماجے خواہر تام　　مَردس پیٹھ چھَے سارِ حرام
بینہِ تہٕ بیٚنٛز تہٕ بیٚیہِ وۄرماج　　وۄز ہٕے ماس پوپھ بیٚیہِ فوٗدماج

دۄد بٮ۪نہٕ باوزٕ زَن پٔہ — زٔرے بٮ۪نہٕ اکہٕ وَتہٕ نان بَد تر

کاںٛہہ کرٕ کاںٛسہٕ زنہٕ سیتیٕ زِنا — نیتھٕر تس کٔرٕ ماج چھہ رَوا

کاںٛفرٕ دۄیو باںٛژو ایمان اُن — تَبنہٕ بِنکھےٚ نۄد کَرٕن

بالغ گۄو زِیٚیلہٕ منگہٕ اِقرار — ژھۄپہٕ دپ لاگہ ہے تتہٕ چھُے کار

مَرد دَپہٕ زنانہٕ سیٚین میانی زَن — دَپہٕ نَس سَینس مَہ تھوٲ تھ کَن

یۄد دپہٕ قبوٗل کرے چون جان — دۄن تھی دپہٕ تی دُرس اَدمان

کاںٛہہ دپہٕ کۄرے تَبنہٕ ہنچوٗس — دِتھےٚ تو رٕ دَپہٕ مے وِزس

رَوا چھُنہٕ یُتھ جواب وسوال — دۄن تھی دپہٕ تی چھُس حال

ییٚکھٕن یۄد کاغذس ایجاب قبوٗل — تقریر سپہٕ نہٕ چھُے تہٕ قبوٗل

نیتھرس ذاںٛژ ذات چھےٚ بیہتر — نسب تہٕ حسبی اے پسر

اجازت ژۄنِز تہٕ غلامس — نِکھےٚ آسہٕ دپہٕ اَدٕ کرٕ تس!

مصر چھُے داہ ساس شرعن ہٕ کم — بیٚنہٕ چھُے حساب داہ دِرہم

اکہٕ کھۄتہٕ زنانہٕ آسَن اکژ — دِکھ بَتہٕ پوشاک برابر

زنانہٕ اکہٕ مردس پان دِتو — خبر چھےٚنہٕ غلام وۄرُد چھُو

تو پتہٕ زون تمہ چھُ یہٕ غلام — چھُنہٕ ژٹنُک اختیار عام

وٕ بس چھُ اختیار گَنڈٕ ژٹنس — تس کم ذاتس سٕہ موکلاونس

گو نا بالغ چھنہٕ والی — کٲم کَرٕ پادشاہ یا قاضی

کرِ کاںٛہہ بیگانہٕ لو کھےٚ گار — بڈتھ تس پھرنس چھُے اِختیار

زنانہٕ ژور چیز چھےٚنہٕ رَوا — ع۱ ..........

---

ع۱ نسخہ پیٹھ چھنہٕ یم لفظ دۄ تھان

روخصتہ روّس بیٚنیہِ نیر نبر — کرَنے نماز چھےٚ بدتر
امی پاٹھۍ جائز آو طلاق — یوٚد گژھہ پاٗدٕ دون نِفاق
مانے تمنگُ گو آستھ تژاوُن — وٚلی یہِ بڑو ٹھہ طلاق چھےٚ احسن
سیٚ طلاق اکہ کیتھ بدعت زان — سیٚ طلاق تژینیہِ پاسہ آوے جان
ژ چھی طلاق صریح چھُ اکھ — ڈیُت مے طلاق ژےٚ بیٚشک
یاتے نکاح روزِ نہ باق — رجعی ڈٲپی یکھ اکھ طلاق
حاجت نِکھک لبنہِ تتھ — تتھ عدٕ تَس منٔز کرتَس کتھ
بیٚنیہِ چھےٚ کنایہ یُتھ ہیو زان — ظاہر اَنتو بر زبان
دپہ سُے زنانہِ عدت ہی — یا دَپہ یِشکھ کرِ خالی
یا دَپہ مے نشِہ گژھ جُدا — یا دپہ حرام چھُکھ بر ما
یا دَپہ جُدا ژ گرمکھ جبل — یا دَپہ ......... ہاژن میل
یا دَپہ بیزار چھُکھ از مَن — یا دپہ بیگاہ رونا کر
نیت کرتے واہ پیٚنیس — زنان تمہِ ساتہ بیگانہ چھس
طلاق پیٚنہ نُے کر — دپہ تے تہ کینہ چھُنہ تتھ اثر
سیٚ طلاق یَس پیٚنیہِ بعد عدت — رونا بیا کھےٚ کرُن چھُ تتھ
سُہ تے تژاوہ یَس بعد مدّت — جائز گوڈ کُس یلہِ وی کتھ
مرد کرِ قسما یُتھ ہیو کہ مَن — ژور ریٚتی کرِ ژ بوز وٚلی زن
کرِنے تہ طلاق بیٚنیہِ تس اکھ — کرِ تہ قسمس چھُ کفارتھ
طلاق نیہ زنان کُن لاگے — دینہ رچھ طلاق بحال چھےٚ

مَرد دَیہ زنانہ ژٕ چھِہم
ماْج ہِش ، بیٚنہٕ ہِش تھٕر شکم

عامے آسہ تہٕ طلاق چھُ تس
کفارت ظہار باخبر سس

کفارت چھ اکھ بَنٛدہ کر آزاد
یا دوٚن رٮ۪تَن روزٕ سَتھوِ یاد

یا شیٹھ مِسکین کر یکھ سیر
یا د تھو مٔلہ تہٕ آسی خیر

لاتڑھ گژھ کاتُڑھا ہائم تس
مہلت دی نس نَتہٕ ژٕہرس

بنہٕ نے کیٚنہہ تس جُدٲی کرن
جُدٲیہ یوٚدنے رأضہ گژھن

بالس تہٕ یوٚہے فرمان آو
ساٗری ہے ژٕہرس مہلتا ستھاو

ژھیُن مُت کاٗنسہٕ آسہ تسرِ ذکر
تمہ ساتہٕ رُت چھےٚ جُدٲی کر

وطی یہ بڑوٚنہہ چھُنہٕ زنانہٕ عدت
ییٚلہِ زنانہٕ تیٚلہِ چھِس نیرٕنۍ وَتھ

ہرسوے وطی بڑوٚنہہ یو دحیض آو
ترٛیٚیہِ رٮ۪تی یِس نہٕ لگہٕ حیض تس آو

ژور رٮ۪تھ داہ دوہ رون مرنس
امہ کے آڈ چھےٚ کیٚنز تس

بار دار ییٚلہِ پزسہ رون گرن
ییٚمہِ ساتہٕ خوش یِیہ نِکاح پرٕن

طلاق سِتی ییٚلہِ گے زن جدا
آسہ تس لوکٹُ شُر پیدا

یو تہٕ ماْج ژرِنزے ژٕرِستھ آے
رون ییٚلہِ مرتس قبر رٕتہٕ جاے

ژنان عدتس منز آسے
گہٕنٛج پانٛچ پہر کاسے !

سَتہٕ نے ژوٗرِیَن رچھ پسر
حیفس تامتھ رَچھ دُختر

رچھنُک حق چھُنہٕ اُم ولدس
واتہٕ نہٕ رَچھنُک تکلیف تس

# نفقہ

نفقہٕ چھُنہٕ واجب برِ عیال — فقیرس تہٕ سادس یُتھ آسہِ حال
زنان یوٗس نے مانہٕ رأنِس — بَتہٕ تہٕ پوٗشاک نیٛرِ دیہِ تَس
روٗن آسہِ گدا وزموی ژوٗٹ — قاضی سُند حکم اَدِ پِنی روٗٹ
ییٛلہِ گژھ پأدِ تَس ہین پھِرتھ — دَیہِ نے تہٕ حأکمس دَیہِ نیٛرتھ
بتہٕ تہٕ پوٗشاک بأژن دِی — ژوٗنیٛرِ تہٕ غُلام منگہِ نے چھے
پوٗکٹِن تہٕ رٔنِن تہٕ معذوٗرَن — بڈِین تہٕ عألِمن تہٕ بێنہِ پیٛرَن
موٗل تہٕ موج تہٕ نأنی بڈِ بَب — لایق چھِ نفقس از حکم ربّ
مَردکرِ زنانِ ہأژِ زِنا ! — سوٗے دَیہِ اَتھ بیٛنٹھ ان گواہ
واجب چھُ مردس بعان ستھاو — کرِتھ قادٕ تَس کرَنے آو
یاکرِ اَپزیوٗر بتہٕ نُے پان — اَدِ پیٛزِ حَد دِیُن تَس عَیان
یاکر لعان تہٕ اَدِ شوٗہر — ژرِ پھِر دِیُن زِ اَتھ اندر
پرو بہہ نُم تہٕ پأنژم سُہ — دُپن بالعنت تَس پیٛنٹھ چھُ
توٗ بتہٕ ژورِ پھِر دیہِ سوٗے زَن — خدا زانہِ اَپُز دوٗپ مَردن
پأنژم دَیہِ خدأیِ سے غضب — کرِن، یوٗد پیٛزِ تی مُژر موٗلَب
یُتھ ییٛلہِ دیکھ چھُنہٕ لأزِم — جائیز نِکھے کَرَن تِم !
مَرد دَیہِ زنانہِ چھُنہٕ میوٗن شُر — قاضی زنانہِ سِئُے پُتشَر
توٗ بتہٕ امہِ نِش یوٗد نے پھیرو — حَد تَس دی نس نکاح ہبیرنیرو
دَیے زِ حَمل چھُے اَز زنا — تَتھ اندر لعَان چھُے رَوا

زنانہٕ زٕشٕری زاپہٕ یچھ !
رون دپہٕ گوڈٕکے چھےٚ اَز ما

نسب دوہ شوٗنی گژھہ ثابت
لیکن حدِ شرعی نیری تتھ

ہنگہٕ منگہٕ دوٚی مِس منکر گوٚو
نسب تہٕ ثابت لعان پیوٚ

نزاع گوٚو ہنگہٕ منگہٕ دوٚن باَتھن
جائیز چھُ یوٚدوے صلح کرن

مَرد تراوِ زنانہٕ بَدل اَز زَر
طلاقِ باین پیٚھ اَثر

آسے مردِ سِندی گنٛہ گوناہ
زنانہٕ ہے ہےٚ ین بے گوناہ

ہنگہٕ منگہٕ اکھ اَکِس حق بخشن
توٚ ستی پانہٕ وآنی دوٗر گژھن

مَرد دپہٕ صلح کوٚر میے بازن
زنان دَپہٕ اَنِزٕ دوٚپ مَردن

اِقرارٕ ستی پیوٚ طلاق
نِکاح تِمنے روزِ نہٕ باق

زَناں دَپہٕ مُلہ ہےمی نِش پان
مرد دَپہٕ ہیٚوت میے ژ یے میے پان

مَرد دَپہٕ 'میے کنہٕ' پیوٚ طلاق
امِہ دَپنہٕ نزٕ نکاح روزِ باق

کینہہ موہر دِتی ہتی آسہٕ مَردن
لگِہ نزٕ پھیر تھ ہنیہٕ تی زَن

دَپہٕ زن' سیر گوکھ ژٕ میے نِتے'
مُلہ ہیٚوت پان پنُن میے ژیے نِتے

گوکھا راضی؟ توٚرٕ دپہٕ راضی گوس'
امِہ دَپنہٕ ستی طلاق پیوٚس

ترٛے زنانہٕ آسَن اَکِس مَردس
نصف شبہٕ ترٛلیش اَنہٕ اکھ مَردس

دوٚپ نَس گٔرمکھ جُدا ژٕرے
تَس چھُنہٕ مولوم کُس سِمت چھُ

سوٗرے امِہ تِشہٕ انہٕ انکار
فِکر گٔرتھ اکایمو اَندرٕ ژار

ژور رہتھ ژور دوہ رون مرنَس
اَمہ کُے اڈ چھُے کینز کِس

وطی پتہٕ حرمُے ترٛیے حیض آو
ترٛیٚ رہتھ غیر حایضس کُن تھاوٗ

تژرے ربتھ پژارن اُم ولدس — مدّت پژی پائٹھ رون مرنس

بار دارِ مدّت پرسنس تاں — وٹھی منز کرنس نفاس ساں

## آزادی

عاقل بالغ تہٕ بنیہ آزاد — بند کرِ آزاد تہٕ گژھ آزاد

آزاد چھکھ یا آزاد چھُ — دپہ کانہہ تہٕ بند آزاد چھُ

دَپہ کانہہ یی بند چھُم پسر — یا دپہ یی میوٗن چھُ پدر !

یا دپہ مولاگو آزاد ! — بند گیہ نِشس سُے سینی شاد

دپہ ہے سُہ باپہ ییی پِسر — نیرِ نہٕ امہِ دَپنے نبر

مُلکس آزادی اندر — تابع چھ ماجے کورِ پسر

تابع چھ مائِلس دَر نسب — یا آسہ عالِم یا حسب

مدّبر سُے گو، یَس مولا — دپہ زِ مرِتھ ژِ چھکھ رِہا

مول ییلہِ مرِ ام ولد — آزاد سپنے لبہ نہٕ بد

## قسم

قسما ییلہِ کانہہ کرِ ئتی مو — یتھ ہیوٗ کارا نِز کوٚر مو !

اپزُے تہٕ توبہ کرُن — عمرس امہِ کُے ناو کوٗرُن

گمانہٕ قسمے کر چھُنہ زریوٚد — آسہ نہٕ بخشن چھُس اُمیدّ

گُف چھُے یمہٕ نے قسمَن ناو — کیتھے کیتھ یم نے کَن تھاو

بڑونٹھم قسماہ کرِ کانٛہہ کار
کرِ نَتہٕ کفارت چھَس درکار

معتقد ہمیشہٕ ناو آوِ تس
یُتھ ہیو قسما نزِ کرِ کَس

کفارت قسمچ اکھ بندٕ
کریا آزاد دارندٕ !

یا کرِ دَہن سترِ عورت
یا تھو روزٕ ترہ دوہ نیّت

وارے کرن یوٚدسے مارُن
کفارت تِہے درٕے کرن

دَپہٕ زِ حرام چھُے حلال
کوٚر مئے یُتھے کرِ سئے حلال

تِمہ ساتہٕ طلاق بایں پیوس
انشاء اللہ پرِ نزِ گونٛہہ گوس

میہو بو کھیمہٕ تہٕ پیوس قسم
داں لارِ نزِ دچھنہٕ کینہٕ چھُنہٕ غم

ناتموریش ہرگز کھیمہٕ نہٕ زانٛہہ
نون تیٖل سرگہٕ ناہٕ ٹھوٚل چھیس واہ

میٖترِ بیٹھ بیٖہنہٕ ییٖلہٕ کرِ گَتھ
وگو ہٕ ژائنِج رَواچھ تَتھ

بہٕ اُمِس شرِس ستی کرنہٕ کَتھ
بڈِتھ کر، نتہٕ قسم چھُ تَتھ

بیگانہٕ مردس ییٖلہٕ میلہٕ زن
وطی کر زنا تَتھ دَپن

ژور چھُے گواہ تَتھ درکار
پژ ژھنس تامَتھ لاینس پژار

گوٲہی دِان تِمے زِ ڈیوٹھ اسہٕ ہو
تُل یتھ سوٗرمہ سنجہ اندر چھُ

آسے بازرِ گژ اکھ سنگسارٕ تَس
مٲدان وٲلِتھ وارٕ کرِنس

آسن محض تازیانہٕ ہتھ
دینَس سوٗے چھُے پزیج وَتھ

کُن ڈیٖن گوڈ فرماو گوس
دِپہٕ نے حد گژھہ باطِل تَس

بارٕ دار ییٖلہٕ آسہٕ زناکار
پژ سنَس تامَتھ لاینس پژار

لواطن تعزیر چھُ از امام
صاحبینن نِش چھُس نام

کینژو دوٚپ ژھنہٕ نس ہیٚژھ دلوار     کینژو دوٚپ کرِ نسَ قاد تہٕ خارٕ

شرابسَ تازیانہ گژھہِ دِتھ شیٖٹھ     غلامس ژٕنجہِ گژھہَ با دِتھ

مَست گژھِ تمی زٕ تریٚے زانَ     وتہٕ ہیٚٹھ مَرد چھُ یہِ گنٕی زن

حَدیوٚد دیوس شیٖٹھ دُرٕ دژایی     اِقرار کرِ یا شاہد وَرٲئی

فاسِق خبیث ییٚلہِ ژورہ     دِیہِ کانٛہہ کٲنسے دِس دُرٕہ

فاجر دیوٗس یا قلنبان     منافق خانَ قحبہ زَنان

ہوں تہٕ ناوان ........     ..............

عٲلمس سیّدس ییلہِ دِین     تسَ چھُے وٲجب تعزیرٕ ڈیُن

تعزیر چھُ تازٕنی گوٚبہِ تاجہ     عقل چھِ تریٚیہِ پھرِ تازیانہ

زنان دژاے نبرے نے رخصت     رٕنٛی شُند لایُن چھُ وٲجب تَتھ

نماز تہٕ غسل نے کرِ زَن     جٲیزِ چھُ رٕنِس تسَ لایُن

ژورِ نوعہ تعزیر تھَو باکل     اشراف اشراف وسط ارزل

تعزیرٕ اشرف زاں     ایماعٕ ستی گژھہَ دَپاں

دَپہِ نکھ حٲکِم پزِ ہنٛہ ییی     توٚہہ ............

اوسط چھُ سیّاہ تہٕ سوداگار     حٲکِم کرِ نکھ قاد تہٕ خار

اَرزل تِم لُکھ بازٲری     لٲیِنکھ رُٹی نکھ با خوٲری

بَدنٲمی ہشریٚتہِ آسہِ جاے     تتھ جایہِ بیٚہنَس واہ پاٹھی لاے

ییٚمی یوے امامس وول دَستار     تعزیر چھُ لٲزِم لاے بسیار

ژورگو زِیُس نیہ مومنس مال     دَہنٛے ساسَن لبہ وو بال

ژٕتھ ڈچھنے اَتھ ژٹ تس — تیلہِ ستی تو پتہٕ داغ کرنس
زنان رون نیہ رأنس زن — یا نیہ مصحف یا کفن
یا نیہ آغہٕ سُند اکھ غولام — اَتھ تس ژٹہٕ نٕے آو حرام
آبنوس زبر جد موخۍ چوب شال — نیہ تے اَتھ تس تھاو بحال
گاہہ تہٕ گاڈ تہٕ شکار تہٕ نر — مرغ تہٕ زرینۍ بیٚیہِ چوب تر
طبل تہٕ بربط تہٕ بیٚیہِ شراب — شُرکہ سُند زیور بیٚیہِ چوپنہٕ آب
نیہ یٚیلہِ لگہِ نہٕ زاہ اَتھ ژٹنس — بیٚیہِ یٚیلہِ ژور دیہ میون مالس
کأنسہِ ہُند مال یٚیلہِ نیہِ رہزن — حکم چھُہ اَتھ کھوٚر تس ژٹن
کانژھاہ کأنسے ناحقہٕ مور — قأتِل مارُن کھوٚت تس بور
کانژھاہ کأنسہِ ہُند گرِ ژورِ ژاو — مالہِ کن لوٚے نس مار نہٕ آو
نزِ کنہ دیُت نس تس پیٹھ آو — امہِ پأٹھی کانہہ یٚیلہِ زرِ نہٕ ہس آو[1]
کانژھاہ یٚیلہِ نیہِ بیتُ المال — حد تس دنٕے لبہِ نہٕ حال

## غضب تہٕ غارتھ

لوٚٹہٕ نیہ لوٚٹرا اکھ غولام — منکر سپناو تہٕ ثأبت گو تام
مول دیُت نس تہٕ مأیک گویا دا — برابر مول آس چھُنہٕ دوا
مأیلکن مٕلی نیو یوٚد با قسم! — مأیل کس چھُہ اختیار فی آندم
یا تھاوِ بحال تتھ عقدس — یا تتے ماہے پھیر تتھ دیہ تس

---

[1] اَتھ شعرس پیٹھ وأتتھ چھُہ قلمی نسخہ شیخ اندوا تان تہٕ باقے شعر چھِ ریسرچ لائبریری ہندِ نُسخہ پیٹھٕ نقل یوان کرنہٕ۔

کاٹھہ بنیہ گاوا نِش بچن    ضائمن سپینہِ نہ منٗز سٹھاوکن

## کارزار

جنگ چھُے فرضِ عین با کُفار    مَرد تہٕ زنانہٕ غلام چھِ کار
کاُفر اَیِلہٕ نہٕ اَنِہ اسلام    جُزیہ منگنُک کر پیغام
دِیہِ نہٕ جُزیہ تَس لائُن    موٗٹ تہٕ مار تہٕ نیال گالُن
غلام تہٕ ژوٗنٹ چھی تِہندی اَولاد    چاروٲے سارٕی دِکھ برٔباد
چاروٲے یم نہٕ ین دَرکار    سارٕی سوٗمبرِتھ گنڈِکھ نار
ین نہٕ زالہٕ نہٕ ژھنٛو میٚنٛژِ تَل    جنگہٕ نشہِ کاُفرن ہندِ منٛز ڈل

## مالِ غنیمت

غنیمتس ترٛےٚ حِصہ کر بیشک    سوارس ز سٹھاو پیادس اکھ
زَنانہٕ تہٕ غلام شُرِ ییلہِ ین    مَددس، رُت چھُکھ کینٛژھا ین
بنیہ ییلہِ کاُفر مالِ مُسلِم    مالِک سینٛن مالس رَتم
کاُفر اَیِلہِ یِیہ شہر اِسلام    مُہلتھ دِتَس وُہرس تام
روٗزی تہٕ جُزیہ منگُن تَس    تِمہ جایہ نیرِتھ منٛز دی نَس

## قیدی

قیدیَن ترٛےٚ چیز اختیار چھُے    مارُن غلام کرِ یا ذِمے

تسِیُنے مُسلِم اَدِ موکلیو  تزشوے چیز ونسِ خلاص گو

## جزیہ

ذمی یاہ موحتاج کاسب حال  اوٚر آسہِ زوٚر ازنصف سال
وُہرس تس ہیے باہ درِھم  ساٗوس اَرتاجر نزِ کم
کاٗفرِیس نہٕ آسہِ غریب تہٕ سوو  ژہ دٕہے دِرھم جُزیہِ شہ دیوو
کاٗفِر حربس جزیہِ نزِ آو  تھندِس مارنس کُن کل تھاو
فقیر تہٕ اوٚن تہٕ شُر بیٚیہِ زنَ  راٗنی ہندی یا گٹھِن ہہ دین تنَ
ہنگہ منگہ اکھاہ منزِ وُہرس موٗد  جُزئیک باقیات نزِ تسَ رُوٗد
دارِ اسلامَس چھُنہٕ رَوا  کاٗفراہ بُت خانہٕ کرِ بِنا
سِلاح تہٕ گرِ چھُنہٕ رَوا تسَ  لباس نیکہٕ سُند ہیوٚ گنڈُنس
خراج تہٕ جُزیہِ بیٚیہِ حاصِل  مومِنَن ہنٛز کامہِ نِش کرِ واصِل
مُفتیس عالمس قاضیس شہ  سیدس شاٗئنِس تی حق چھُہ
پھیر دینہٕ اسلامہ نِشِ مُرتد  مارُن واجب چھے تسَ حد
جما سپھا پھیر ٹھ گیہ راجس  صُلحک یا گام گوڈ کرِ تسَ
صُلح نے کرن تہٕ کرنک جنگ  مغلوٗب ییلہِ گے آے تنگ
شُر مُر سپہ نہٕ نہٕ غلام زاہ  ماٗلیس باٗژن نزِ کرِ داہ
پھیرِ ییلہِ تمہِ نِش گے تم شاد  غمہ نشہِ ہمہ نِشہ گے آزاد
حرَبیَن باغین گرِ تہٕ سُلاج  کننز تہٕ ہرگز چھُنہٕ صلاح

## عُشر تہٕ خراج

عُشرے چھ سارے زمین عرب     بیٚیہِ یُس شہر رٕٹہٕ از غضب
غیر ملک کائنٔسہِ آباد کوٚر !     عشری ہندی پائٹھ حاصِل بوز
خراج اڈ ہیٚیہِ جاگیر دار     آفت مجُرا چھُس دیُن کار
رعیت، بیۄ سٕٹھے تھاوِ زمین     خراج تاواں تس ہے ہین

## لَبُن

شُر یٚلہِ وَتہٕ پیٚٹھ ژٕے لوٚبُتھ     ہیم آسہِ مرنُک ژٕے روٚچھُتھ
لُبتھ آزاد ییٚلہِ آسی     بیتُ المالہٕ خوراک کھیٚیہِ کھاسی
دعوا کرِ کانٔہہ زِ چھُم پسر     گواہ روٚس تہندُے نچُوے کر
کرِ کانٔہہ دعوا زِ چھُم بَندٕ     گواہ ہٕرے پزِ تس دارندٕ
آسے پیومُت کینہٕ ژھامال     مالک ژھانڈُن گژھہ کینوٚنژ کال
لَبہٕ ہٕ تہٕ لایق چھُ خارا تَس     فقیرے آسہِ تہٕ کھیٚیہِ پانَس
غلُام تہٕ کھیچُر گرُ یا گَب     روومُت ییٚلہِ اکی آدمن لَب
قاضی سند حکمہ ییٚلہِ گاہے دِکھ     مالِکس تمہ کے مول ہیک
قاضی ہُند حکمہ روٚس چھُنہٕ منگُن     مول امہ کھینہٕ کے یوٚد آسہِ سوٚن
ژور دوہ ژور شب ییٚلہِ غولام     رٕٹہِ ہَن کانٔسہِ ہُند ہٚنیس انعام
ژتجہ دِرہَم تی چھُکھ داب     آسے زیادٕ کم کرِ حساب
روٚٹمُت نشہٕ ییٚلہِ آسہِ بندٕ     گواہی تھاوِن گیرِ ندٕ

اَتھ پیٹھ زِ ماٗلکس پُتشرہٕ ییٖ | تاوان چھُنہٕ زِ ماٗلکس دِی
تِم ترٛےٚ ہنٛگہٕ منٛگہٕ گواہ تھاوِن | پزٕ تَس ماٗلکس تاواں دِٛیُن

## غاٗب گژھُن

مَردا ہنٛگہٕ منٛگہٕ گو معدوٗم | زندگی تہٕ مَرنٕے چھُنہٕ معلوٗم
حاکِمس چھُ واجب اَکھ دانا | گاٹُل صالح کرِ پیدا
مِٹہٕ کرِ غاٗیبہِ سُند تَس مال | ڈیٖپنس زِ پرٛتھ جاےٚ مال تہٕ مال تھٲنٛد پال
زنانہٕ تہٕ شُرن نفقا دِٛیُن | پزِ، نزِ دون منٛز جُدأیِ کرُن
واٗنس ییلہٕ واتہٕ تس نو ساله | جُدأیے چھ جاٗیز تِمہ ساتہٕ

## شرکت

شِرکت چھ دون منٛز زٕورِ طرٛزٕ | بوز تِم زٕ شوٚے کرِ عَرضہٕ
اَکھ چھُ زِ شرکتِ مُلکی زان | یُتھ ہیوٚ ارتھ پاٹھو آسہٕ آسان
یا اُکس چیٖزس دیار گانٛکھ | چھُنہٕ تِم اَکھ اَکِ سٕندی ماٗلکھ
دوٚیِمہٕ شرکت مفوٗض زان | زٕ زٕنی پی کتھ کتھ گٔمہٕ کران
شریک چھ ماٗلس زٕورآسہٕ کم | نفع چھُ اَڈو اَڈ اسہٕ باجم
یِم چھی وکیل یکدیگر | نفع تہٕ تاوان چھُکھ بَرٕسَر
شریک سپنہٕ نہٕ بَندہٕ آزاد | لوکُٹ تہٕ بالغ تہٕ تھوٚو یاد
کاٗفر تہٕ موٚمن چھُنہٕ روٚا | شریک آسُن در یک جا

بیٛنیہِ چھےٚ شرکت عیاں بوز　　تمہ کس ژھکس کن دِتھ روز
نفع تِہمن آسہِ برابر　　مال ژوٚر کأنسہِ آسہِ کأنسہِ کم تر
یا تہِ برابر آسکھ مال　　نفعک کم و زیادٕ آسکھ حال
پزٕ سۃ اکھ چھُ اکھ اَکُس وکیل　　تا ونس پانہٕ وأنی چھ کفیل
ژوٚرِم شرکت صانع زان　　جائز چھُ آسنۍ لُوکھ کران
شُری زٕ رنگرزٕ کرن شرکت　　دوٚشوٕے پزٕ ہیش گنڈٕ نی کتھ
پی زیوٕن ٹی آسہِ شرکت　　مددگار آسن اَکھ ہے اکھ
جائز شرکت چھےٚنہٕ زیٛن ژٹنس　　گلسے لوٚہٕ نس شِکار رٹنس

## وقف

وقف کرِ کانٕہ زمین تہٕ مال　　رأضی یِیہٕ سیٚنی حق تعال
نفع خأرات کرِ تمام　　دِپہ سٕے کوٚرمۍ وقف عوام
توٚرِ تہٕ لیٛنزٕ خرٕ کھچر　　مصحف کتاب تہٕ زمین کر
خانہٕ تہٕ ٹونگرٕ بیٛنیہِ سرا　　وقف کرِ سأرِ ہے چھےٚ روا
وقف کرِ زمین تہٕ حاصِل تتھ　　حِصہ حِصہ مُعین کرِ زٕ اَتھ
فقیرن تہٕ آلن اولادن　　تتھ اندر برابر چھ مَرد تہٕ زن

## ہبہ

کأنسہِ بخش کینٕہ ژھانکس گوٚبرس　　یا تہِ پیترِ یُس واتہِ تس

تژے دوہہ جائز چھے اختیار | تو پتہ اختیار چھنہ بکار

ڈیشہ روستے کائنسہ مال ہوت | ڈیشتھ جائز چھ پھیرتھ دیت

بالیغس لبہ نہ پی اختیار | پھیر ہے نہ دپہ ہی کرہ نہ کار

سائرتھ بوے ہیتھ کنہ ہیہ اون | جائز چھُ ملی ہینون بیئہ کنن

غلامس عاب چھے بوے دہال | ژور تہ ژلن بینیہ آسہ ودان

فرشس پیشاب وگرے وال | گنڈ بغلے متن بدحال

ژونز چھ زچیفے لگہ نہ زاہ | کافر سینن وچھس پوڈ داہ

کائنسے کائنسہ نش جامہ ہیوتن | رنگ کورنس یا نہ تہ چھوٹن

تو پتہ عاب تتھ گژھ پیدا | کینژھا کم کر در بہا

پزنز جامہ پھیرتھ ہیون | دوہ تی مشتری راضی سپن

شراب سور آزاد ام ولد | کنن مدبر ہندی پاٹھی چھ بد

ژلہ ون جانور، گاڈ در آب | بہ منز دود کنن چھ نز داب

صدفس منز در، مون پیٹھ تھر | زنانہ ہند دود تہ مانچھ تلر

سور ہنز مون تہ آدم وال | مدگن کامہ تہ چھے وہ بال

بخشن یتیمس تہ ولین نیو | یا کائنسہ اشناوس تہ جائز چھے

قرضک مال کائنسہ کائسے ژوو | قبضہ تے کرنہ تہ جائز تھو

بخشہ کانہہ کینژھا بیگانس | شرط آو قبضے کرونے وتس

تبرع کر یادیہ خائر اتھ | سادس فقیرس چھے برکات

جاماہ تالک کائنہ بخشو | سپنہ نہ مالک یا نہ کڈ شہ

قابلِ قِسمت چیز مُشترک — بخشنٕہ تہٕ تِمہٕ کِس بخشنس چھُ شک
قرضے بخشنہٕ کانٛہہ قرض دارس — قبوٗل تی کرِ نٕہ واقی تس
مرض موتس بخشنچ کتھ — کرِ کونہ تزیہے حِصہٕ واتہٕ تتھ

## خرید فروخت

کُنُن تہٕ مُلہٕ ہیوٚن چھےٚ روا — ہیوٚن دِیُن ییلہٕ آسہِ بارَضا
اکھ دِیُت مول تہٕ بییہٕ دِیت مال — کتھ کرِ نہٕ روٗستے تتھ چھکھ حال
غلہٕ وزنہٕ روٗس دَر انبار — جائز چھُ ہنگہٕ منگہٕ کنہٕ کنہٕ یار
کُلہٕ دِرے گنہٕ تہٕ میوہ تہٕ دَپ — نَتہٕ روزِ میونِش خائلی تھپھ
تولُن مینُن کُنُن دے — پر کھاوِ دیارَن ہونس چھےٚ
جائز لبہٕ نہٕ سیہ ہیٚبہٕ سےٚ — اکھ کٔڈِ مول تہٕ زیادٕ دِیُت بی
بنداہ لوکٹےٚ مُلہٕ ہیوٚتُن ! — رٕچھتھ پیٚنہٕ نے ماجہ دِتُن
کُن کانٛسہٕ کینژھا یا بخشُن — رَٹہٕ ؤنی ہیو ؤنی واتہٕ پھیرن
لایق مینُن تہٕ وزنس ییٚتی — توٗلتھ دوٗیمِس ہیونس دِیہٕ
موہلت دِنَس چھُنہٕ رَوا — قرضس ہیٚنیہ تہٕ چھُس رَوا
کانٛسہٕ ہیٚوت مالا یا موہلت — مُہلژ تامتھ نزِ منگ تتھ
قرض دِیہٕ کینژھا مہلژ سان — تمیٚ ساتہٕ منگُن تہٕ جائز زان
غبن فاجش بیع وشرہس ڈٲو — یوٚد نہٕ پھیر شرہس دُرس بنہٕ آو
جائز لبنہٕ کانٛسہٕ ہُند لاب — جنس جنس ہیوٚن زیادٕ چھُنہٕ داب

## بیعِ مسلم

بیہ آو جائیز بیع مسلم
شرط چھی ستھ تتھ نزِ زیادٕ کم

جنس تہٕ مقدار مدّت مکان
صِفت تہٕ ہے قسمے کرٕ بیان

تتھ جایہِ روبرو گیہ رس رز
رہتہٕ کھوتہٕ کم مدّت تتھ مزِ کز

غلہٕ تہٕ ژوٗنٹھ ڈوٗن بینہِ ٹھوٗل
مَسمی کرٕ ہکھ چھُے قبوٗ ل

دالہٕ تہٕ بستہٕ بیٚنیہِ انار
لأر تہٕ خربُز چھُنہٕ درکار

چوبَس تہٕ موختس عقد سلم
تھووہٕ عألمو نزاہ مُسلم

## ضمانت

ضأمِن نفسَس یا مالَس
سپنے کأنسہِ جأیز چھُ تسَ

حوالہٕ کرِ کانْہہ کأنسہِ دین پننُ
قرض دار راعضی آسہِ دُرس سپُن

حأضِر ضأمِن یوٚد کرٕ کینْہہ مدّت
حأضِر کرنس ییٚلہِ منگہ تتھ

زانِنہٕ ضأمِن تہنْزے جا
تہندُے منگُن تسَ چھُنہٕ رَوا

یا تے بخشِہ کانْہہ قرضدارس
ضأمِن موکلیو کینْہہ چھُنہٕ تسَ

## قاعضی

قاعضی پزِ سُے یُس شرعُچ وَتھ
زانِہٕ، تہٕ وارٕ کرِ تمہِ چی کتھ

عألِم تہٕ صالح ہنز پزی لوٚر
تنُدی بدخویہ نِشہِ آسہِ دوٗر

دوشوَے خصم تھاوِ دَر نظر    بیہنس دوٚ تھنَس برابرَ
محکمہ ژٕت چھےٚ در مسجد    گرِس اَندر یہنٕ مزِ کرضد
ثابِت ییلہِ سَپنی نِشہ دَعوا    تِمہ ساتہٕ کرناوِ حق آدا
دِژٕ تے یا تس خصمن تنَ    شینٕ ریتھ لاینٕ تہٕ قائد کرن
گواہ ہیتھ حکم ییلہِ کرِ قاضی    مَہ گرِژھن پھیرِ ڈنِس اَدِ راضی
حاکم ییلہِ قاضِس دیہِ روخصت    اَدِ سپداوِ نائیب سوٗے چھےٚ وَتھ
حکم ییلہِ سَپنی دوٗن منز اکھ    حکم تہٕندٕ قاضی مَنزِ پھرٕ اکھ
قاضی ہندِس نائیبہٕ سُند حکم ییلہِ آو    قاضی چھُنہٕ ظاہر جائیز تھاو

## شہادت

شہادت جائیز واجب دِنی    ژائِنتھ لگہِ نہٕ تی کھٹنی!
کھٹنک ہِژ ییلہِ آسہِ لایقِ حد    جائیز چھہ راضی گژھ احد
عاقل تہٕ بالغ نماز گزار    جائیز چھُ شاہد پرہیزگار
جائیز چھُ بوٗزِتھ شُبن جایَن    نسبس موتس نکاحِ زنِ
دخول تہٕ وقف تہٕ وِلایتھ    آسے تہٕ جائیز بوٗزِتھ تتھ
حدِ دِشمت تہٕ بے بصر    لگہِ نہٕ بینیہِ تاج آسہِ لِسر
مائِس تہٕ لگہِ نہٕ بینیہِ اُمتسَ    مولا غلامس بینیہِ مخنث
سازندٕ شرابی ہینیہِ نوحہ گر    بول ییٚس ہینیہِ کرِ بر رہگذر
دوٚ ڈِمول دوٚ ہٕ ماج پزن تم گواہ    جائیز چھُ بٹنس گواہ بَٹا

دعوہس وکیل کرُن چھےٚ دُرس | زنانہٕ مستوٗرِ بیٚنیہِ مردِ شُست
یا شخص نایب آسہٕ دَرسفر | قضا چھُس وکالت چھیٚنہٕ بہتر
موکل وکیلس کرِ رخصت | جائیز چھُہ وکیل آسہٕ عاقِل تتھ
دعوہَس جنس تہٕ مقدار اَن | زمینَس ژور حد داہ دَپَن
زِ بے حد دَپنے چھُنہٕ رَوا | کرِ تہٕ تَتھ ہیوٚکنہٕ دَعوا
مُدعی یُس آسہٕ انہٕ سُے گواہ | قسم چھُے پزِ تتھ منکرسے راہ
زِ گرِن دعوا اُکس چیزس | تاریخ بزو ہیٚ لیَس آسہٕ بخش تسَ
مُدعی تہٕ خصمی آس یکجا | مانع آسہٕ نہٕ اَز دعوا !
کرِ ییلہِ دعوا مزِ بوز تس | اُمی پائٹھی تژنے وٚری ییلہِ گژھہِ نسَ

# اقرار

آزاد بالغ کرِ اقرار | کُنہٕ بیٚٹھ چیزَس چھُس اختیار
غلام تہٕ کودک کرِ اقرار | حَدٕ وَرائے جائیز چھُنہٕ کینہہ کار
گندم بستہٕ تہٕ خفرک نوٹ | کُنہٕ کرِ اقرار لازم کھوٚٹ
دَپہٕ کُنہٕ فلائن سُند چھُے میہٕ بیٚٹھ چیز | مول تہٕ قیمت دَپہٕ سُے نیز
تہندُے قول چھُے باقسم | دعوا زیادٕ آسہٕ یا آسہٕ کم
زنانہٕ گے پاٗدا زِ شوھر | یُس کرِ اقرار تس پُشر
ہنگہٕ منگہٕ دوٚیمی شاٗہدِ اَفی | توٚپتہٕ سوے زن واتہٕ تَس دِفی
طویلس گرُ تہٕ بیٚنیہِ خچر ! | کرِ کُنہٕ اقرار چھُنہٕ مُعتبر

اِقرار کرٕ کانٛسہٕ باقسم ! — اِنسانٛ ہِلہٕ وُس گژھہ برہم
ووپرس اِقرار کرٕ مولو — تۄ پتہٕ دپہٕ زِ چھُہم گۄبرو
نسب گوٚ ثابت ژۄل اقرار — یُتھ ہیٚو اقرار چھُنہٕ درکار

## صلح

ثابِت سپد یتھ ییٚلہِ مُدعا — صلح ییٚلہِ سپنی چھُے رَوا
دعوا ییٚلہِ آسہٕ مال تہٕ زَر — نکاح ، بندگی ، چیز دیگر
جائِز چھُ صلحے نٕزِ دَر حَد — قصاص تہٕ بیٚیہِ زٕ ان صلح چھُ بد

## اَمانت

کانٛسہِ نِش کانٛسہِ تھوٚ اَمانت — راوے تاوان واتہٕ نٕ تَتھ
واجب چھُ مال یَنٛن وارٕ تھاوُن — پانَس نشہٕ یا نِشہٕ باژَن
اَمانت دارٕ تَس ییٚلہِ منگہِ مال — دِیہِ نے آسِتھ چھُس وبال
راوے تۄ پتہٕ چھُس تاوَن — دِیہِ نے تہٕ حاکم تَس دِیاوِن

## وٕزم وٕرُد

جائِز چھُ منگہٕ نے کانٛسہِ پَہا — دِیہِ تَس تورٕ تہٕ چھُس اولا
پَہا زمینہٕ کوناہ وَوِہے گُل — یا تے ہاکھ کیرٕ یا کیرٕ گُل
مالِک ییٚلہِ منگس تہٕ تَس دِین — وٚو مُت تمہٕ نِش سور کڈِن

زراعت خاطرٕ کأنٛسہِ دِیُن — وَنہٕ برونٛہہ تس لگِہ نہٕ ہیٚوٗن

بخشن کأنٛسہِ کینٛژھا تمۍ روٗٹن — عاقل ہٕ تہٕ آزاد آسہِ روٗٹن

مکروہ چھُ پھیٚرِ تھ یوٚد نے ہین — پھیرِ کرِ زِنہٕ بیٚنیہِ نزاہ ستین جاین

کُل یِیٚلہِ کھسہِ نےٚ زمینہٕ اندر — یا تے فربہ گژھہ گرُ خر

یا مرِ بخشش مُت از اجل — بیٚنیہِ یِیٚلہِ گژھہ تتھ گُنہٕ خلل!

بیٚنیہِ یِیٚلہِ بخشی بی سُند مال — بیٚنیہِ یِیٚلہِ راوی تتھ چھُ حال

بخشناوِ زنانہٕ تھان مہر — تتھ اندر گرِ تس غلبہ تہٕ قہر

مَرد آسہِ غائب بخشُن چھُ بد — زنانہِ جائز چھُ کرِ سوے رَد

ژوٚنژ کأنٛسہِ بخشتھ اَز کرم — بچہ یِیہِ بخشنہٕ دَر شکم

بخشنُک حکم چھُ عارا تس — قبضہٕ برونٛہہ پھیرُن جائز چھُ تس

## اُجرت

مزدوری ستر سِ تہٕ بیٚنیہِ دوٚبِس — کأم یِیٚلہِ سپنی تہٕ پتہٕ دِس

کرایہ گرِسٕ بیٚنیہِ زمینس — پزِ تتھ دوہ لازِم گژھہ ہینس

سپدِ یو کاندر ژوٹ گرِ تھ — تو پتہٕ مزدوری گژھہ تس دِتھ

دیگہِ ہند کرایہ پزِ تیلی دیُن — دُرس یِیٚلہِ سپنی بتہٕ یا سیُن

مزدوری مہ ہیٚین بانگہِ امام — ریٚژھہ تہٕ بانگی مز ہیٚ تام

دوہ دِ ماچہ اُجرت بیٚنیہِ دیُن — شُرِس لائق سوزِ کھیٚیِن

جامہ راوِ رنگرِس یا دوٚبِس — یا تشہ ہونٛدا اکہ پیٚہلِس

پزِ تس تاوان سور بھا　　زِ چھنگ ییلہِ ہٕ بر پروا
لوٚ ہٹے گژھہ تس یا پینہِ ژور　　تمہ کےٚ تس پیٹھ تاوان چھُ پور

# خوف

کانٛژھا کأنسہِ دپہٕ یُتھ ہیوٚ کر　　نتہٕ ژےٚ مارتھ باتبر
دپہٕ سےٚ بیمہٕ عزتی کُن پھرن　　کُنہِ سےٚ تہٕ واہٕس پھِرتھ ہیوٚن
دپہٕ سےٚ سور کھیہِ چیہِ شراب　　نیہےٚ آہسس تہٕ کھیٚشن چھُس داب
مُہہ نِس مال بیٚنیہِ کُفرا پر　　دپہٕ سےٚ تہٕ مرنےٚ چھُس بیٚہتر
کرناوِ ییٚلہِ کأنسہِ زَن جُدا　　یا بنٛد کرناوِ کأنٛسہِ رہا
مہرتہٕ مول ہیٚنیہِ دیوٚ تس　　کُنہِ چیز لبہ ہٕ گرو تس
تصرف مأتس چھُنہٕ یوٚ کٔتس　　روا یوٚدن تی ڈلی دِیَس
بندس روا چھُنہٕ کارہٕ بار　　آہنہٕ نےٚ تھاوِ تس اِختیار

# بلوغ

شُر گژھہ بالغ ییٚلہِ یوٚ کٔتس　　احتلام یا کوٗرِ شُر لگِس
یا نےٚ انزال گژھہ ظاہر　　سُے چھےٚ بالغ گژھنگ سِر
کوٚ نس ییہِ سینتھ اَرداہ سال　　اَدٕ چھےٚ بالغ آسنگ حال
بالغ گژھنگ کرِ اقرار　　کانٛژھا تتہِ تی چھےٚ اِختیار

## لوٗٹھ

لوٗہٹری سٕے گوٚیُس نِیہٕ مال
کاٲنسہٕ ہُند ناحقہٕ چھُس وَبال

لوٗٹر دٕپہٕ زِمےٚ نِشس مال
رَوا پہٕ حاکمس ہێنس حال

یانے دیاوہٕ بس مولا تیتھ
ہیوٗ چھُس ہے یَس ہوی وٕتھ

یانے کینہٕ ہنکِہ دوہ کے مول
ہے نس سُے چھُے پٕزی پاٹھی قول

مثل نے آسہِ بس تیتھ بہا
لوٗٹکِہ دوٚہمٕک ہێنک با

ماٲلکہٕ سُند چھُ مول معتبر
گواہ یێلہِ دپہٕ تَس مال یا زر

آسہٕ ہٕنہٕ گواہ تَس لوٗہٹری سُند
دریہٕ ساں دَپہٕ نٕے آوٕ پَسند

## شفعہ

جاٲیز شفعے واہر منگنَس
زمین یێلہِ نکھہٕ آسہٕ زمینس

شریک یێلہِ آسن ہٕرے کس
اکھ زوٗن کینہٕ بیاکھ مُلی ہے یَس

توٗپتہٕ ڈیُن چھُے تَس ثواب
یَس ستی مشترک چھُے رِہ آب

توٗپتہٕ راہِ خاص یوٚس مِلوِتھ
آسہٕ تہٕ شفعہ تس گرِژھہ دِتھ

توٗپتہٕ یَس آسہٕ پَتھ کُن جلے
تَس پزِ شفیع بَرتی مامے

شفعہ گر اکھ یێلہِ لوٚزکہٕ زہتھ بی
تمہٕ ساتہٕ واجب چھُ تَس دعوا

بێیہٕ گرِژھہ تھوٗنے تیتھ پہٕتھ گواہ
کرِ نٕے دعوا گرِژھہ تباہ

ماٲلکن شفعہ دارس یێلہِ ڈیُت
کینژھا، تہٕ کینہٕ نگُ رخصت ہیُت

گرِژھہ تَس پھِرتھ بێیہٕ ہێنز
شفیع فکر تس مزپے یَن

کائنسہ دِتی دۄ نوے کائنسہ زمین
گریستس دانہ بال پانہ آسین
خرچ اخراجات دِن دۄ شوٗے
اُڈس اڈ محصوٗل کھیٚن دۄ شوٗے
ہوٗ دِے کارنہ کیتھ گنڈِتھ
دعواہ ییٚکہ زِ نہ آد کٔرِتھ

## ذبح

کھشہ ءستی حیوان گژھِ حلال
مارِ سےٚ موٗمن سوٗے چھس حال
زَن تہٕ لوکٹے ییٚلہ زانہٕ کار
جائیز چھُ یوٚد دِیہ تس ژٕ مار
کھشہ وِزِ پرِ زِ بسم اللہ
اللہ اکبر سوٗے چھےٚ راہ
ذِبہ ہیچ جاے چھےٚ سینہٕ اوٗنٹھن
سینس تہٕ حلقس منز بن
تیز پی آسہ تہٕ تمہ ءستی مار
کٔنز تہٕ بیمہ نےٚ ییہ درکار
زخم ییٚلہِ لگہِ نس نیرِہس جان
اَمِہ کھشہِ ءستی ژٕہے حلال نان
یا کرِ حرکت یا پکہِ رَتھ
حلال زانُن چھےٚ برکت
ہوٚنڈِس حرام چھی چیز سَتھ
فرج ، ذکر ، کھایہ، پِت رَتھ
غدوٗد تہٕ مثانہ بیٚیہ ژٕہے زان
مقدتہ تلہ پیوٗت چھُنہ کھیٚن جان
گاڈ تہٕ ہالو کھشہ روٗستےٚ
مذہب دارَن حلال چھےٚ
گرُی ہنز ناڑ چھےٚ کراہت
پژھ کٔرِ امامِ اعظمو کتھ
حیوان کلہ کِنز گو کیٚہ رس
مأریتھ زانکھ نہٕ زخمے دِس
کھشہ وِزِ کلہ ییٚلہ گو جلا
کراہت ساٚنے چھےٚ روا
قُمری کُکِل تہٕ بیٚیہ خرگوش
زاغ کشت حلال چھےٚ کرنوش

پرنے بسم اللہ اُکھتھ تیتھ ہیو حیوان ہکی زِ نہ کھیتھ
کھشہِ وِزِ بسم اللہ گو مَشتھ حلالگ حکم گژھ تس دِتھ
محبوس تہٕ کافر بیٖیہ مرتد مجرم کھش کرِ زان با بدٕ

## قربان

مؤمن آزاد کر قربان مال دار آسہ تہٕ واجب زان
پانس کیٖتھ تہٕ بیٖیہ لوکٹس نیچوس چھس نہٕ کر بڈس
اکس اکھ ہونڈ قربان آو ستن گاو اونٹ بیٖیہ کن تھاو
مسافر غلام بیٖیہ مسکین کافر تہٕ قربان نز تھر ین
واری شن ژھاوُل دہ ہر گاو پانژ وہر اونٹھ جائز آو
ماد آسہ نر آسہ یا بالہ جائز چھ سارِی پزِ تھ حالہ
لگہ نہ لاغر بیٖیہ لونگ کون لٹی ژوٹ کہنہ ژوٹ کانسہ نہ مون
آسے ژوٹمت اڈ کھوتہ کم لگہ سے قربان مزٕ کھیپے غم
روٗسی کٹ ہانگل بیٖیہ میخر گرتے قربان کانسہ نہ کوٗر
عید ہند صبح بیٹھ تریٔن دوہن تام پزِ پاٹھی زانِو وقت قربان
زانہ نے پانے کھش کری نس زانہ نے ڈین باو وہ پرس
ترنے حصہ کری نس، اکھ خاراتھ دیہ تہٕ تمہ سنتی لبہ برکات
بیاکھ حصہ پانس کیٖت تھاوے بیس تہٕ دیہ تہٕ نز راوے
وقتہ نے کرنے او قربان کہنتھ خاراتھ کرن چھس جان

قرباں سَپنی قیامژ گر     سُے کرِ قرباں، یُس ماز ژور

## شکار

وارِیُل پأز تہٕ ہوٗنی شکار     کرِ تہٕ سُے ہیو جائیز ژار
ہیٚنچھ نأمِتی ییٚلہِ تِم آسَن     ناد دِنہٕ تِہندے بیٚنیہِ پھیرن
بِسم اللہ پٔرِتھ اَتھ تراوَن     دَپہ نے تِشکار مز کھیاوَن
اُمی پأٹھی ییٚمہ ساتہٕ تراٗوی تیر     بِسم اللہ پٔرن سُے امیر
ہنگہٕ منگہٕ زنٛدٕ گو کرِ رفتار     کھشِہ رٕوٗس ییہِ نہٕ کیٛتھہ تہٕ درکار

## رہن

بند تھاو کأنسہِ نِش با رَضا     ایجاب و قبوٗل گوڈٕ کر با
ییٚلہِ تَس پُشرِو زِ بند تَس روو     ضأیِن سوٗمبرِتھ تاواں دیوو
آسے دِینَس سُہ برابر     برابرٕ گی تہٕ چھُنہٕ خطر
آسے کم و جادٕ چھُے حساب     زیادٕ روز اَمانتھ تی چھُے داب
بندٕ وول ییٚلہِ دیہِ بندس دیار     اَدٕ پزِ ڈِپی تس ساتھا پژار
بندٕ رٕوٗس رخصتہٕ رٕوٗس کُنہٕ مال     رٕو خصتَس پیٚٹھ چھُے موقوف حال

## مکروہ تحریمی

حرامَس نزدیک چھُے کرَاہتھ     پی گُر امامِ اعظمو کیٚتھ

صاحبو دوٗپ چھ عین حرام    نیٚز ننہٕ کرِ کاہنہ صبح تہٕ شام
خبر دود اونٹہٕ سُند بیٚیہ پیشاب    مکروٗہ ہٕنڈی سُند تہٕ تی چھے داب
سوٗہ سُند روٗہ پہ سُند باہ آسُن    مکروٗہ مَردن پنٕز زانُن
پاٹینگ جامہ تہٕ بیٚیہ ژادَر    وَلہٕ نے حرام مَردس کَر
پاژ پینز تہٕ ہتھر وونُن    آسے تہٕ جائیز چھے وٕلُن
موٚیس پاژ اَز بدعت    رَز چھے تی ژٕے کٕری زٕ تہٕ تتھ
کنہٕ ہنٕز واجی یا اَز زرر    یا نوٚے شسترٕ چھے برتر
خُبر ہشٕنز نرٕ زنگہٕ بیٚیہ بُتھ چھُ    حرام ووہ پرس پیٹھ وُچھُن
جائیز چھ حکیمس دادِچ جاے    ہاوُنی، تیٚتھ ہیٚن بخشہٕ خداے
حاکمس نبِضہ بیٚیہ گواہس    جائیز چھُ یوٚد وَے پان ہاوس
مَردُوچھ آشنہٕ فرجس کُن    جائیز چھُ یوٚ ونی بنہٕ وُچھُن
بیگانہٕ زنانہٕ تھپھ اتھس    لگِہ نہٕ آسی یوٚد کرنس
ژونز ہیٚنیہ پزارُن تس اکہٕ رتھ    یا گژھ اکھ حیض سوے چھے وتھ
یا گژھ حملہٕ نش سوے خلاص    توٚ پتہٕ پانہٕ ونی میلُن چھُ خاص!
اَگ ہشٕنز ژونزی دوٚپ اَکس    بوے تمی ماکس ژٕے پُشرس
تمی کرٕ پژھ تہٕ تس پزارُن    تیتس مُد تس یی اَسہٕ وُن
شُرس نوٚن آسہٕ سِہر ذکر    لبِہ نہٕ تس یی زِ خوتنا کر
ایمان ییٚلہٕ اَنہٕ بوڈ کافر    ختنہٕ ءِ ستی بیٚیہ سہ مز تس لر
کاہنہ مارِ کانسہ با تبر    پلہٕ یے تس تی قتلے کر!

کأنسہ ترٛوو کانا ہَد فسَ کُن — کو ہنہ آو مارہنہ دٔیت چھُس دِشُن

کفارت تہٕ تسَ پیٹھ چھےٚ واجب — یوٚد نہٕ تہٕ مارنس اوس راغب

کفارت ژٕ بنٛد آزاد کر — یا دوٚن ریتہٕ ہنے روزاہ در

کامل چھُ اوسہٕ اکھ ہتھ — پنٛژہ یکساہ دوٚن آسہ لتھ

پنٛژہ دوٗ ساہ پادر ہیہ — پنٛژہ سیے ساہ ہی آسہ

پنٛژہ ژوٗہری بیٚیہ ژے بر — یا ژٕ ہزار دینار زر

یا دِ درہم دہ ہزار — مومن نہٕ ذِمے برابر ژار

مارے گوٚ برس مأج پدر — واتہٕ نےٚ مارنےٚ تتھ اَندر

مارنأ نی بُڈ بب یا مولا! — بندس تہٕ مارُن چھُنہٕ روا

کأنسہ ژوٚٹ کأنسہ اَتھ کھور گن — حکم چھُ ژِ تسَ تہٕ قی ژٕ ٹن

اُچھ کڈِ کانژہا کأنسہ اُکس — اُچھ کڈِ نی تسَ قی حکم دِس

کأنسہ کوٚڈ کأنسہ زورٕ سیتی دَند — بیہ نےٚ تتھی جایہ دَند لیسند

یانژھ درہم چھس لازم — دِیہ نےٚ دٔیاوِن تسَ حاکم

کأنسہ دِژ بار دارِ شکمس لتھ — شُرموٗد زٕتھ تہٕ چھُس دِیتھ

زادے موٗد مُت چھس درہم — یانژھ ہتھ دِنی نزٕ زیاد کم

کأنسہ ہندِ گرِ دِژ کأنسے لتھ — یا ژوٚپ دیہ تہٕ نیرے رتھ

آسے استاد وتہٕ بیٹھ بُہ — مأکس زخمک تاوان چھُ

آسے پکہٕ دُن تہٕ ووٚتھ غبار — کأنسہ ہنٛز اُچھ کڈ چھُنہٕ اعتبار

وتہٕ پیٹھ موٗدمُت لوٚب مور دا — قاتِل مولوم سپہ نہٕ زاہ

کورِ ہُند اوڈ تہٕ نیچوِ سُند اوڈ  کینژَو دوپ تَس کیتھ ارٲ کڈ
کینژَو دوپ ستھ حِصہ ترٛے ہین  کینژَو دوپ پانژ حِصہ بادین

## مناجات تہٕ اند

یارب ہاوتَم پزرِچ راہ  سأرے چھہ رحمت چأنی درگاہ
توفیق علمُک بخشتم جاں  منوّر کرتم سورُے پان
بار صأحبہٕ رَٹتم کینہٕ نِش دوٗر  دِلہٕ ہے دِتہٕ عرفانُک نوٗر
تٕرِیے کُن گران چھُس زار تہٕ پارٕ  دُنیہٕس عقبہٕس منز مَتہٕ کرتہٕ خارٕ
پَتھ کالٕ اخر دِتہٕ ایماں  جنتس جاے ماچہ مأیس سانٕ

میر عبداللہ اُمید وار
ییتہٕ روٗٹ تمٕ چونُے دَربار

## ناجی منورنہٕ کیہنہ کتابہٕ




**پین پروڈکشنز**

ISBN -18-87581-02-6